# أزِیُک کأشُر ادب



کشمیری بھاشا و سنسکرتی پرتِشٹھان (سمپرتی) جموں

# سُنتی سر

3

## "اَزُک کأشُر اَدب" سیمنار نمبر

ایڈیٹر

رتن تلاشی ۔ رتن لال جوہر

کشمیری بھاشا وسنسکرتی پرتِشٹھان (سمپرتی) جموں

# ترتیب

کتابہِ ہُنٛد ناو — نسٕتی سر

شُمارٕ — ۳

چھپنٕ وری — ۱۹۹۸ء

مُرتب — جوہر ہلآشی

ناشر — سمپرتی (رجسٹرڈ)

خوشنویس — موتی لال مسروٗف

موٗل — زٕہتھ ہتہٕ پنٛژٕہہ ۲۲۵ روپیہ



مقالن اندر ظاہر کرنہٕ آمتین
رایَن سٟتۍ ادارُک پوٗرٕ یا جُزوی
طورٕ مُتفق آسُن چھُنہٕ ضروٗری

خط و کتابت کرنک پتہٕ :— ۴-۹۰- شُبھاش نگر جموں - ۱۸۰۰۰۵

# سمپرٔتی، ستی سرتہٕ سیمنار

جۆمِس منٛز کأشرِ زبأنۍ ہنٛزِ کامہٕ کأژاہ اہمیتھ چھہٕ امیک انداز ہیکہٕ بیٚیمہٕ کتھہٕ ستۍ سپدِتھ زِ سانہِ تنظیمہِ (سمپرٔتی) ہنٛدِ طرفہٕ بیٚیلہِ پرٛس (۱۱ جنوری ۱۹۹۷) گوڈنیک سالانہٕ دوہ مناونہٕ آو جۆمیک مشہور ابھنو ہال رۆد صُبحہٕ کھہٕ بجہِ پیٹھہٕ شامہٕ چیٚن نوَن بجن تام لُکو ستۍ بریتھ۔ یم لُکھ آسۍ نہٕ کُنہِ سیأسی مُدعاکنۍ سمیمتی بلکہِ یم آسۍ کأشر ادب پرٕن ژرٕژن وألۍ، لیکھن وألۍ تہٕ کأشرِ کھمیرِ کُنہٕ تہٕ قیمتس پیٹھہٕ رٲژن وألۍ لُکھ۔ اکی دوہہٕ سپٕد سیمنار، ستن نٔوین کتابن ہنٛد اجرا، اینٛتر مین ذہن ؤرہٕ ین اندر سیکھہٕ تہٕ شایع کرنہٕ آمژن کتابن ہنٛز نُمایش، موسیقی ہنٛز محفِل تہٕ ژورن زبانن (کأشُر، ڈوگری، ہندی تہٕ اُردوٗ) ہنٛد مُشاعر تہٕ یم سُہن فاتیٚ تہٕ نگرے آہتٕ آسۍ تم رٕوژی برابر جوشہِ سان ہرتھ پرۆگرامس منٛز جیٚپہٕ نوان۔ اُسی رۆدی انکساری ندامیتہٕ تہٕ تشکرِ سان وُچھان زِ یتھ ہیٚو خألِص ادبی اجلاس ووٚت کامیأبی سان انٛد۔ چھُنا کمی تأنی وۆزنمت زِ دینہٕ والین ہنٛز چھے کمی نہٕ تہٕ چھہٕ رٹن وول پرتھ طرفہٕ تہٕ پرتھ شایہٕ شابش کرنس موجوٗد۔ ینہٕ پیٹھہٕ یمن بدقسمتھ کأشرین جۆمس منٛز گزرٕژھ وقت گُزارُن پیوان یہٕ بُدیہٕ یمن تمہِ زبأنۍ تہٕ کلچرٕچ کل ییتھ وأوی منٛز رۆزِتھ (شاید) تیتھرٕ پۆشنے چھے نہٕ سپدان یتھ وۆمید چھے۔ مگر ییتہٕ چھہٕ یم امہِ عأطرِ کرنیشان روزان۔

تہٕ پرٕ تنقید برچہٕ پرنہٕ پیٹھ ہیتھ ژھۄپہٕ بوزنا تہٕ ژرژن وأنِس ژیٚنہِ ہنا مُشکل گژھان۔ مگر ساأنی سامعین اأسی خوش تہٕ شکوٗر۔ ۲۰ اگست گنگہٕ اہم شاردا اٹھم ادس زاتہٕ دۄدنہٕ مطأبق لل دیدہ ہُند زاہ دوہ۔ اسہٕ کوٗر یُتھ یہٕ سیمنار کأشرٕ زبانِ ہنزِ تِس بخشیہٕ بجہٕ ماجہِ کُن منسوب۔ گوڈنِکس پرچس منز اأس اأس لل دیدِ اکہِ نوٕ زاویہٕ کنی سلام ہیتہٕ آمت۔ پتہٕ آیہِ لل واکھ تہٕ پیش کرنہٕ یم ساأنی اکی دوہ تھوڑی گلوکارن گیوٗی۔ منز منز تہٕ آو واکھ بوزناوِتھ بوزن والین ہُندس رتنہٕ ناونہٕ۔ سیمنارٕچ صدارت کٔر ڈاکٹر امرناتھ ددہ تہٕ ڈاکٹر بھوشن لال کول مأیِن۔ بہرحال چھِ اکھ کتھ یتھ سیمنارس منفرد شکل دِوان یوسہٕ باونس منز اسہٕ فخر چھُ۔ اسہٕ اأسی ترٛن ہالن ہنز اکھ کمیٹی تأیم کٔرمژ یمہٕ تحقیقی پرچہٕ گوڈے نظرِ تہٕ پرکھاوِ۔ مُنصِف آیہٕ مضمونن اظہارس تہٕ زبان بہتر بناونس متعلق مشورٕ دِنہٕ مگر پتھے پتہٕ۔ بیہہ نو سٹھا حدود دِمہِ باوجود کٔر "سمپرتی" ییتہٕ پیا اکھ مثال تأیم۔ مقالہٕ نگارن آو مقالہٕ لیکھنہٕ خأطرٕ کم کاسہٕ محنتانہٕ دِنہٕ۔ تنظیمہٕ ہندین شرکت کرن والین ممبرن آو بطورِ ممبرٕ تہٕ کینہہ دِنہٕ۔ یہٕ سورے گژھ یمہٕ کتھ ہندس پس منظرس منز وُچھنہٕ یُنا ترٕ وُنِس تام چھہ صرف ریاستی کلچرل اکادمی اسہٕ "ستی سر" چھاپ کرنہٕ خأطرٕ فقط روپیہ ترٛے ساس دِژمتی۔ یہٕ دِنہٕ تنگ چھُنہٕ حاجتھ تہٕ یہٕ رقم چھُنہٕ تمہِ خرچک پانژیم حصہ تہٕ۔ تہٕ کٔرتھ تہٕ چھِ اسی اکیڈمی ہندین ارباب اقتدارن ہندی شکوٗر زٕ جوٗم شہرس منز کأشرٕ رسالہٕ تہٕ تنظیم ہندہٕ تھونک ترٛوتھ کوٗرکھ عرس۔

اأسی چھِ ییٚنہٕ نیٚن تمام پرن والین گزارش کران زِ "ستی سر" ۲ پرٕتھ لیکھن اسہٕ پنُن ردِ عمل یتھ اأسی ہرِوتھہٕ کُن زیادٕ بہتر پأٹھی یہٕ کام انجام اأنتھ ہیکو۔

رتن لال شانت
صدر
کشمیری بھاشا و سنسکرتی پرتشٹھان
(سمپرتی)

۱ نومبر ۱۹۹۸ء
۹۰۴ سبھاش نگر جموں۔ ۱۸۰۰۰۵

ستی سرکِتٲبی سِلسلہٕ چھاپُن چھُ سمپرٛتی ہُنٛد اکھ بوڑ مقصد یُتھ زبانہِ تہٕ ادبس ہیٚکہِ کل سوٗرتھ کٔرتھ کمنی تہٕ سیاسی دِکہٕ گۄتن بیٚیہِ بیٚنہِ زِ وادی منٛز لیکھنہٕ یِنہٕ وٲلِس ادبس پوٚرِس تہٕ سپدِ یُتھ تہٕ یگاہ کُنہٕ وِزِ کاشہِر نقاد یہِ وَنہِ زِ ۱۹۹۰ء کیو حالاتو پتہٕ رۆوُد کٲشرس ادبس اندر کھوٚیا ژھرپرٛیُس تہٕ اَدیب پوٚرِتھ ہیکہِ ہاٗن یِم نیبر آسہِ۔ ستی سرکٕر لگاتار کوشش زِ بیٚیہِ اَند گژھہ تہٕ کاشہِر پرٛگی روزنہِ۔ نمبر ا تہٕ نمبر ۲ یہِ سِلسلہٕ چھاپ کٔرِتھ سپد اسہِ سیٹھاہ خوشوُن تجربہٕ۔ ہتہٕ بدبو پرن والیو سوز اسہِ کٔشیرٕ ہُنٛد یو گوٚنجہٕ گوٚنجوٚ بیٹھ پننہِ نیک خٲہش تہٕ حوصلہ افزٲیی ہُنٛد نتیجہٕ زِ ژھیٚنی تہٕ مٔنی آسنہٕ باوجوٗد کوٚر اسہِ یہِ سِلسلہٕ جٲری تھوونُک کٔرتھ۔

سأنہِ کوشش چھےٚ زِ ستی سر گژھہ نہٕ محض اکھ عام رٹیٖن کِتابی سِلسلہٕ بنُن۔ بلکہِ گژھہ اَمیک پرٛتھ کاشہِر شُمارٕ کُنہٕ نتہٕ کُنہٕ ادبی نوقطہٕ نظرٕ کنہِ اہم آسُن۔ گوڈنِکہِ ژٕ شُمارٕ آسی پتہِ مِین ؤرین ناگری خطس منز چھپیمتیو ادب پارو منز ژٲرِ کٔرِتھ تِمن پرن والین پیش کٔش تھوونہِ آمٕتہٕ ییمہِ نہ یُس پٔرتھ چھِ ہیکان۔ ناگری ییس منز چھُ پرٛتھ ریتہٕ کم از کم دۄن ریتہٕ وار رسالن منز کینٛہہ اہم ادب چھپان۔ بیٚیہِ چھِ امہِ علاوٕ وارِیاہ کتابہٕ تہٕ چھپیمژٕ۔ یہِ ترٛیِم شُمارٕ چھُ پتہِ مِین دٕہن ؤرین دوران لیکھنہٕ آمتہٕ ادبچہِ کینٛہہ اہم نہجہِ وژھناوان۔

سأنہِ کوشش چھِ زیادٕ کھوتہٕ زیادٕ ادب نواز گژھن کٲشرس سرنس سوٚنچس کُن مٲیِل گژھنہِ اَدے کوٚر اسہِ گۄڈٕ اکھ سیمنار ییمیُک موضوع "اَزیُک کاشُر ادب" اوس۔ سیمنار سپُد ۳۰ اگست ۱۹۹۸ء تہٕ جیٚمس منز سپدن والین ییمہِ اہتمامن ہُنٛدِ کُنہٕ تہٕ معیارٕ مطابق سپُد سیٹھا بہتر ماحولس منز۔ بلکہِ نقادن ہُنٛد وٕنُن اوس زِ موضوع تہٕ مقدارکہِ برژرٕ کنہِ اوس گوب پہان تکیازِ اَکی ہے بیٹھکہِ منز اَٹھ پرٛ تحقیق

دِیٛژھے۔ نہٕ۔ وِیٛژھے اگر چھےٚ تہٕ سو چھےٚ ادبی سمن بل کیٛن موقن ہُنٛز فراہمی تہٕ ادبی رِسالن ہُنٛزٕ دٔستیٲبی ہُنٛز۔ اِشاعتی وسیلن منٛز باقاعدٕگی سان نیٚرن وٕدل گٔنے شیٖرازٕ تہٕ خانہٕ مول سون ادب کیٚتِس ؤیاپیہ۔

پٔتِمہ ہو کیشرٕ وٕریٛو پیٛٹھ یِمو حالاتو منٛز سون اَدب اَدیٖب تہٕ دانشور گٔزران چھُہ تمہِ سیٚتی یکپہٕ وٕرٛ سیٚتھ ادبی مامِلن دل دِیُن سپد وارے مُشکِل۔ خاص کر بالہٕ یپارِ بیٚیتہ کٲشر اَدیٖب لارِ تہٕ دارِ ژھکرنہٕ آمٕت چھُہ۔ چناچہٕ چھےٚ "سمپرتی" پٔتِمہ ہو کیشرٕ وٕریٛو پیٛٹھ مُختلِف سرگرمین ہٕنٛدِ ذٔریِعہٕ چھلہٕ چھانگرٕ گٔمتین کٲشرین اَدیبن تہٕ دانشورن سمن بل فراہم کرنہٕ باپتھ سرگرم۔ یِہ سیمنار تہٕ اوس پٔرٕ ھنے سرگرمین ہُنٛزٕ اَنکلہٕ ہیٚند اکھ کوٚر۔ یتھ منٛز موجوٗد دورکیٚن . اَدیٖبن تہٕ خاصکر پٔتِمہٕ ژٕہلِکیٚن ادیبن تہٕ امہِ کیٚن مُختلِف گوشن ہُنٛز تنقیٖدی ہولٲنکون کرنہٕ آیہٕ۔ پٔتِمِس وٕلِس دوران سپد کٲشرِ زبانِ منٛز سیٚٹھا کیٛتُھ تخلیق۔ صاف چھُہ ظٲہر زِ یِمن ذٔریٚن ہٕنٛد اَدب چھُہ تِمن سیاسی تہٕ سماجی حالاتن سیٚتی واٹھ تھاوان۔ اتھ منٛز چھُہ یِمن حالاتن ہٕنٛد گمبیٖر یُس امہِ کیٚس مِزازس تہٕ اِظہارٕکِس ترٲیِس منٛز تہٕ کیٛن گرٛھان چھُہ۔ یِہ مولہ ناونہٕ تہٕ وِیٛژھناونہٕ باپتھ ہیوٚو اسہِ ہمکال ادب سیمنارُک موضوع بحث تہٕ یِہ بحث زیادٕ کھوتہٕ زیادٕ تمام دانا تہٕ تَہہ ٲرٕرین خاطرٕ تھوو ستی سَرک یِہ تریٛیُم شمارٕ یمنے مقالن آیہٕ تن۔

اسہِ چھُہ امہِ کیتھ ہٕنٛد اعتراف زِ ہمکال نقادن ہٕنٛدِ دٔسہ ہمکال اَدب مولہ ناوُن چھُنہٕ آسان۔ وٕدن گو کاہِہ تہٕ ادبی ہولٲنکون چھےٚ نہٕ کانٛہہ تہٕ حتمی فٲصلہٕ تہٕ نہ چھُہ یِہ ادبس مُتلِق وٕدہٕ تُلن والین سوالن ہٕنٛد جواب بلکہٕ چھُہ امیُک مقصد سوالن منٛز مزید ہُرٕر کرُن تہٕ ہرگاہ نٔستی سَرک یِہ تریٛیُم شُمارٕ ہمکال ادبس مُتلِق سوالن ہُنٛزٕ جوابہٕ بدلہٕ

# پیش لفظ

"سُتی سَر" کین گوڈنکین دۄن شُمارن منز اوس اسہِ قارئین ستی وعدٕ کوٚرمُت زِ یِمو دۄیو شُمارو پتہٕ پیہِ "سُتی سَر" فقط اَکِس اَکِس موضوعس پیٹھ شایع کرنہٕ۔ موضوعُک انتخاب کرِتھ پیہِ نقادن تہٕ اَدیبن تتھ موضوعس پیٹھ مقالہٕ سوزنہٕ باپتھ باضابطٕ دعوتھ دِنہٕ۔ "سُتی سَر" کُے یہِ ترتیبی شُمارٕ چھُ تمی وعدٕ پوٗرٕ کرنُک اَکھ کوشش۔

یہِ شُمارٕ چھُ دراصل تمن مقالن پیٹھ مشتمل یِم سمپرتی ہِندِ طرفہٕ لل دٚید دۄہ کِس سِلسِلس منز منعقد کرنہٕ آمتس سیمنارس منز پرنہٕ آیہِ۔ یہِ سیمنار آو ۳۰ اگست ۱۹۹۸ء جیٚٹھِ منعقد کرنہٕ تہٕ اَمیُک موضوع اوس ہم کال اَدب۔ یہِ سیمنار منعقد کرنس تہٕ اَتھ منز پرنہٕ آمتی مقالہٕ شایع کرنس چھُ زٕ مقصد۔ اوٚل یہِ زِ موجودٕ دورکہِ اَدبُک مزاج تہٕ انداز معلوٗم کرنہٕ باپتھ اَکِس اَدبی بحثس دِنہِ ووتلن۔ تہٕ دُویم کأشِر زبأنی ہِندِس اَدبی تنقیدس پننہِ طرفہٕ اَتھ رٕٹُن۔ تخلیقی اَدبہٕ باپتھ چھُ تنقید لابُدی۔ بقولِ ٹی۔ ایس۔ ایلیٹ چھُ اَدبہٕ باپتھ تنقید تیٚتھے ضروری یِتھ شہہ ہیوٚن چھُ۔ اما پوز یہِ کتھ چھےٚ کأنسہِ نِش کھٹتھ زِ تخلیقی اَدبچ ذٕ رلوایتھ آسنہٕ باوجود تہٕ چھےٚ نہٕ وُنہٕ سانہِ زبأنی منز تنقیدچ رلوایتھ تیٚشر مستحکم پیٚٹھ یہِ آسنہٕ گژھہ۔ اَمیُک مطلب چھُنہٕ یہِ زِ سانہِ زبأنی منز کیا چھےٚ اَدبی نقادن ہِنز

ارجن دیو مجبورؔ

# لل دید — اکھ نٔو نظر

کٔشیرِ ہندِس تمہ تواریخی دورس یتھ افراتفری ہنٛد انہٕ گوٹ پریشان کران رود تتھی منزٕ لَلہ ہنٛد پیدٕ گژھُن تہٕ کمالس واتُن چھُ سارے ہندوستانہٕ خاطرٕ فخرُک لایق۔ پزر چھُ یہ زِ اَمِس بٔہلہِ پایہٕ ماجہِ ہندِس فلسفس تہٕ شاعری پیٹھ آیہٕ وارِیاہ کٲم کرنہٕ یتھ منز انگریز تہٕ کٲشری محقق شٲمِل چھِ۔ یہ کتھ تہٕ چھےٚ مٔحی زِ اَسہِ ژٕ پہٕ اَمِس ٹھٔز شخصِیژ ہنز اہمیت آمٕژ سٔنٛد وُنیت تہٕ بجر نالی سوٗتہرس پیٹھ وانہٕ ناوُن۔ "دہمین آف انڈیا" ناوِچ کتابہِ منز چھپنہٕ آمٕژ سٔنٛد ناوٕچہ اتھ چھےٚ کیٛنہٕ "منی وجوہات۔ اوّل یہ زِ لَلہ ہنٛد وَق ...۶ ہتھ وری برونٛہہ آسنہٕ کنہٕ ووت نہٕ اسہِ بُنش تہٕ سورے یہ اتھ دورس منز لیکھنہٕ آو۔ دوٚیُم للہِ ہنٛد ساری واکھ تہٕ چھپنہٕ اَسہِ تام اَتہٕ موکھ واتی مژ زِ یم آے زبٲنی زبٲنی اَسہِ تام تہٕ یہ چھُ بنیوٚن زِ یم لیکھتھ نہٕ آسنہٕ موکھ روز ہر ہمیش سٲنی نظرِ پیٚروٗتی مُلکن گژھنے تہٕ پننہٕ مُلکہٕ چِھن تمن ہنٛزی تیٚن گٔت وُنیت اَسہِ کم توجہ۔

کتھ سہل کرنہٕ خاطرٕ وُچھو اَسی زِ لَلہِ پتہ برونٛٹھ کیاہ اَس انگلینڈس منز زنانن ہنٛز ہنٛز حالتھ۔ میٛون مطلب چھُ اِدبکس دُنیٛہس منز کوٚت آسہٕ تمہٕ واتِھ ہنٛز۔ میانِس سوالس ہیٛنکہِ انگریزی اَدبُک مشہور اَدیب ناول نگار ورجینیا وُلف جواب دِتھ۔ تہندِس

مزید سوال تُلتھ نقادن مزید سوچنہٕ سرنہٕ خاطرٕ دُتھش دِیہٕ تیمہٕ لہٕ چھہٕ اَسی پننس مقصدس منز کامیاب۔

اَسہِ اوس امہِ سیمنارہٕ باپتھ اَپارٕ یپارٕ مختلف عالمن مقالہٕ لیکھنہٕ باپتھ گزارش کٔرمٕژ۔ کینژَو تھوو سانِس نادس کن تہٕ کینژَو کھیٚنیہِ کیتھ۔ تاہم یِمو کیتھ کھیٚنیہِ تِمن ہیکو اَسی زیادٕ کھوتہٕ زیادٕ آیندٕ مولوٚس نہٕ کرنہٕ باپتھ گزارش کٔرتھ تہٕ یِمو مقالہٕ نگارَو مقالہٕ لیکھتھ اَسہِ حوصلہٕ ہُرود تھٔوِ، چھہٕ اَسی سوٚمہٕ شُکرگزار۔

اَسی تھاوو آش زِ سنی سرٕک یہٕ شُمارٕ پٔرتھ سوزن اَسہِ پَرن والی پنیمہٕ لہٕ پنُن ردِعمل ضرور تہٕ کتاب پٔرتھ گوش دِنک عادت مُشراوِن۔

ایڈیٹر

کُنٛڈِس مَنٛز بَنٛد کٔرِتھ، الوِنٛد ژٕرآوِتھ کٔرِ والان۔

۳۔ اکثر اوس منٛزلہٕ شُرِہِنا اَکِس یا دوٚہشُریُک ورِیُک دٕسی خانٛدر گنٛڈِتھ تھوَنہٕ یوان تہٕ یُتھے

شُر دہہِ ماجہِ ہیُنٛدِ یو اتھو منٛز ژھُپہِ آسہِ گژھان، تِمن اوس خانٛدر کرنہٕ یوان۔

۱۴۷۰ عیسوی پتہٕ دہِ یہٕ ہتہٕ وُہرِ سدآہِمہِ صدی منٛز ییلہِ انگلینڈس سٹوارٹ

ہٕسی حکمران کیا حالتھ آس زنانن ہٕنٛز، تَتھ مُتعلق چھُ یوّہے مورخ وَنان۔

1. But this is women in fiction.....

2. Imaginatively, she is of the highest importance, practically she is completely insignificant.

3. She dominates the lives of Kings & consequences of fiction. In fact she was the slave of any body whose parents forced a ring upon her finger.

۱۔ "مگر یہِ زنان چھےٚ (تصوٗری طور) ناولہِ منٛز ہاوِنہٕ آمٕژ ----

۲۔ یوّدوے زنانہٕ تخیُلی طور سیٹھا اہمیتھ پرٛاوان چھِہ مگر عملی طور چھےٚ تمہِ مُکمل

پأٹھی غأر اہم۔

۳۔ تمہِ چھِہ بادشاہن ہٕنٛز زِنٛدگی تہٕ وانانن پیٹھ حکمرأنی کران اماپوز تمِس سأتشہِ

تہٕ مرد شُنٛز غُلام یَس یہِنٛز اونٛگجہِ واج لاگہِ۔

اَکِس نظمٕ نِس چھُ عنوان What if Shakespeare hada sister.
چنانچہ چھے سو یہِ نظمٕ لیکھنہٕ خاطرٕ Trevelyan's History of England
ناوِک کِتابہِ ژھانٛڈ دِتھ وَنان زِ:-

In 147c AD, ie socn after Chaucer's time,

1. wife beating was a recognised right of man and was practised without shame by high as well as low.

2. Daughter refusing the parents choice was liable to be locked up, beaten & hung about the room.

3. Betrothal often took place while one or both of the parties were in cradle and massiage when they were scarcely out of the nurse's charge.

۱۴۷۰ عیسوی یانی چوسَر سِند وقتہٕ پتہٕ اوس انگلینڈس منٛز

۱۔ زنانن چوب دِنۍ مردٕ سِند تسلیم شُدہ حق مانٕنہٕ یوان تہٕ اتھ اوس بڈیو کینہو لوکٕٹیو طبقو دِسی کُنہِ شرمہٕ ورأے عمل کرنہٕ یوان۔

۲۔ یوسہٕ کور عانٛدرٕ کِس مامِلس منٛز مالِس ماجہِ پٔسنٛد نیرٕنۍ کوشِش کرِہے تَس آسی

have killed her.

ڇُرآهه ڦدي مٿنر ٿُمس اُکس زنانه هستيءَ خاطر يوه سه آزاد زندگي بسر ڪرڻ شاعر ۽ ناٽڪ نويس آسه هي تهنڊ ۾ زمس زمس آسه هي شه سنڪٽ ۽ دٻاو ٿيس ٿس خودڪشي ڪرڻس پيٺو مجبور ڪري هي".

انهه بارس مٿنر ڇپي ورجينا وولف تمه وقت ڪيس اُکس پادري شدي محالي ڏنو اُدبي ماڌانس مٿنر زنانئن هستيءَ ۾ پنهنجا سنس خنڊ ڪران :-

Catz can not go to heaven, woman can not write the plays of Shakespeare.

ٻڙار هيکن ۽ سوءِ ڳس گهِسٿ، زنانه هيکن ۽ شيڪسپيئر شدي ڊراما ليکهيٿ". ڇيڪرس ڇپي سوءِ ونان :-

For it is a perennial puzzle why no woman wrote a word of the extraordinary literature when every other man, it seemed was capable of song and sonnet.

"ته ڪٿ ڇو اکه مسلسل پڙهه زيئلي ۾ باسان اوس زڀرٿ ڪاٿهه مرد ڇهُه نظم ۽ سانيٽ ليکهنس اهل، ڪاٿه ۽ زنانه ڪيا زليوڪه ۽ اکه ته ٿيٿه لفظ ليس غار معمولي اُدبه ڪيس واُير ۾ مٿنر پيه هي":

اُسي ييٺلي صدا آهه ڦدي هستيءَ انگليڊ ۾ ج په حالت وڇهٿ واپس لال وڏيه

الزِتھن دوٚرِس مُتلِق چھےٚ ژٕرچِھنا وُلف وَنان۔

One knows nothing detailed, nothing perfectly true and substantial, about her.

"یِمنٛی مُکمل طور پٔتہٕ تفصیلہٕ سان چھُنہٕ تس مُتلِق ٹھوس تہٕ صداقت چہٕ مُبنی یاز پیٹھ کینٛہہ معلوم" سۄ چھےٚ برِوشہٕ کُن وَنان:۔

But by no possible means could middle class women take part in any one of the great movements.

کُنہٕ تہٕ امکأنی ذٔری یہٕ پٕہ نہٕ درمیانہٕ طبقٕچ زنانہٕ کُنہٕ تہٕ اہم تحریکہٕ منٛز حصہٕ نِتھ تہٕ نیٚتھ پأٹھٕ چھےٚ سۄ سوال کرُوٚن

Why women did not write poetry in Elezebthan age?

شُرأہمہٕ صدی ہنٛد حوالہٕ دِتھ چھےٚ سۄ بیٚیہٕ وَنان:۔

To have lived a free life in London in 16th century would have meant for a woman, who was poet and playright a nervous stress and delimma, which might well

"knowledge of drugs & antidots, the preetiee of medicine, the computation of the division of time to a minute extent, laws of Property etc. (P. 17).

"مےٚ چھُ یقین زِ کانٛہہ تہِ انٛزٕ پٕتہٕ آسانی سان یہِ کتھ تصورس منٛز زِ اکھ تہذیب یافتہ قوم یم منٛزن ہینٛدِس دورس منٛز (شہ زمانٕہ یُس سوٗتر تہٕ برہمن دورٕ بڑوٗنہہ اوس) تیٚتھ ترقی ~~پیٹھ آمُت~~ زٕ یم آسی فن، سایٔنس، ادار، تہذیب یافتہ زِندگی ہینٛدی عاش، سونٛکی زیوٗر، زربکتر، ہتھیار، قیمتی داتن ہنٛد اِستعمال، گیونٛکی ساز، رتھ سازی، ہشرٕتہٕ کام، دواسازی تہٕ زہرگاکنس یلاج کرن کم سے کم وَقتہٕ باگے، جاداپکی قونوٗن ہیتھ منٛز ماہر"

تہذیبہٕ رنٛگی ہشراہ رنگدار تہٕ تہدار قدیم کٲشر چھ ہیشرا چھ یہِ ادب، رُوحٲنی فلسفہ، ازلی گیان، توأریخ، فلسفہ، شأعری، شأعرانہٕ تنقید، ڈرامہ تہٕ زبأنی انتزاج سٲنہِ سرس کٲشرِ ہنٛد یہِ سوٗرُے سرمایہ تہٕ ریشن، سادن، سنٛتن ہنٛز پاکیزگی، سادگی نکہ میوا، تہٕ سارِیے کھوتہٕ پزر گارنس منٛز تہنٛدِ ڈینیک عظیم سرمایہ اوس لآرِ ڈکھ تہٕ ادے دژایہ سوٗ تس گوہرس تہٕ پیٹھ یُس پانہٕ سیٹھاہ عٔہدِ پایک گیاٗنی تہٕ کرمہٕ وان (اناٗہل) اوس امہِ باوجود چھُ عبدالاحد آزاد چھ کشمیری زبان اور شاعری (جلد ۱) منٛز لل ہش گیاٗنی ووس ژٕتھ شخصیژ شری طور پٔرتھ تس قنطوٗیت پٕنٛد وناں۔

"اہل وطن بے وطن ہو رہے تھے۔ رہتی [illegible] عملاً بیانیہ ثابت ہو رہی تھی ۔

ہیٚنٛز ژوٚداہم صٔدی کُن پکان چھ اَسہِ وُچھان زِ سیاسی افراتفری، سماجی بدحٲلی
غُربت تہٕ جہالت باوجود چھِ تِل گِرہبار ژرآوِنہٕ ابدی ہیٚنٛز گارِس مَنٛز کامیاب
سپدان تہٕ کاشُر شٲعری ہِنٛد مولِل واکھ عطا کران یِم ہمیشہ پٔنٛن بجر گاشرادان
روزن۔ امیُک خاص وجہ چھُ ہِنٛدستانٕ تہٕ کاشُر سنسکرتی ہُنٛز سوہ باگہِ نبرِژہ
دِتھ لیوہ لآیِہِنٛدس ژتِس یعنی تحت الشعورس منٛز صدیو پیٹھ وسان رُوٗنہ
پانٛنی ہُنٛز مشہور اشٹ ادھیایہِ ہِنٛدس دیباچس منٛز چھُ تھیڈورگولڈ
سٹکر Theodor Gold Stucker ہِنٛدوستانٕ تہذیبس،
مُتعلق لیکھان:-

No one I believe, will easily imagine, a civilized people who at the time of the Mantras (the period prior to that of Sutras and Brahmins) were such as to possess Arts, Sciences, Institutes and vices (devices) of civilized life, golden ornaments, coats of mail weapons of offence, the use of precious metals of musical instruments, the fabrication of cars and the employment of the needle, the,

چھُ سہ آسنکی نہ آسنکی ظاہری بین ملوِتھ گژھنے پتر پتر زٕ ناوان ۔ سہ چھُ دٕ ذٕ یا دوٕ ہی طمہٕ، قریبو منٛز تہٕ مایایہ نِشہ آزاد گژھان، جموٗدٕ نِشہ نجات لبان تہٕ پرتھ ساتہٕ نوم نوٚوے آسان ۔ امہِ باپتھ چھُ پنہٕ ترکہِ دٕذیاہ کرُن، وَن رٹُن تہٕ جسمس تکلیف دِیُن ضروٗری۔

للہٕ ہُنٛد بجر چھُ تِہنٛدِس باوتھ بلہٕ کِس ماٗرہٕ منٛز رٕسن کلپنایہ ہنٛدِس بے پناہ وسعتس سِتہٕ دیٚنہٕ، خوٗبصورت تہٕ رٔژھ ہن جذبن ہنٛدِس اگادھ شِدتس تہٕ لفظ ورتاوُکس گرنہٕ کِس شعورس منٛز موجوٗد۔

مثس گومن چھُے زٕنشُل آسُن
ژہتس گومنا چھُے گژھُن دوٗر
زیوس گومن چھُے لوچھ زٕرلش آسُن
آنٛمس گومنا چھُے نہ آسُن لیپھ

سے چھُ للہٕ ہنٛدِس فلسفس مُتلق سر چارڈ ٹیمپل منٛز یتھ کتھ پیٹھ اِتفاق زِ للہٕ ہنٛدِس فلسفس منٛز چھُ بوٗدھ مت، ناشترک تہٕ شیومتک نوٚو امتزاج۔ تہنٛدین واکھن منٛز چھِ یمن متن ہنٛدین کیتِژن نوقطن منٛز ژھوٚٹ اماپوٚز باگہِ برٛژ تہٕ سٕنٛز وضاحت۔ مگر از یُژھ یہ للہٕ ہنٛدین واکھن منٛز آتِس اَکِس خاص لفظس دَل دِیُن۔ سہ لفظ چھُ "شُنیہ وشُرار"۔ یہ چھُس شری موتی لال ساقی مُنٛد شکر گذار یمو ہیوُن ظوٗن امہِ لفظ کِس اہمیتس کُن پھیُر۔ لل چھِ شیومت کِس شُنِس تجربس ہتی ادبیاتم کین نوقطن تہٕ عملہِ ہُنٛد تجربہٕ تہٕ باوان۔ تصوفس منٛز چھُ ہمہ اوست یا ہمہٕ از اوست عقیدہٕ سیٹھا بوٚڈ تہٕ مرکزی حیثیت تھاوان۔ شیو فلسفہٕ موجب تہٕ چھُ شیوے زگت تہٕ زیوٚ چھُ تمی مُنٛدے

لوگوں کے دِلوں پر حسرت و یاس کا عالم طاری تھا۔ چونکہ شاعری ماحول کا آئینہ ہے
ایسے تشویش ناک ماحول کی شاعری میں ویراگ کی باتیں قنوطیت نہ ہوتی تو کیا
ہوتا۔ گرہستی زِندگی کی عبرتناک مصیبتوں نے لآ عارفہ کو اور بھی دُنیا سے بیزار کر دیا تھا۔"
پتہ چھُ یہ زِ للہِ ہِنز شاعری منز چھِنہٕ نا اُمیدی بلکہِ حقیقتک عرفان۔ دُسیع
کاینانُک محور زانِنچ کوشش تہٕ تمن سوالن ہُند جواب یم سانہِ بدلوٕ وُزریو پیٹھ
اِنسانس پریشان کران رُودی ہتی چھِہ۔

یتھے پاٹھی چھُ للہِ ہِندِس نادس متلق تہٕ سانیوکینژو فارسی موٗرخو سنسکرت
تہٕ زانِنہٕ موکھ زیادتی کرمژ۔ لل چھُ سنسکرت لفظ۔ وی۔ ایس۔ آپٹے ہِنز سنسکرت
ڈِکشنری موٗجب چھُ امہِ لفظُک مطلب :۔

Lolling , wishing desirious , frolic , Dally.

بیتیر دِنہٕ آمُت۔ یمیٚک مطلب :۔ شاَئتی منز روزُن ، پڑھُن ، پڑھا کرُن ، وِہار
کرُن یا پھیرُن چھُ۔ انہ لفظس چھُ "प्रियतम" یعنی "ٹوٹھ" تہٕ مطلب ، لاڈ
پیارِ سان رچھُن تہٕ چھُس مطلب نیران۔ لل آس لوکہٕ چارس منز ٹاٹھنیارِ سان
رچھنہٕ آمژ۔ لہٰذا آسہِ ہے تمہِ زمانکہِ دستورِ موٗجب تمِس مالِنہِ ناو للے۔ لل دیدِ متلق
ننگہٕ نژنس تہٕ چھُ غلط مطلب کرنہٕ آمُت۔ یوہے لل پانہٕ ونہٕ "یوٗ تیہ ژلہِ تم امبر پیتیا
پھپچھا تم آہار اَن"۔

تس کیا ضرورتھ چھُ ننگہٕ روزُن یا ننگے نژُن۔ لل چھِنہٕ سارِنے ہِندِ خاطر
ترکِ دُنیا کرنچ قایل۔ بقولِ شفیع شوق یتیلہِ انسانٕ شعوٗر اَتھ مقامس واتان چھُ

تیرا صاحب ہے گھٹ ماہی
باہر ڈھونڈا کیوں کھونے
کہے کبیر سنو بھئی سادھو
صاحب مِل گئے تِل اوے

پنجابی زبانۍ ہُند بوڈ صوفی شاعر سایں بُلے شاہ (۱۶۸۰ عیسوی) ییٚلہٕ پنٕنِس گورِس عنایت شاہ قادری یس نِش یہِ پرژھیٚنہٕ گژھان چھُ زِ شہ کیتھ لبہِ دیٚیس۔ عنایت شاہ چھُ باغوان آسنہٕ موکھہ امہِ وِزِ تھل کران آسان۔ تس چھُ بُلےؔ شاہس جوابس منز وَنان۔

بلے یا رب دا کی پانا      اِدھروں پُٹنا تے اُدھر لانا

مطلب بُلےؔ شاہ۔

دیہہٕ ہُند لبُن کیا مُشکِل چھُ
ییٚارہٕ گژھن تہٕ ہیٚارہٕ رُوٗن

تہٕ لَل چھےٚ وَنان۔

شِو چھُے اُتھے کُن موگرژھ
سہز کینژھ ہیانہٕ کرتو پرژھ (سہٕ)
سُے ییٚلہٕ ڈیٚو ژٕھم نِشہٕ پانس
سوری سُے تہٕ بوہ نو کینژھ

اُسی پکولۍ ہیٚٹِس سِہز شبدس کُن۔ شبدس تہٕ گوہ شبدس چھُ سانِن شاسترَن منز بے حد اہمیت۔ اَزِ چھُ Big-Bang تھیوری تہِ چھُ وَنان زِ یہِ زگت نیٚپُد اکہِ زبردست

اکہ لوکٕٹہ کھوٚتہٕ لوکٕٹ چھہٕ تہٕ یہ کتھ ہٕنزٕ پاٹھۍ پرزناوِتھ چھہ اِنسان نہٕ شوٗب تہٕ بنتھ ہیکان۔ اَتھ وُٚزنکھ پرکاش تہٕ ومرش۔

صوٗفی مَتک زبردست اثر چھہ اسہِ اِیران کیو ہِندوستانس منٛز ہیلان۔ اکِس صوٗفیس نِش چھہ دِے کُن، سُہ ہِنٛدوٗ مُنٛدٕ آسِن، مُسلمان مُنٛدٕ آسِن یا بیٚیہِ کُنہِ فِرقُک۔ یِتھے پاٹھۍ چھہ تِس نِش سارِنے دھرمن تہٕ مذہبن ہنٛدی اِنسان ہیوٗے یِمن منٛز فرق اَروا تھوٗنٛ جایز چھینہٕ شوہم سوٗیس کاشرِبن صوٗفین ہُنٛد بوٗلہِ منٛز چھہ، چھہ سنسکرت [illegible] [illegible] تہٕ دوٚن لفظن چھینہٕ کانٛہہ فرق۔ شومت تہٕ صوٗفی متس منٛز چھہ گورس یا مورشدِ کامِلس سیٹھا تھوٚد درجہ حاصل۔ مولانا رومی، شمس تبریز تہٕ حافظ ہیوٗ عالمو چھہ یِمی گورِ حاصِل کرنُک تکرارِ کوٚرمُت۔ یِس پوٗز گورِ میلہِ تہنٛدِ خاطرٕ چھینہٕ گانٛہہ مُشکِل۔ چنانچہِ لَلہِ یِس کمال کوٚر تمہ منٛز اوس بیٚیدِ مالِ مُنٛد تہٕ خاص حِصہ۔ ہٕنز پوٗزا تہٕ عبادتھ چھہ ساد کِس پننِس منٛزلس واتناونہٕ امہِ خاطرٕ چھینہٕ تِس دوٚر بدٕر پھیرنک کانٛہہ ضروٗرتھ۔ مولانا رومی چھہ ونان

بے پرو بے پا سفر مے کردم
بے لب و دندان شکر مے خوردم
چشم بستہ عالمے دیدم
"پکھو تہٕ پکنہٕ رُوستے کوٚرم سفر،
وُچھو تہٕ دندو رُوستے کھیوم شکٕر ماچھ
اَچھ وُٹِتھے وُچھم سُہ عالم"

کبیر چھہ ونان:۔

شہو چھےٚ آڈٕ پتہٕ کُن موگُژھ    سہٕزِ کتھٕ مِیانہٕ کرتو ژھ    واکھ نمبر ۵۰

یتھ واکھس منٛز چھُ سہٕزِس مطلب پنٕن پان یا پنُن آتما دِتھ۔

موڈٕ و کرِ یے چھیٚ پتہٕ دارُن پتہٕ پارُنا    موڈٕ و کرےٚ چھیٚ پتہٕ رٕچھنے کاے

موڈو کرِیے چھیٚ پتہٕ دِہہ سٕنارُنا    سہٕز ووژارُن چھیٚ ووہ پدیش

یتھ واکھس منٛز چھُ سہٕزُک مطلب "ذاتچ پزر نتھ" دِتہٕ آمُت    واکھ نمبر ۵۹

کُش، پوش، تیل، دپ، زل ناگژھے    سدبا وکُو پکتھ کیٚس منہٕ ہیٚیے

شنبو ہیس سو پنٕتی ینہٕ پشرھے    سے ڈیچھ زِ رے سہزاکٔرے

سہزا کرے چھُ "ابدی آنند" مانہٕ کڈ پتہٕ لوان۔    واکھ نمبر ۶۷

سہٕزِس شم پتہٕ دم نو گژھے    ییٚتہٕ ژھ نو ژرا دِکھ مُکتی دار

سِلِلس ہرن زن ملیتھ گژھے    نو تہٕ چھیٚ ووہ رلب سہٕز ووژار

یمہٕ واکھ تلہٕ چھُ ننان زِ لل آس پتہٕ شم پتہٕ دم تایِل۔ واکھس منٛز چھُ ووہ ن جاین سہٕز لفظ آمُت۔ ووہ شہو زِ جاین چھُ مطلب "سَت پُرُش" یانی ذاتِ حق دِتہٕ آمُت۔ واکھ نمبر ۷۴

سمسارس آیس تپسی،    بوہ دِتھ پرکاش لوبم سہٕز

مرِتھ پتہٕ کانہہ مرِ پتہٕ کانسہ    مرِ نیتھ پتہٕ لسہ نیتھ،

یتھ واکھس منٛز تہٕ چھُ سہٕزُک مطلب ذات یعنی ازلی حقیقت نیران۔

شرانا تے ڈیان کیاسن کری    ژہ تس رٹھ نرکے وگ

منس پتہٕ پولس مِلون کرے    سہٕزِس منٛز کرتہٕ تھ سنان    حصہ سوم ۱۴۲

یتھ واکھس منٛز چھُ لل ونان زِ ذے گارُنہٕ موکھ چھِنہٕ شرانا یا ڈیان ضروری۔

1

گرزِ یعنی شبد منترپاد - شبدے چھُ کاینات، شبدے چھُ دے تہٕ اتھ منترن منتر جایہٕ جایہٕ وکھنہٕ کرنہٕ آمتۍ۔

گورن دوپنم کنۍ وژُن
نیبرٕ دوپنم اندر اژُن
سے میٚ للہِ گو واکھ تہٕ وژُن
تَوے ہیوٚتُم ننگے نژُن

سُہنز لفظ چھُ سنسکرت ﷲ دھاتو منتر دزامتِس سُہنز ﷲ شبدس ہتۍ واٹھ کھوان ﷲ گوستۍ ہیکہٕ وٹھ بیتر تہٕ ﷲ گو سوانم، ستانن، سوابھاوِک، سوروٗپ آتم ساکشات کار اتھ شبدس چھِ للہِ دیدِ ہندین واکھن منترکنۍ ماتہٕ مطلب نیران۔ یہ کہٕ کنتھ واکھ پیش۔

ہاسہٕ بول پڑِنم ساسا
میٚ منہٕ واسا کھید ناہیے
یوٗدوٚد شنکر بکھتہٕ آسا
مُکرِس ساسا مل کیا پیۓ (واکھ ۹س)

یتھ واکھن منتر چھُ سُہنزک مطلب پروفیسر جیہ لال کول طالب سُہنز للہِ دیدِ منتر غلوصِ دِتہٕ آمت۔

پرُن سولب پالُن دودلب    سہنز گارُن سکم تہٕ کرُوٗٹھ
ابھیاسکہٕ گہنہٕ رے شاشترٕ موٗطمُ    ژہینن آنند نشچے گوم

یتھ واکس منتر چھُ سہنزُک مطلب آتما تہٕ اصلیت وَنتہٕ آمُت

کوٗچھکھ دِوان اَنہٕ بُرہ    ژھنکھ ہے چھکھ تہٕ اندری اُدھ

زٕلپنہٕ تل رٕہنہٕ وادٕن سمادھ دِتھ روزٕن واَلۍ سادھو چھِ ازنہٕ لوکن حاَرنس ترادان - ازلی شکھتی مُتلق چھِ شِو شکھتی منتر وٕنہٕ آمٕت -

न जातो न मृतो यश्च
क्षयो यस्य न विद्यते
नमन्ति देवता सर्वे
नकारम तम नमाम्यहम

"یُس نہٕ زیوان نہٕ مران چھ - یُس نہٕ زہے ناشس گژھان چھ - یُس ساری دیوتا نمان چھ تتھی نکارس چھس بہٕ نمسکار کران"

یتھ شوٕنیہٕ وادک تصوّر چھ لۆلہٕ ہنٛدین واکھن منز جایہٕ جایہٕ نظر گژھان سہ چھ بار بار وَنان زِ سہ چھ اَمی خلاہک حصہٕ - تہٕ پننہٕ سادنایہٕ ستی چھے سہ زندے اتھ خلاہس ستی میلتھ گژھان - یہٕ واکھ چھ شیہر وکھنے کرَان :-

اَناہت کھ سروٗپ شُنیاے
یَس ناو نہٕ ورن نہٕ گوتر نہٕ روٗپ
اہم ومرش ناد بنٛدے یَس وَون
سُے دیو اشووار پیٹھ چڑہِس

جاوِداں پیہم رواں آواز جو ایک لا محدُود پنہاں بسیط
اُسکا مسکن ہے فضاے لامکاں بے نیاز رنگ دبُو نام و نیست

ژٕ ہتھ پنٕز ترکرِ ہشِہند پاٹھٕ ڈیجہِ کرٕنا - من تہٕ پٔرانچہِ عملہِ گرٕڑھ "سٕہر گیانی" ابدی پنٕزِ کِس ہنٕز نٕکس شران کرٕنا -

لوٗب مارٕنا سٕہر وِژارٕنا    دٔرگ زانٕتھ کلپن تمرا د
نِشہِ چھُے تہٕ دوٗر موگا رٕنا    شوٗنیس شوٗنیا میلِتھ گو

یِتھ واکھس منز سٕہرک مطلب چھُ ہت "یعنی پنٕزر وٗنہِ آمت -

رادہِ منزے راوُنا روُدم    رٔاوِتھ الکہِ آیس لبہِ سرٕے
اسان گِندان سٕہرے پٕرروُدم    دیہہ نے کوٗرم پانس سرٕے    واکھ نمبر ۱۴۱

واکھس منز تہٕ چھُ سٕہرک مطلب دٔرے گنڈنہِ آمت -

سٕہرک مطلب چھُ سنسکرت پاٹھی لبہِ تہٕ تہٕ ہنِتھ پاٹھر چھُے لٔل تِتھ شکھتی

یوسہ شوٗنیہ واد शून्यवाद چہ نِتی منز نیران تہٕ یہ دُنی یاہ بنادان چھ پٔاے پنٕدی پاٹھر ٹرنگ تہٕ دِلٕود زانان - شِو شکھتی    تہٕ قوتُک تصور چھُ ساٹہِ عقیدک آگر

تہٕ مرد تہٕ زنانہِ تہٕ چھُے شِو تہٕ شکھتی ہُنٕد روٗپ اماپوٗز یہ زانٕن چھُ پنٕزی کنہٕ سیٹھا مُشکل تہٕ اگر انسانس امہِ کنہِ ہُنٕد پوٗد گرٕڑھ زِنہِ چھُ پانہِ مرکزی قوتُک عِجہِ تیٚلہِ چھُ تٔس پانٕسے نِش سورُے حٲصِل - پرانا بیاس رٕیشو آسی قوت ڈرنک یہ قوتھ لبہِ چھکالنس لاگان - یہ قوتھ چھُ جانادارن تہٕ زِلوٗ زاژٕنا منز تہٕ موجوٗد - سٔپس چھ سانِہن شاسترنا منز پون بکھشی ( पवन वध्य )وننہِ آمت تہٕ کِتی جنگلی جانور چھہِ ونٕدکین شین رتِن شکار کران - سانِہن رٕیشن منز چھُ ادٔے ہوکھین پینہِ ڈیتھرن، ختٲلی پانس تہٕ ہشِہ ہاکس بیٹھ نِشہِ روزٕنا وٲی رٕیش ازنام ؤیدی -

ییرِنھ تہٕ بوٗزِنھ ژ ہمن ژھٹن
آگر کھٹن تہٕ ہنڈ وید ہیتی
بیٹھ پنچ سَن نِتھ تھوَن ہٹن
ہوٗیت مَن گرژھیکھ آہنکارٕ
للہِ تعلق چھُ یِہ ماننٕدٕ تہٕ سہزِ شبدٕک زِکرِ کورُت
للی شوٗری یوٗگ اُس داران
دوا دشانت مَنڈلس منٛز گٔہی ژٕنی
اناہتہٕ ناد بنٛدٕ اوم ییٖرِ ناوان
پنٛژ دشہِ زلوٕ کلایہٕ وِگلاوان
شوٗڈشہِ سہزِ کلا اٰژ نٛنی
پوٗرِ نماشٔی تام پتھٕ چھس بیوان
تہٕ تنہِ پتہٕ پوش چھُ ونان:۔
سہز کرِ سہزِ آنندے اگرٕ نٛدٕ کرہن سپو
گوٗ کال تہٕ حال تس اندرے تیتھُے یِے وَر دِتہٕ دِپہِ
لل چھے "سہز" یعنی شہٕ بزرٕ بٔیشیٖک سوٗ حِیہٕ چھِیِ پاُٹھ پانہٕ سرکھ کران۔ تیٚنٛدٕ تجربہٕ چھِ موجزو نشہِ بیوٗنا۔ سوٗ چھے موٗڈس گیان دِنُن ناممکن زانان۔ سوٗ چھِ کیٖتھہٕ تہٕ منٛزٕ گیاہ نام ژھارنُس منٛز ماٗہر، سوٗ چھِ کہٕ ووٗ پکارہٕ مہٕ کھٕ تہٕ ہنٛد بد رَد بوزنُس سوٗ دِلہٕ تیار۔ تس چھُ راوتہٕ منٛزے راوُن راوان، سوٗ چھُ ستیٖ گنٛٹی وایان

ایک شعورِ بے کراں، لاانتہا، نورِ مطلق اور سرورِ سرمدی شہوارِ

اسپ ہے وہ دیوتا۔"

ادے چھےلل زبان ہ ہکان کھو ہنڈی شو نشہٕ آزاد۔ سوہ چھے ساسہ ہدی

ؤرہا پتھ ہٕ برونٹھہ ہدی ؤری برونہہ پانس دپدمان ؤچھتھ ہیکان۔ یتھ کالس کُن

نظر ترااوتھ چھُ تس وزان ؎

ترٚبیہ نتگہِ سرا سری سرس

اکہِ نیٚنگہِ سرس عرشس جاے

ہرمہ کھ اکھ سُم سرس کوٗنسر

ستہ نٚینگہِ سرس شِنیاکار

جھیل نفی سیلاب سے دیکھا تین بار

ایک با اغلاک اور پانی تھے باہم ہم کنار

ایک دفعہ ہرمہ کھ سے کوٗنسر تک بھی دیکھا ایک پُل

جھیل یہ نابود ہوتے دیکھ لی پھر سات بار

ہٕ برونٹھہ کالس کُن چھِ یتھ پاٹھی پیشین گوئی کران۔

کاٗد ستھ کولہِ گژھن پاتاٗلی

اکاٗلی زلہِ ملِہ ورشن بیٚن

ماس ٹاکہ ٹے مس کی پیاٗلی

برہمن ہٕ زراٗلی ریکہِ وٚرٹہ کھین

اُسی آسی پتہ اُسی آسو
اُسی دور گری پتہ وتھ
شیوس سورِ ییٚن پتہ گرُھن
روٗس سورِ ہیٚ آپتہ گتھ

o

کتابیات

1. Literature (The human experience) 5th, Edition, Editors: Richard Abla zian, Mar-ven klotz (P. 359 to 366) New J&K 199—

2. للہ دید پنڈت نند لال کول طالب، جیا لال کول

3. للیشوری شمبھوناتھ بٹ حلیم

4. بلے شاہ (ہندی)

5. woman number (klyan kalp Taru, October 1995 (Geeta press Gorakhpur.)

ہ سوٕ وِشرارِ پانہٕ ہرَس گوڈٕ دِوان تہٕ سُہ وزُن بوزان یُس ژھٕنہٕ ژۄدتےُ وزان چھُ نہٕ ہیٚتھ پاٚٹھی چھےٚ سوٕ ازلی امریتہٕ سروامہٕ رٹان تہٕ پرکاشہٕ ٹھان پنہٕ ہیٚپیٚ آتمس منٛز وُچھان۔ لَل چھےٚ از تہٕ کاٚشرِن کیو کُلہم مانوتایہٕ باپتھ لگہٕ ہار Relevant-ازٕکِ دُنیا چھُ بیٚلہٕ گی، بے راہ روی، خودغرضی، مُہر، ذہنی پریشانی، دُلتھ بیمارو غریبا تہٕ آتنک وادٕ سیتۍ ترژٕلیومُت۔ قوٕدرتی وٚسیلہٕ بَرباد کٔرِتھ چھُ اِنسان ترٛیشہٕ تام کرِیشان۔ لچھہ واد ٹکھ چھِ مران تہٕ گہربار ترٛاٚوِتھ جایہٕ جایہٕ آوارہٕ۔ تعلیمی، سائنسی تہٕ ٹیکنیکی ماٚدانس منٛز بےشُمار ترقی کٔرِتھ تہٕ چھِ اِنساٚ ذہنیت خوف تہٕ اَشانتی ہٕنٛد شِکارٕ ہیٚتھس منٛز چھِ لَلہٕ ہٕنٛدۍ واکھ شاٚنتی باٚے بنٛدُت تہٕ پنٕہٕ پرٕ بیمکھ گاشرۍ۔ سوٕ چھِ ونان:-

ژکھ پرُن تہٕ وبر گا لکھ
ادٕ ڈیشکھ شِوٕ ہٕنٛد ہوکھ

یا

زنم پٛراٚوِتھ کرم سوٕ وُم
دھرم پلوٗلُم سوٕ چھم سَنٛھ
نیٚتٛرَن انٛدر پریئیم دوٕ رُم
ژودرُم تہٕ ہونٛم پوٕ ہے اکھ

لَلہٕ واکن ہٕنٛدۍ گیانہٕ اگر چھِ سیٹھا شَنٛز۔ سوٕ چھِ اوٚتی نچرُبن زلوٕ بخشان، سوٕ زلوٕ یوٕ پیہ کاٚشرِ پننہٕ ماجہٕ زٕیوٕ ہٕنٛدِ دٕسۍ ازتام منہٕ منٛزلیس منٛز رچھان آمٕتۍ چھِ۔ لَشرِ بشاشتہٕ چھےٚ ساہٕ تمدنک موٕل سرمایہٕ۔

افسانس منٛز کرنہٕ آیہٕ خواہ ڈرامہس منٛز زیادٕ منظوٗر۔ تمہِ آسی اُدیبہٕ ہِشرٕن علامتن تہٕ اِشارن معانے دِنہٕ خاطرٕ تیار ییلہٕ زِ ن لیکھہِ یِرہِ ہیٚنٛدٕ ن اکیڈمِک ماحولس منٛز پرٕھن وٲلۍ نٲظِری صحیح مفہوٗم یا اغلب معانے تاقٕ نہٕ واتہٕ نہٕ کیٚنہہ تہٕ نظر بس منٛز گژھ آسی۔ خٲرٕ تر سیٖنک مسلہٕ اوٚک اند ترٲوِتھ چھُ اَسہِ وُنۍ کٔرِس یہِ وُچھُن کہِ تجرُبہٕ زیچ نو ہنہٕ گی یا تجربک غار روایتی آسُن چھا کُنہِ پاٹھۍ ورگہٕ باوژ تاہِن کینہٕ سیٚنٛزٕ کتھہِ تہٕ ہیٚکہِ معانے ہیٚچ تہہ دٲری آسِتھ۔ تنوع چھُ افسانُک۔

افسانس منٛز چھُ تجربہٕ کُنہِ واقعہٕ زِنگی باوُنہٕ یوان۔ سُہ ہیٚکہِ نہٕ حرف ڈیٚپتہٕ یا مقولہٕ دِتھ یا کانٛہہ تشبیہہ دِتھ یا اِستعارٕ گرٕتھے یوت ظٲہر کرنہٕ یِتھ۔ یِتھہٕ کٔنہہ زِ ن شلن شعرس منٛز کرنہٕ یوان چھُ۔ واقعہٕ تہٕ واقعہٕ ُک بیان دوشوے چھِ اہم۔ واقعہٕ گژھہ سِگنی فکنٹ آسُن یلہٕ نے زِ افسانہٕ نِگارس گژھہ تمہٕ دِ کیٚنٛہہ اہم وُنۍ آسُن کینٛہہ اہم باوُن آسُن کُنہِ اہم کتھہِ کُن سون ظوٗرٕ نا پاوُن آسُن۔ کٲشر افسانُک توٲریخ چھُ یہِ زلِوُٹھ تہٕ نہٕ چھُ افسانن منٛز تیداد تیٚژ زٕ تمچہِ روایٔژ نِشہِ انحراف آسہِ ما کانٛہہ۔ افسانہٕ نِگار بیٚرھن ضروٗر زِ نوِ افسانہٕ ورِ کٔرن زاگِتھ مانِتھ اوٚتاُز کہِ افسانہٕ نِشہِ بدٕ ون زبان اِستعمال۔ دون گوٚو تمہِ یاہتھ گژھہ سیٹھا ہُشار آسُن تیٚس لِکھارِ نِس ہٕشٕرن دوٚن تٔژرِنا پھیرِنا منٛز کٲشرِ اُکی سے آسان چھُ۔ باقی گوٚو یٔرن وٲلس ییٚلی پرانہٕ روایٔژ ہیٚنٛدی چھاپ صاف وٕنۍ آسُن تیٚلی ہیٚکہِ سُہ نوِ باوژِ ہتی متاثر گژھِتھ تہٕ باسِس ییٚمِس چھُ بدلہٕ طریقہٕ وِنہٕ نک تہٕ اُمِس آسہِ بدل کینٛہہ وُنِنا تہٕ۔ کٲشرِس منٛز چھُ نثرٕ ے تیوٗت کم لیکھنہٕ یوان زِ اُسلوٗبہٕ چھینہٕ تژھ وٕتہٕ ہیرِ کھیر

ڈاکٹر رتن لال شانت

# افسانس منٛز باوتھ تہٕ ورگہٕ باوتھ

اُسہِ اگر اَدبس مَنٛز مقصدیتُک مسلہٕ زیرِ بحث اَنُو تہٕ نہٕ، اَسہِ پیٚیہِ یہِ مانُن کہِ کم از کم اُدیبن ہُنٛد مقصد چھُ یہِ ضرور آسان زِ یہِ کیٚنٛژھا یُس لیکھان چھُ تہٕ یہِ تیٚمِس منٛز وہَنٛد باوتھ چھےٚ سۄ گژھہ لوٗزن یا پٔرن وألِس تام تیتھےٚ کٔنۍ واتنۍ یتھ کٔنۍ تٕمۍ سوٗنچمُت چھےٚ۔ واتہٕ نادِرُک مسلہٕ چھُ یُتھ اُدیبن ہُنٛد چاہے سہٕ اَدبی، سماجی تہٕ سیاسی اِناد یَنہٕ ثابت کرنۍ یژھان آسہِ چاہے اَدبیٚچ ناآویزگی یا خۄد کفیلی مانان آسہِ یُس اَدبی تجربہٕ بذاتِ خۄد اکھ مکمل کاٗفیتھ مانان چھُ تس تہٕ چھُ فکرِ آسان زِ تجربُک زاڈۍ جار گوٗژھہ بادہٕ یُن۔ کیٛازِ چھُ تیٚمسنٛدِ وَنہٕ تُک تہٕ مقصد۔ حالانکہِ یہِ تہٕ چھُ سَپدان زِ باضے چھُ اُدیب تجربہٕ کرِتھ پتہٕ پرن والیٚس کُن لاپرواہی ورتاوان تہٕ دنان منٛز تُرۍ تن کاٗنٛہہ فکرِ یا یہِ زِ پرن والین ہُنٛد ذہنی سوٗتھر چھُ لوٗن تِمن پیٚیہِ گوڈٕ ذہنی کنڈیشنِنگ کرنۍ یتھ میٚون تجربہٕ سہج پیٚیہِ ہکھ کیٛازِ تجربہٕ کرن والۍ چھِ مانان زِ پرن والۍ چھِ برونٛہہ بطابیٚتہٕ تیوت کنڈیشن آسان گاٗہےٚ زِ تِمن پیٚیہِ تِمہ نِشہِ گوڈٕ الگ سپدُن۔ کیٛنٛژ وِلکھارو کیہو نقاد چھُ تجربہٕ کرِتھ دۄیمت زِیم پٔرن بوٗزن والۍ داریا ہَس کالِس دلوابتی سماجی ادبی ماحولہٕ نِشہِ دور روٗزِتھ زندگی گُذاران آسی یا زِندگی گُذارنس مجبور آسی تِمن آسی نو پینہٕ ادبی تجربہٕ خواہ تِم

وینجنا۔ لفظن یہ شکتی چھ تیلہِ کأم کران ییٚلہِ نہٕ عام معانے نیرن تہٕ تمہِ نِشہِ "ڈلِتھ دوٚیم معانے تہٕ آسہِ ناکأفی بلکہ تریٚیم کانٛہہ معانے نیرن۔ مثلن" ابکھ چھان پیوٚم یتھ راز دانے" ہس منٛز چھنہٕ ابکھ چھان مطلب ابکھ ناوک کانٛہہ چھان (گوڈنیک معانے) یا اڈہٕ ہیوٚ چھ چھان۔ (دوٚیم معانے) بلکہِ تمہِ گژھتھ تہٕ چھُ اکھ بیاکھ مطلب نیران۔ نابکار حمایتی، نالگہٕ ہار رفیق ناقأبِل مددگار ہیوٚن۔ تہٕ چھُنہٕ ضروری چھان آسہِ۔ دراصل چھُ شأعرِ دنان زِ بہٕ ذراس بدقسمت۔ حالاتھ اسہِ ناسازگار۔

شبد شکھتی ہُنٛد بہترین اِستعمال یوٚدوَے شأعری منٛز گژھنک رِواج چھُ نثرس منٛز چھُنہٕ اَمہِ کِس اِستعمالس ٹھاکھ۔ یہ چھُ مولہِ تلہِ اِظہار موثر بناونچہِ وتہٕ مشخص کرنٕچ کوٚشِش۔ اثر بڈراونہٕ خأطرٕ چھِ لفظکہِ تہٕ معانہٕ ہِکی النکار تہٕ اِستعمال کرنہٕ یوان۔ النکارن منٛز چھِ تشبیہ، علامتھ تہٕ اِستعارہٕ تتھی بُنیادی النکار یِم نثرس منٛز خاصکر افسانس منٛز سیٚٹھا اِستعمال سپدان چھِ۔ یِہنٛدِ اِستعمالہِ سِتی
چھُ اِظہارک لہجہ عام لہجہٕ نِشہِ ہیوٚن بنان۔ اگرَے یِہنٛد
اِستعمال اِظہارہٕ خأطرٕ لامحال آسہِ تیٚلہِ چھِ یِم افسانہٕ کِس کُلہم اثرس اِضافہٕ کران وون گوٚو اِظہار زانتھ مأنتھ تہٕ بلا ضرورتھ گوٚب تہٕ ورل بناونہٕ خأطرٕ تہٕ آیہٕ کأشرس افسانس منٛز النکار اِستعمال کرنہٕ۔ مقصد اوس علمک روب تراوُن۔ کینژن، کأشرین افسانن منٛز چھُ باسان زِ افسانہٕ نِگار چھُنہٕ تخلیقک بُنیأدی شرط یعنے واقعہ تہٕ کردارس کُن ایمانداری ورتاونس بہران تہٕ توَے چھُ باوتھ ورگہٕ بناوان ورگہٕ باوتھ چھے ادبی ریاکأری بنان تہٕ افسانہٕ چھُ بے اثر یا کم اثر بنان۔ یتی بین

کرِہٕز زِ یکدم ییٚن پٔرزناوٕنہٕ کمہِ نِشہِ کرِنہٕ کوٚت تام کرِ کاںٛہہ افسانہٕ نِگار انحراف۔ مگر امیٚک مطلب گوٚو نہٕ کہِ انحراف کرُن چھُہٕ کأشرِس افسانس ویان۔ اکہِ حِسابہٕ چھُ پٔرتھ تخلیق نوٚو تجربہٕ آسان نہٕ یوٚت تانٛ نہٕ کانٛہہ تجربہٕ تمِہ لفظن مٔنز نہٕ انسانہٕ ببیہ دوٚہراونہٕ ییہٕ یمن مٔنز سہ برٛونٛہہ کأنٛسہِ افسانہٕ نِگارن بوٚو مُت آسہِ۔ توٚت تانٛ چھُ سہ نوٚو نہٕ انحراف کرن وول۔ شرط چھُ صرف یہِ زِ تخلیق گژھہ آسنۍ۔ تخلیقکۍ تأریف کیا کرِو ایمانداری سان یہِ باسہِ یا یہِ تجربہٕ کوٚر۔ واقعہٕ لکویا ماحولہٕ منٛز گُذرنہٕ وِزِ یہِ باسہِ سہ نیٛٔزی ایمانداری سان کأنٛسہِ زٕنٛزناوٕنہٕ ورأے کأنٛسہِ آنٛچ ہورنہٕ ورأے موزوٗن ترین لفظہٕ نہٕ جُملہٕ ورتاوٕنہٕ سان تِتھ کٔنۍ وٕنُن ییٚتھ کٔنۍ نہٕ اوٚتام کأنٛسہِ وُدمُت آسہِ۔ یہِ وٕنُن ضروٗری چھُ نہٕ کیازِ تمہِ سٟتۍ سپدِ انسان ماحول یا چیٖزن ہٕنٛدِ رِشتہٕ سمجھنس مٔنز ہُرہٕ سہ وٕنُن گوٚو تخلیق۔ لفظ یا شبد موٗثر بناونہٕ خاطرٕ ہیٚکہِ امہِ کرِ اندرُونی طاقتُک اِستعمال کرِنہٕ ییٚتھ۔ تمہِ دِزِ ہیٚکہِ اظہار ورگہٕ بنٟتھ۔ پرانیو ہندوستانٛۍ نقادو مطأبِق چھےٚ شبدس ترٛے شکنیہٕ یا قوٕژ آسان۔

ابھدھا:۔ امہِ قوٕژِ کنۍ چھُ اَمہِ لفظُک رِوایتی مانہٕ بنان۔ مثلن "کھر" گوٚو اکہِ قِسمُک ژوپایہِ جانور یہِ عام معانے ڈراو امہِ لفظس ابدھا شکتی سٟتۍ۔

لکشنا:۔ ییٚلہِ نہٕ گوٚڈنیُک یا عام معانے نیرِ نہٕ تمہِ سٟتۍ اصلی معانے لیس نوٚٹ گژھہِ نہٕ دوٚیُم کانٛہہ معانے نیرِ تٟیلہِ چھُ لکشنا قوٕتہٕ برسرِ پیکار آسان مثلن انسانس ییٚلہِ "کھر" ونو کھر لفظُک معانے چھُنہٕ جانا دار بلکہِ بے وقوٗف۔ یہِ معانے ڈراد امہِ لفظس لکشنایہِ سٟتۍ۔

پرٲیلکہٕ گۄڑٕ ہِتھ تہٕ کیٚنٛہہ آسن پرٲنیلکہٕ سوٚتھرٕ ہیوٚر تہٕ کٔسن ۔

بیاکھ افسانہٕ چھُ عبدالاحد آزادٕ سٕنٛد "پچہ پیٛشر"۔ لکھاری چھُ اَتھ منٛز اکھ نفسیاتی کیفیتھ دِنٕچ کوشش کران یوٚسہٕ اَکِس جملس اَنٛدٕ دِتھ ہیکو۔ اَتھس منٛز وُچھم تہٕ بدلے شکل گٔاہٕ پاتس۔ ژٕلہِ ہاتہٕ کوٚت ژٕلہِ۔ خبر اَچھہ نے ما چھم پچہ پیٛشر گومُت۔ یہٕ چھُ دراصل تمہِ کیفیژ ہٕنٛد صرف عنوان یُس افسانُک موضوع بنتھ ہیٚکہِ ہے۔ افسانہٕ چھِہٕ اتھ منٛز کُنی۔ اکُی موٹیف چھُ بُرون۔ یتھ وُنیتام اَدیبو رٕچھہٕ کیٚہ منٛز چھٕے۔ اتہٕ چھُ یہٕ بے حرکت مورت ہیُو یُس زبردٔسِ انرشیِک (inertia) شکار چھُ۔

وہٕ نٕ وُچھ تَو پرٕتِیک استعمال کتھ کٔنہٕ چھُ سپدمُت۔ نام منصورٕ سٕنٛد افسانہٕ چھُ کرٕہِتہٕ اَچھہِ واجینی "نیم دیومالأیی ماحولس منٛز تھٔرتہٕ آمُت واقع چھُ تیٚلہِ تخلیقی افسانہٕ کِس سوٚتھرس تام واتان ییٚلہِ اکہٕ پرانہٕ آزموٚدتکنیکہٕ کہِ مدتہٕ سٟتی سأرسے واقعہٕ ہٕس یدلے معانے دِتہٕ یوان چھُ۔ کرٕہِتہٕ اَچھہِ واجینی کوٚر چھُ ختم کرنہٕ یوان ییٚمہٕ خاطرٕ سرکأری تہٕ عوأمی کوشش ہٕنٛز اکھ، اجتماعی لہرِ شہ ملکس آورادان چھِہ۔ مگر امہِ سارِچی تحریک اَمِس کِس تاقی ہٕنٛدِ خاطِچ تٕژھ تاثیر لیہ سہٕ اَکِس معمولی غلطی مانٕنتھ ردکرنہٕ آیہ۔ افسانہٕ چھُنہٕ کانٛہہ فلسفہٕ تھٔران بلکہِ زندگی ہٕنٛد انقلاب صورت حال وشرھناوان۔ بلکہِ چھُ اتھ منٛز افسانہٕ نگار صورتحالس سٟتی زانٛنتھ مانٛنتھ تصادم کران۔ بوٚنام کرِ سہٕ چھُ بوٚدٕ بزارٕ رٕ تہٕ خاص برٕلیوار ہوٚنہٕ انسعارہٕ استعمال کٔرتھ ورگہٕ پأٹھی کأشُر سماجکہِ اَکِس خاص ورگس نے تہٕ خاص جماژٕ طنزک نشانہٕ بناوان ۔ امالوٚز افسانک ساخت چھُ اتھ سٟتی جذباتی یاتعوٚصبی واقع بیانی نشہِ بچاوان افسانہٕ چھُ بنیأدی طور حقیقتکہِ تلاشُک عمل آسان ۔ عملس دوران

ذٕہن ووٚرِہیٚن گیہِ بنٛدٕ ووٚتہٕ کلچر رٲیِج گژھنہٕ کِنۍ سانہِ سماجی کہو اخلاقی زِندگی منٛز وارِیاہ تضاد پٲدٕ۔ بلکہٕ ٹیٚنشیٚنِ پیٚنہِ زِندگیہِ تہٕ موٗتس درمیان کہِہ ناٚمِلہٕ روزنہٕ کِنۍ لیجِ منی اظہارس منٛز ایمانداری داوس۔ اَتھ صوٗرتِ حالس منٛز آیہِ ورگہٕ بادتھ کیٚنژن افسانہٕ نِگارن براہ۔ حالاتن ستۍ سمجھوتہٕ کرُن یا تِمن مُخالفتھ کرِتھ ہیٚکہِ زِندٕ روزِتھ یا نہٕ روزِتھ شرط اَستھ مگر لیٚکھنک شرط گوٚژھ نہٕ یہِ آسُن۔ سمجھوتہٕ یا مُخالفتھ ہیٚکہِ لیٚکھنہٕ چِن معانے ژھاین منٛز آسِتھ مگر لیٚکھت گژھ بہرحال ایماندار تخلیق آسُن۔

مِثالن نِموٲسی زِ افسانہٕ اکھ اَکِس زِہنٛس تہٕ کوٚہنہٕ مشق افسانہٕ نِگارِ شُندتہٕ بیاکھ نوٚس جوان لِکھاری شُند۔ اختری الدینُن "وٲنِجہ منٛز نٕج" چھُ ظاہِرن اکھ بیٚہِ بِبل تمامو خور افسانہٕ۔ لیٚوہیٚول چھُ کیٚٹ مہ نگرِس نیٚچو زلوچ پٔژ غیر بوٗزنٲوِتھ مُنتشر کرُن لٲرِمان۔
مگر کیٚٹ ہِندِ مطابِق چھےٚ نہٕ تِم
پنٕنہِ وٲنِجہِ منٛز اَمت۔ پہلِ شُندہ نیٚچو زِہنہٕ ستۍ کوٚہنہٕ فرق پییہِ تِمن۔ باسان چھُ زِ افسانہٕ چھُ لِکھاری شُندِ کیاہ ناتی فلسفہٕ وننہٕ خاطر یا تمثیک تبلیغ کرنہٕ خاطر لیٚکھنہٕ آمت۔ شُہ گوییہ کہ عوف چھُ اَسہِ پانٕنسے اندر زِنم ہیوان تتھ چھُنہٕ بیرُونی دُنیاہس ستۍ لابدی منطقی رِشتہ۔ یہِ فلسفہٕ یا نوٕ قطۂ نِگاہ وَنوس ہیٚکہِ نوٚہول تہٕ کیٚٹ ہُندِ امہِ افسانہٕ بدل بییہِ وارِیاہ قسمہٕ کیٚن افسانن منٛز وننہٕ ہیٚتھ تکیازِ یہِ چھُ بذاتی امہِ افسانک موضوع نفہیم ہیٚتھ سُنز باژن دوٚن ہنٛزٕ لڑٲے ہنٛد بدیٚن افسانن ہُند موضوع آسہِ مگر یِہِ سوٚ وٲنِل تہٕ اَشمہِ ہنٛزٕ لڑٲے چھُ صرف اَکِسے افسانس تفہیم۔ یِتھ موضوع سرِ تھوٚکتھ افسانہٕ چھُ دراصل اظہارکِ خطر تلنہٕ ورٲے لیٚکھنہٕ آمت افسانہٕ۔ یہِ ہیٚکون پراہل ماٚنِتھے زیر بحث اَنِتھ۔ پرابلیم تکنیک شعوری طور استعمال کرِتھ چھِ افسانس معانے ہیٚچ جہت ہران مگر افسانہٕ گژھ

"داہ لچھ روپیہ" تہٕ چھُ مالوِ سٕنٛز آسنہٕ کنہِ ٹاسرنہٕ اعتبارٕ بیانہٕ ہیتھ بنیومُت ۔
ورگہٕ اظہار چھُپنہٕ بذاتِ خود افسانہٕ خاطرٕ کانٛہہ سیٹھاہ فایدٕ مند ولُن یُس ورناونہٕ سٕتۍ افسانہٕ کِس اثرس اضافہٕ گژھہ ۔ اگر افسانہٕ نِگارٕ سُنٛد مُدعا بلا فروٗرتھ تھدِ ہٹہٕ بولنہٕ آمُت آسہِ تیٚلہِ چھُ ورگہٕ اظہار افسانس واتہٕ نادِرس ٹُکرٕ پاد کران ۔ امر مالٕموٗہا سٕنٛدِ زٕ افسانہٕ ہیکو کھ اسۍ بطورِ مثال نِتھ "دلیل دِیدِ مژٕ ہٕنٛز" چھُ "بڑتھ" تہٕ لولِتھ یہٕ شیٚچھ ونان زِ کاشرین ہٕنٛز ترقی تہٕ پاپرجاۍ آس اِنسانٛژ یتس قدر کرن والین اصولن تہٕ اصولی اِنسانن ہٕنٛزِ بادِ ہٕنٛزِ ونہٕ پکنس منٛز لٔل تہٕ نُنٛدٕ رٮ۪شی ہیوٚ ہِسۍ صوفی اسۍ یمن قدرن گوڈٕ بران تہٕ ییٚلہِ تمنٛنہِ بے وآرۍ گرکھ توے ووٚژھ ووٚدہ لٔرش ۔ یمہٕ قدرٕ چھےٚ ابسولیوٗٹ لا مِتناہی انادِ انتِ تہٕ یمن ہُنٛد علمبردار یُس منش اوس تس اوس انٛگن پیٹھ اوم تہٕ اللہ تہٕ علیہ ہنٛد نِشانہٕ گھنِتھ ۔ یہٕ کتھ ییٚہہ شاید بہتر پاٹھۍ اکس پُر دلایِل مضمونس منٛز وننہٕ ۔ افسانہٕ نِگارن چھِ کِردار تہٕ واقعات ٹُکرٕ ہِتۍ مگر مولہٕ مُدعا ہیکہ دباو چھُ یوٗت کِہ افسانہٕ نِگارس چھُ باسان بونہٕ نٔل بہتھ دِیدِ مژٕ ہٕنٛز بونہٕ ژھٕنٛجنہٕ منشہٕ سٕنٛدِ محبتکہٕ پاعا مچہٕ کتھ سٕتۍ یوٗت چھُپنہٕ مُدعاہس ترسیل گژھان ۔ مذہبن ہنٛدِ یکسانیتُک بیان دِین چھُ تس ضروٗری باسان۔

مالٕموٗہا سٕنٛدے بیاکھ افسانہٕ چھُ "ییٚلہِ پٔژھ راو" ۔ افسانہٕ چھُ مولہٕ انسانۍ کمزورین ہٕنٛز وکھنے کران ۔ مالِس ماجہِ چھُ تس نیچوِ سٕنٛدِ کھاندرُک شوق یُس بے کار چھُ ۔ نوکری سرن واجِنۍ نوشِ چھےٚ سہٕ فتنہٕ طبا پہٕ سپدٕ ڑاوان یُس لُرٹکن مالِس ماجہِ ہنٛدِ مدتہٕ سٕتۍ بنوومُت چھُ ۔ لڑکہٕ چھُ اپنہٕ زنان زِتس گرکھ گٔژھتھ تبدیلی تہٕ اوکنہٕ چھُ ضروری زِ سہٕ ترآو نوکری نہٕ کِہ بنٛدوق تہٕ دہشت کِس ماحولس منٛز نوکری کرنہٕ گٔژھتھ گژھہ ۔ مگر نوٗ نوشِ

نۍ عملہٕ کِس آخرس پیٹھ تجربک ٹیس انہار لِکھاریس اتھہٕ یِیہٕ سہ چھ ننھدٕ پایہٕ
کِس ادبس زٕنہٕ دِوان۔ یمن افسانن مقصد گوڈے طے آسہٕ تمن منز چھ صاف
باسان زِ افسانہٕ نِگار چھکھ لیتھ ناوان لیتھ ناوان انجامس واتہٕ ناوان ۔ بافے چھ یتھ
افسانہٕ ساتھہٕ فارمولا وِپڑھناوان لبنہٕ یِوان نہٕ بافے مالوٚیٹڈ باسان۔ یتھ ضمنس منز
ہیکو مشتاق احمد مشتاق سندی" یتھ وادِ ہالہٕ" " میٚیژِ ہنز ماے" " راون تیول"
تہٕ بیئہ واریاہ افسانہٕ تہٕ اوتار کرشن رازدانن" داہ لچھ روپیہ" تہٕ۔ یمن منز چھ
گوڈے پیٹھے باسان زِ افسانہٕ نِگار چھ کُنہٕ مخصوص مُدعاہس تابع۔ مشتاق سندین افسانن
منز چھ مُدعا ( motive ) بڈ تہٕ بولتھ موجود ۔ واریاہن افسانن منز چھ تم بیان
دِوان تہٕ وِزِ وِزِ یاد پاوان زِ نوجوان آسی سماجک نظام بدلاونہٕ خاطرٕ بندوق تُلان
تہٕ بٹن ہنز بے تہٕ کاشر میٚیژِ تھ ٹراوِنی۔ ساتھہٕ ساتھہٕ بٹہٕ زنن ماریوکھ تہٕ نوتہٕ کیا گیوو۔
مالوٚیٹڈ افسانن منز چھ افسانوی عنصرک بنیادی منطق تہٕ بافے چھپیہٕ لگان۔" جلہٕ
ہیٚنڈی دنبہٕ ٹھلہٕ" (اختر) ہس منز چھ بی اے ایس ایفک اکھ افسر جلہٕ ہیٚنڈس بڈ مالس
کرفیوس منز سڑکہٕ اپور ترنک اجازتھ دِوان مگر ڈیوٹی بدلنہٕ آمت بیاکھ افسر
چھُس واپس ترنہٕ دِوان ۔ جلہٕ ہیٚنڈس احتجاج کرنس پیٹھ چھُس بے وابہٕ مار
دِوان ۔ (یا مارتھ ژھنان) ۔ افسانک مالو چھ پلسک ظلم ہاوُن مگر تمہٕ ہِنز چھ
بڈ مالی ہنز ٹریجڈی پتھ گژھان ۔ سڑکہٕ پیٹھ چھ سہ کورہٕ ہیٚنڈی دنبہٕ ٹھلہٕ ژھانڈنہٕ بہسان۔
امہٕ ہینگہٕ منگہٕ حوالہٕ کنہٕ چھ سہ الگ تعلق پیوان تہٕ افسانہٕ چھپہٕ مالی سنز
ٹریجڈی باوان نہ چھ خود جلہٕ ہتو سپدیمژ زیادتی ہیٚنڈے موثر اِظہار کرتھ ہیکان۔

غأر حقیقی ماحولس سوال کران۔ اَفسانس منٛز ییٚتھے داستانُک اَسلوٗب اِستعمال سَپدِ تمہِ کِس جوازٕ یتھ پیٹھ ہیٚکہِ باضأبطہ بحث کرنہٕ ییٚتھ۔ مثلن ہردے کول بھارتی (شاٹھ ہوٗن) بشیر اختر (ہوأیی حادثہٕ) تہٕ نذیر جہانگیر (مسلہٕ) چھہِ داستانُک اَسلوٗب وَرتأوِتھ کہِتھ توجہت دِوان۔ بشیر اختر چھُنہٕ داستأنی بیانُک تخلیقی اِستعمال کران۔ بلکہِ داستانہٕ اندر دوٚن ترن متوأزی لٔجن ہٕندِ آہنگُک اِستعمال کٔرِتھ مقصد پٔراوان۔ "ہوأیی حادثس" منٛز چھُ تس اکہِ المناکھ واقعہٕ کہ السأدٕ ردِعمل ہاوُن یُس زَن سانہِ زِندگیہِ منٛز موٗمول بنیومُت چھُ۔ امہِ خأطرٕ چھُ سُہ ترے مُختلف ردِعمل ہاوان یِم ریڈیوہس پیٹھ یہِ خبر نشر سپدنہٕ پتہٕ ترن مختلف گرن منٛز سپدی۔ ترشوٚنی منٛز چھُ امہِ ٹریجڈی بدلہِ افسانہٕ ہٕندِ ابدلوٗنین رِشتن (خوٚد غرضی تہٕ رِشن) دوٚہ تلأوِتھ اکھ السأدٕ صوٗرت حال دوٚہ تلاونہٕ آمٕژ۔ سوال چھُ زِ سنجیدٕ واقعہٕ کہ یُتھ ہیوٚ مضحکہٕ خیز تہٕ تأثر سنجیدٕ ردِعمل ہیٚکہِ ہے زیادٕ بہتر پأٹھی تہٕ زیاد شِدتہٕ سان اکہِ ہے لٔجہِ منٛز بیان کرنہٕ ییٚتھ مگر تتھ منٛز آسہِ نہٕ داستأنی اَسلوٗب وَرتاونچ سیٚٹھا گنجأیش۔ امہِ بدلہِ چھُ سُہ ترے متوأزی لٔجہِ دِتھ مفہوٗمچہِ سنجیدگیہِ منٛز مذاح تہٕ پأدٕ کرُن یژھان۔

ہردے کول بھارتی چھُ زبانہٕ تہٕ اسلوٗبہٕ وَرتاوِک سیٚٹھا باشعوٗر فن کار۔ اُمِس منٛز داستأنیت چھنہٕ کُنہِ ڈیپرچ شکار آسان۔ "شاٹھ ہوٗن" چھنہٕ اُمیک اِستثنا بلکہِ اتھ افسانس منٛز چھِ کیٚنہہ تِژھہ علامژ تہٕ دوٚہ تلیمژ یوٚسہِ کأشرِ اجتمأعی شعوٗرٕ پیٹھ نہتھ ؤاریاہو مُصنفو اِستعفادٕ کوٚر۔ مثلن بوٚذ چھہِ کأشرِ شیٚہجارٕچ

چھس دپان گرٛھ بہٕ کرے ژٕ ے حیمایتھ۔ کٲشرِ ژٕلی ہٮ۪تھن ٹُکن کم مسلہٕ گیہٕ پٲدٕ نہٕ موٗل کین پرٕوٲرٕ زٕشتن پھاس پیوٚن چھُ اکھ بوٚڈ مٔسلہٕ۔ اقتصٲدی طور گیہٕ تم داریاہ ہیٚنھ۔ بیٚترِ مین نوٚن وُرٕ ین گیہٕ ہیٚتہٕ بٔدٕ مُلاَزِم زٕ ایر مگر نوٚد لوگکھ نہٕ اکھ تہٕ۔ بٲپارٕ ماگرٛھ سمٲجی زندگی روہٕ رسم رِواج کھاندر گھندر رُودی چلہٕ وٕنی۔ سمٲجی زندگی ہنٛدِس اتھ پسِ منظرس منٛز اِنفرٲدی زندگی ہنٛز ٹریجڈی، ژٕ ہیترٲون وول یہ افسانہٕ چھُ ورگہٕ پٲٹھی تہٕ سوٗرے وَنان یہٕ پلٹھی زد کٲشرِ منٛز اَہلیتن ہنٛز دردناک حالژ ییتھ گٔنہٕ ژٕ ہٮ۪ٹھس مضمونس منٛز وَنہٕ یپہٕ سہے۔ افسانہٕ چھُنہٕ بٔدتھ تہٕ بوٗلتھ کہنژ وَنان تہٕ نہ چھُ اتھ ورگہٕ اظہارک کانہہ دلفریٖرتھ پیوٗمت۔

اَفسانہٕ تلادٕ چھے کینہہ ترٛھ صنفہٕ ہیٚنٛد اِستمال افسانہٕ کِس مفہوٗمس تہٕ ترسیلس ہُربر کرِتھ ہیٚکہٕ۔ داستان ہیٚتھ منٛز مُسلسل بیان اَکِس اسلوٗبس منٛز حقیقی واقعاتن تہٕ خیالٲتی اِستعٲرن ملہٕ پیش کرِتھ کِردار تہٕ اَلسی ڈٕنٹ تٲمیہٕ رپدٕ مت چھُ آسان۔ چھُ افسانٕس منٛز شعوٗری طور اِستمال سپنہٕ ہٕژ۔ افسانہٕ نِگار چھُ زٲنِتھ مٲنِتھ پرٕن وٲلِس بُنیاَدی سوٗتھ پیٚٹھ خاَبی سوٗتھرِس پیٚٹھ والان تہٕ تٔس پننِس مُدعاہس کُن پکہٕ ناوان۔ مگر پرٕن وٲلِس چھُنہٕ زانہہ مشان زِ سہٕ چھُ افسانہٕ نِگار ہنٛدِس کھرٕ کرِ ہتِس وُذ یہِس منٛز خاٲلص داستانٕس منٛز چھُ بوزن وول شروع پیٚٹھے بدلوٗ ہِہِس منٛز واتہٕ ناوہٕ آمت آسان یِیتہٕ قوہ درتی تہٕ قوہ درنہٕ ہیٚسرم کِردار تہٕ تِہنٛز قوہ وَنھ مٔموٗل چھہٕ، اِتفاق تہٕ مُتوٲزی صوٗرتِ حال واقعاتن حسبِ منشا سمتس کُن نینہٕ خاطر مددگار ثابت سپدان چھہٕ۔ بوزن وول چھُنہٕ داستانٕکِس

بیکی پأٹھۍ حالژ چہِ اِستعمی یہِ بامٕنی یا مُستقبلک ڈکھ کرِان تہٕ اکھ موزوٗن جوآز یتھ پیش کرِان مگر ازکل چھِنہٕ افسانہٕ نِگار مِنتا سیہِ صِرف جوآز ییتھ خاطرٕ اِستعمال کرِان۔ تِمن نِش چھُ یہ حقیقتس زورٲور بناونُک ذٔریعہِ۔ کِردار تہٕ واقع یِتھے حقیقتہٕ منٛز خالص کُن گژھان چھُ نہٕ چھِنہٕ حقیقتہٕ نِشہِ ژھینہٕ گژھان۔ حقیقت چھِ تِمن کھوٗرن تل زمینہٕ ہیٚنٛدِ پٲٹھۍ مظبوٗط سہارٕ ہیتھ موجوٗد روزان۔ ہری کرشن کوٗل تہٕ اوتار کرشن رہبر سٕندی افسانہٕ (بالترتیب "ہٲل" تہٕ "ژھاے") ییم پنٛژمس دٔہلس منٛز آے چھِ دۄشوے افسانکہِ فنٕکۍ اعلا نموٗنہٕ۔ دۄشوٕنی منٛز چھِ افسانٕچ سیچوٗیشن حقیقی سۆتہِ پیٹھ فنتاسی کُن

رسہٕ رسہٕ پکان ییتھ زِ دۄشونٕوٕنٛت مسلہٕ چھُ زیادٕ شِدت پراوان گژھان۔ ہٲل افسانس منٛز چھِنہٕ راوی ایس ڈیدٕ ہینٛدِس شینس مُتلق کُنٛدرِس تجرِس سٟتی برابری کا ییلہٕ زنا بروٗنٹھیس پانس شینک پھشب ہیٚو نرم تہٕ اوٗیل روٗپ مٲری منٛز تہٕ وُشنیر سۆس تصویر ہیتھ روٗمٲنی خابن منٛز واتہٕ ناوان اوس۔ اَتھ لوٗگ تمہ وٕری یہِ شینہٕ تھوسین پیٚوٕنۍ ٹُلہٕ کنٛژر تہٕ لکن لوٗگ نوٗنس کٹھ کوٗش۔ راوی دراو دید ہیتھ سارِی سے لتہ دِتھ نہٕ رکن گژھ صحنہٕ دوٗت تتھ جایہِ ییتہٕ نبس نار تہٕ پتھرس برٕزی واٟنٛج تاوٕ گامٕتِ آس۔ ننہٕ گبہٕ تمن سارے اہمیتھ ختم۔ وتہِ وۄدنہٕ تس سریرٕ زٕ ییتہٕ چھُسنہٕ یہ پننی مرضیہِ کھسان یا لوسان۔ یہ چھُس نہٕ شے لیپھنٕ توہہِ ہٲل چھو نِکیاژِ یہ ہیٚمہِ آمہِ پینہٕ گنڈتھ پتنگکی پٲٹھۍ اسمان واتنوومت اوسہٕ ہس شہ ژھیوٗنا۔ لکن ہیٚوٹھ نہٕ سریہِ سُند وُنن تہٕ کیازِ تمن آس نارٕچ تہٕ تاپٕچ ہٲل گامٕتِ۔ شبن چھاون والین چھِنہٕ وُنِستام ہٲل گامٕتِ پانے گژھکھ وارٕ وارٕ۔۔۔"

وُچھوے تہٕ افسانس چھُ کِردار تہٕ واقع شروٗع پیٹھے علامتھ زیادٕ باسان حالانکہِ ہینٛد

دلچہ کُشادگی تہٕ لوکٕرِ تسلیٖلہٕ علامتھ۔ اَتھی موٗلس تَل چھِ شاپہٕ ہوٚت سمان تہٕ مگر گھڈوان
یہ افسانہٕ چھُ کاشُر تواریٖخ ہِیہ اَکہٕ اَزُک بےبجائی دورُک زبردست عکاس حالانکہِ امہٕ
مقامُک کاشُر بیان چھُنہٕ افسانہٕ نِگار پانہٕ دِوان۔ دلیلہٕ ہِنٛدی مَوٗلِف تہٕ طرزِ
بیانُک عَوٗنُم مثالن یہٕ دوہ ن ثرن جاین ونن زِ "یہٕ سپُد تہٕ سپد آگرے" یا
"شہلاب ییہِ تہٕ اسہِ سارنی نیہٕ ڈیٖتھ" یم چھِ افسانُک سچویشن از کالہٕ منٛز گنڈِتھ
eternity منٛز واتہٕ ناوان۔

"مُسلہٕ" (نذیر جہانگیر) تہٕ چھُ داستانہٕ ہُنٛد تخلیقی استعمال کران۔ اَمکی
کردار بادشاہ، وزیراعظم، سپہ سالار، لُکھ تہٕ ریٖتشل موٚٹیو چھِ ٹاکارہٕ پاٹھی
علامتی معانے نِمادان تہٕ سماجی تہٕ سیاسی ماحولس پیٹھ زبردس طنز کرنس منٛز
افسانہٕ نِگارس بکار یوان۔ بادشاہس چھُنہٕ محلہٕ خانہٕ کینہ آدِکی مُسلہٕ کینہ پرون
ہُنٛد شہ پھکھ یوان لیس مُسلہٕ لکن وَو تہمت آسان چھُ۔ سُہ چھُ
چھیکرس اَکس زہرکہٕ موہنوٗ پیٹھ پوشہٕ مُشکہٕ ہیتی مران۔ اِشار چھُ ٹاکارہٕ تہٕ
کینژھا زیادے پہن سہل مارل کڈنہٕ خاطرِ دِنہٕ آمُت ییمہٕ کنِ افسانس منٛز
واضح مارلیشنُک عاب پادٕ گومُت چھُ تہٕ کرِتھ تہٕ چھُ اُستھی ہُنٛد داخلی
کشمکش افسانس ٹاسُر بننہٕ نِش بچاوان۔

حقیقتہٕ پیٹھ شروع کرِتھ فنتاسی کُن پکن والین افسانن چھُ سہل انگار رِوایتی
بگتہٕ منٛز پیہٕ گژھنُک خطر آسان۔ شروٗعاتی ہِنٛدی اوردو افسانن منٛز اوس فنتاسی یا غائبی
صورت حالس منٛز کردار واتناون۔ افسانہٕ نِگار سُنٛد اکھ موثر ہتھیار۔ یہ اوس غلیش

تحقیقی سنجیدگی بخشان۔ "ہال" افسانکۍ پأٹھۍ چھُ یہِ افسانہٕ تہٕ فطرتی طور واہراونہٕ بِتھ پیٹھہٕ وارِ وارِ وونہٕ یِوان تہٕ واقعاتی سۆتھرِ پیٹھہٕ شروع گژھتھ بیٚیہِ واقعاتی سۆتھرس تانۍ واتان۔ راوی چھُ کٔشیرِ نیبر وطن بدری ہِنٛزِ حالتہٕ منٛز کرایہِ مکانہٕ والین ہنٛز کھٔشکھ بوزان تہٕ بانہٕ کھۄتہٕ تہٕ ڈیرِ ڈیرِ پھیران۔ افسانہٕ چھُ تیٚژ زِ تناتہٕ مینہٕ سۆدرِ ژھ لٔہریا ونو زِ یہِ چھُ تِہنٛدِ منٛز اکھ مُسلسل سوال جواب۔

یہِ چھُ پنزر زِ ہتیِ مس دہلس دوران رۆدی ہری کرشن کول، رتن لال جوہر تہٕ محفوظ جان ہِیوۍ افسانہٕ نِگار افسانۍ بُنیادی فانوی رِوایتھ ژھٔر تھ تِمو افسانہٕ لیکھان یِمن منٛز واقعاتی حقیقتھ سٕرِ چھِ۔ یِمن منٛز آیہِ نہٕ ورگہٕ بأوژ ہِنٛدِ اِمکان ژھانڈنٕچ کٔھنی کوشش کرنہٕ تہٕ کیازِ یِمن چھینہٕ تِمہ ضرورتھ۔ یِمن منٛز چھُ تجسُس تہٕ فطری کشمکشُک عنصر موجود آسان یِمو سٟتۍ عصری زِندگی ہِنٛدِ دأدِ تہٕ دگ ووہ تلیہِ۔ انہٕ ہِمتس منٛز چھُ کول سٕندِ "زوال اِیأرم" جوہر سٕندِ "آش تہٕ وسواس" "سوچِہ مُراو" تہٕ محفوظ جانہٕ سٕندِ "ژلہِ لار" تِمنا "عطیقہ" ہیوۍ افسانہٕ قأبلِ ذِکرِ۔ صِرف تکنیکس منٛز نوی تجربہٕ کرنہٕ سٟتۍ ہیکو نہٕ اسی معاصر حقیقتہٕ کِین سٕنین تہٕ ووہ گین دۆنژھ دِتھ بلکہِ واقعات پیش کرنس متعلق پٔتھین اند رٕٹین تہٕ چھُ اسہِ نظر کرُن۔ محفوظ جان چھُ اندرونی وہمن تہٕ ٹھاکن پردٕ تُلان یِمو سٟتۍ سأنِس افسانس واقعاتی رنٛگ بٕرنگی آیہِ۔ جوہر چھُ تمی حقیقژ ہِنٛد گُٹل رۆپ تِژھ ہاوان ییمیُک اِشارہٕ کول یارہِ ہِبر دِوان چھُ۔ یہِ سنتھ ذرا وِنچ چھینہٕ ضرورتھ زِ یِتھے جرمن افسانہٕ نِگار فرانز کافکاہن افسانس منٛز انسانہٕ سٕنز نفسیاتی صورژ مُمکن حقیقی صورتن ہِنٛدِ پأٹھۍ ورتاو۔ افسانس گیہِ اکھ نۆو جہتھ پأدٕ۔

ولیوہار تہٕ ورتاو چھُ بلکل انلب تہٕ رلوٲیتی بیانیہ افسانک ہیُو۔ بلکہِ وُنن پنز زِ افسانک مٲحولہٕ نربیٹھو کردار چھُپہٕ ھسنع گومت۔ وچھُن چُھ زِ آخرس تام واتان واتان چھُ افسانہٕ بنیپہٕ تمہِ نیم فنتاسی ماحولہٕ منٛز نیرتھ واپس کردارن ہندِس حقیقی نالمس منٛز واتان۔ راوی چھُ وناں زِ تس چھنے تاپہٕ تزرِچ ہال ہیٔزہٕ گژھنی۔ یانے زِ اگر سیریس بیتی گفتگوٗہک صرف علامتی معنی تہٕ نموٗ یہ زِ سریرہٕ سنٛدِ وہ میدِ علاوٕ تہٕ تنک۔ وجہ چھُ زِ لگو کور یہٕ سنٛنن تہٕ فقیرن ہنٛزن کتھن غور تہٕ توٗے آو زمانس طلاطم تہٕ اَچھن گوو پچہٕ پھیٛر۔ تو تہٕ چھُ افسانہٕ صاف تہٕ شفاف۔ ورگہٕ اظہارک مَدد نہٕ ورگے۔

یتھے پاٹھی چھُ ربیرسنٛد افسانہٕ "ژھاے" تہٕ۔ اتھ منٛز چھُ کتھ تیتھ معنا زِ خیالی سوچہٕ منٛز گژھتھ تہٕ چھُپہٕ اتھ بُنن جلال راوان۔ اتھ منٛز چھُ کشیرِ زلنس بیٹھ مجبور کردار پننی ژھایہ بیتی گفتگوٗہس منٛز آوراونہٕ یوان۔ گفتگوٗہک نتیجہٕ چھُ یہ نیران زِ لوٲریس منٛز چھُ کینٛہہ تنھ واقعات زِ اتفاق گژھان یم بٔڑ تہٕ اہم مانہٕ یوان چھہٕ نمو واقعاتو سیتی چھُ کُنہٕ مُلکُک نقشہٕ یُتھ بدلان زِ اکثر لُکھ چھہٕ تمتھ خوش آیند تہٕ قابلِ فخر مانان۔ اما پوز بیین کینٛژن جماژن کینٛژن لُکن ہنٛدِ خاطر چھہٕ تمی دوہ بد قسمتی ہنٛد دور شروع گژھان۔ شاہ ہمدان صابنہٕ بیتی بدلیو کشیرِ ہنٛد توٲریخ مگر رلوٲیتی یاسناتن پتہِ تہٕ اعتقاد تھوان والین ہیُوتُن وارہٕ وارہٕ ڈوٗ لگن یمہٕ از شیبہٕ ہنٛز وہری نہ اکی پھوہ کہٕ سنٛز وڈاو نہٕ آیہٕ۔ افسانس منٛز چھُپہٕ راوی تہٕ تنشنز ژھایہٕ ہنٛد گفتگوٗخابی حالژ ہنٛد خیالی گفتگوٗ روزان بلکہِ کردار تہٕ اسنفسی مظبوط بناون والین عنصرن

سہل پأٹھؠ پننہٕ زِندگیہ منٛز پرزناوِتھ ہیکو کھ۔ تِمن چھُنہٕ ناو نہ چھکھ رشتہٕ نہ چھکھ بُتھ۔ ڈاف ژراون وول، ٹھیلہٕ وول، بوٚنلہٕ وول جوان تہٕ درویش چھِ کھشرِ دلہٕ پھِرِتھ زن مأنٛترأوِتھ نہ چھِس ورےٚ ہیکان کٔرِتھ تہٕ نہ چھِ تس ستۍ شأپِتھ لگنک۔ پننہٕ خراب قسمتہٕ فلسفاوان۔ تِم چھِ سمویل بیکٹ سٕندِ کردارن ہِنٛدی پأٹھؠ بے وجہ ہینہٕ آمِتۍ تہٕ ہِندوستأنۍ رِوایتہٕ مُطأبِق "ادھم" زاتہٕ ہِنٛدی زلوٚیمن نہ پننہٕ حالِ بدلہٕ ژتناتہٕ چھے۔ مگر تہٕ کٔرِتھ تہٕ چھِ اسی ہیوٚے۔ تِم چھِنہٕ صرف علأمت بلکہ حقیقتک دِیکھٹ تہٕ قأبلِ رحم روٗپہٕ پیش کران۔ یِتہٕ ہیکو نہ وٚنِتھ زِ یِتھ ہیوٚک افسانہٕ کیا چھِ سیٚدِ سیوٚد کافکاکس انداز کہ افسانہٕ بلکہ یہ مانٛنس منٛز چھُنہٕ سکانہٕ نامل زِ از کہ افسانہٕ نِگارن چھُہ پنٕن سوچ تہٕ پنٕن اظہار کنہٕ اسلوٗب بناونہٕ برونٛہہ پنٕن تجربہٕ معام سوچ تہٕ اسلوٗبہٕ ستۍ مُسلح کوٚرمُت۔ شہ چھُنہٕ الگ تھلگ زوٚس پیٹھ زوٗ ان مگر یِمین تیٚنِہ زمین کأشرِ چھنہٕ نتیٖن چھُہ تس سٕنٛدِ تجربہٕ تہٕ وۄہرِ باسان۔ اظہارہٕ رٕچ چھِنہٕ کیٚتھے۔ تس سٕنٛد فن چھُہ کأشر ذہنی نفسیات تہٕ شخصیتہٕ مُشخص کٔرِتھ تھاوان تہٕ زبان دِنس منٛز یِمین زبانن ہِنٛدی ادیب پننہٕ زبأنۍ تہٕ کلچرس وۄتھبو دِنہٕ خأطرِ تِم تکنیک ورتاوان وۄن گوٚو یوتاہ سکانہٕ زبان تہٕ کلچر بڑان، پھولان تہٕ پھأپان چھُہ تیوٗت چھِ تِمہٕ کِنۍ لیکھارین نۄو تجربہٕ کٔرِتھ انسأنۍ ذہنس زیادٕ سہی عکأسی کرنک جُرتھ پأدٕ گژھان۔ یوٗنأنۍ اسہٕ بہ جُرتھ یِیہٕ توتأنۍ ہیکو یِیہٕ سٕنٛدِ جُرتہٕ ستۍ ڈرامہٕ وِنہٕ پکنس ٹھاکھ کٔرِتھ۔

اِنسانی شخصژ ہُنْد پزر چھُ سارِوٕے کھوتہٕ محفوظ تیٚہنْدِس دِماغس منٛز تہٕ اِنسانی نفسیات چھِنہٕ کُنہِ ربطس یا منطقی ترتیبس آوینر آسان۔ عام بیرٛونی تجربہٕ چھُ سطحی آسان یتھ اَسو سمجدار منطقی تجربہٕ وَنان چھِ۔ سطحس تل چھُ کے یاس (CHAOS) تہٕ سطحس پیٹھ چھُ شوٗبہٕ دار دُنیا تہٕ مایا۔ مایایہٕ ہُنْد پاس ہیٚکہِ اَمہِ کس ٹھہاہی نِظامس ڈٲکرِ والنہٕ ہیٚتھ دِنہٕ یتھ نٕہ یی چھُ کافکا کران۔ تیٚہنْدی کِردار چھِ یِیندی بۄدی دُنیاہی اکھ یم امہِ مایایہٕ ہینْدِس کے یاسس منٛز ہینہٕ آمتی چھِ۔ دُنیاہس منٛز چھُنہٕ منطق چلان ییمہِ اَسہِ یتھ دُنیاہس منٛز ہال چھےٚ تہٕ یُس اِنتہاہی رِیاکارانہٕ چھُ مگر ییمہِ دُنیاہچ اچھو بیہِ اَسہِ پننی ہُمہِ دُنیاہک پزربے بُنیاد تہٕ مضحکہ خیز بوزنہٕ۔ اَسہِ اَسو تتھ پیٹھ نِکہبازِ تیتہٕ آسن نہٕ اَسہِ پننی نبھو نہٕ آسہِ سانِہن کامِہن ترتیب تہٕ جواز۔

کٲشرِس منٛز آیہِ یتھو کینٛژہ افسانہٕ لیکھنہٕ۔ مثلن "شنی" (اِقبال فہیم) "ٹھوٗر" (رتن لال شانت) "جنگ" (چمن لال ہکھو) تہٕ چھُ وَنہٕ پنڈرایہٕ ہُنْد "اِنتظار" (ہِردے کول بھارتی) "نرگہٕ نَد" (فاروق مسعودی) کُنہِ متوازی دُنیاہک تصویر پتہٕ پننہٕ دُنی بیچ حقیقتہٕ باوتھ بنیو واریاہن افسانہٕ نِگارن ہینْدِین اَتھن منٛز اکھ کامیاب آلہٕ کار۔ گلشن مجید نہِ کینٛژہ افسانہٕ ہیکو کھ اَسی اَتھی ضمنس منٛز ژٕررِ تھ۔ "کھشیر لدہوٗنی ہینْدِس اردلس منٛز" چھُ اکہِ بےٚ گوڈ بےٚ اَنتہ نفسیاتی سفرک افسانہٕ یُس سانہِ بے ہنگم سماجچ تصویر دوہ نلاونکہِ غرضہ کِردارن ہینْز خٲرجی عملہِ پیٹھ زیادٕ پژھ چھِنہٕ کران (تہٕ البتہٕ کرتوتن ہینْز) بلکہِ تِہندِس باطنی ردِ عملن عکساوان چھُ۔ اَتہِ چھُنہٕ کانٛہہ منطقی سفر تہٕ نہٕ کانٛہہ منزل بلکہِ زندگی ہیٚنْدن کینٛژن گُنڈٕرن تہٕ ٹینٛشن پزرن ہُنْد اکھ آیہٕ چھُ پیش کرنہٕ آمُت۔ کِردار چھِنہٕ تمہ آیہٕ

ہُنٛد تامیر نوٚ اِنسانہٕ کرنہٕ مگر سۆتۍ سۭرٕ رُود یوٚنہٕ اَندری کوران تہٕ بیٚیلہٕ سالہٕ ژٕکرن
سُلیمان نِس عاصَس تہٕ کھوٚکھر ژوٚن شہٕ آو پھٹِتھ تہٕ سُلیمان پتھر بِیٚتھ لوٚب
دلوٚد دٕرِیٹھا کو نوٚو زایٕن تہٕ پننہٕ سۭتۍ تالکھ ہُس واو طُفان زلونہٕ گو کرایہ تہٕ سارِنے
یِمَن منٛز شاعرن تہٕ چُھ گو احساس زِ کٔشیرِ رود شہل لیٚتہٕ اَمیک بُنیادی کارن اوس شہ
سۆتۍ ہِرٕ داغ یُس ماجہٕ کٔشیرِ پٔرزلونِس روٚیس کوران اوس مگر یُس سانین نظم نِگار شاعرن
نظرِ آو نہٕ تِکیازِ تِم آسی یا تہٕ سیاسی مصلحژن تہٕ نارہٕ بازی ہنٛد شکار یا تہٕ تِکن گرٕہی
ہاو نہٕ موجوب۔ اکھ گٔنیٛل تجربہٕ بارسس اَنان یِیٚمہٕ نوٚ آگاہی دِنہٕ کٔس ناوس پیٹھ پَرن
وٲلِس اکھ وِوُنٛد مُنرٕ نل ۔ لفظن تہٕ مانیس رود رِشتہٕ تہٕ مُشاعرن منٛز شاعرن
ہُنٛد اکھ اَکِس "من ترا حاجی بگویم تو مرا حاجی بگو" وَنِنہٕ کِنۍ گو سانین شاعرن باس زِ
تِم چھِ آکاشہٕ کین ناریکن مالہٕ گرتھ نوین کہکشانن گاشراوان۔ اَمِ آیہٕ گو شاعری تہٕ
سماجس رِشتہٕ خَتم تہٕ شاعرن رود قومی اِفرادِ یژ سۭتۍ تولُق ۔ یہٕ چُھ سہی زِ شاعری چھے
عام لُکن خاطرٕ آسان مگر یہٕ چھے پَرن والین ہنٛدِ خاطرٕ ضرور آسان ۔ شاعری مُمکن
ہیکہٕ نہٕ سائنسی ایجادیٚن ہِسہٕ مگر تہذیبی تہٕ ثقافتی بُرزٕر، اکھ ذہنی تہٕ رُوحانی
آننٛد نہٕ اَمہِ آیہٕ آگاہی ہُنٛد وسیار چُھ شاعری ہُنٛد مقصد ضرور آسان۔ مگر یہٕ
مقصد ہیوٚک نہٕ کاشرِ نظمہِ عام پاٹھۍ انژام تہٕ پٔراوِتھ۔ ۱۹۹۰ تس تام آس سانین
شاعرن ہُنر پِیٚرِنا (INSPIRATION) دِوان - اَتھ منٛز نہٕ اوس سانِس سماجس دخل
تہٕ نہٕ سانہٕ رلوائژ تہٕ نہٕ فولہٕ کین توارٔخی دٕطیرَن۔ اَوٚرٕ دٕ نظمہِ یُس قومیٚنک ونِقار
حاٲلی یِن، چکبستن تہٕ اِقبالن دِیت تِمن کُن پیٚوو نہٕ سانین نہلہٕ پایہٕ ترقی پَسند

ڈاکٹر امر مالمُوہی

# بیٛیمہِ دٔہلیٖ کٲشُر نظم

بیٛیمہِ دٔہلہِ کٲشِرِ نظمہِ ہُنٛزٕن اظہارٕکۍ ترٲیِن ہُنٛز سام ہیٛنہٕ برونٛہہ ونٛچھو بالکُل سرسرِی اندازِ زِ یِتھرٕ پٲٹھۍ ژوٚن دٔہلین ہُنٛزِ کٲشِرِ نظمہِ ہُنٛد ہِرِ کیا چھُ یُتھ نہٕ باسہِ زِ بیٛیمہِ صدی ہُنٛدٕ آخری دٔہلیٖ نظمِ کُس انہار چھےٚ پٕراوان تہٕ کیازِ چھےٚ پٕراوان۔

رِوایتھ وِیُور تہٕ تسلُسُل چھُ فنی فکری تہٕ جمالیاتی بصیرتھ پٕراونہٕ خٲطرٕ ہمیشہ ضروری آسان۔ سائنس تہٕ ٹیکنالوجی یِم دوے پرکرژ ہُنٛدی گٔژھلین گوشن وٕرُن تلیتھ نوی مولومات فراہم کٔرِتھ نوین ترشنا بدس انان چھےٚ مگر فکرِ تہٕ فنکر نوی اظہار تہٕ نوی تجربہ چھِ ہمیشہ تِتھی بُتر اژھ پیٹھ سپدان یِتھ وٕنان چھِ۔ افسوس چھُ کتھ چھےٚ بیٛرِ زِ آزادس نہٕ مہجورس پتہٕ چھُنہٕ یِہ باس سپدان زِ دہلیٖ ژورُو شاعرو رۄس کرِ کٲنٛسہِ کٲشِر ثقافتی رِوایتھ زانٛنچ تہٕ نوِ انسانہٕ پٲٹھۍ پھلاونچ کوشش۔ کٲشِرِ نظمہِ ہُنٛد حوالہٕ کتھ کٔرِتھ چھُ مےٚ باسان زِ جدیدیتکس رٕویس منٛز یوت نہٕ بلکہِ ترقی پسند دورس منٛز نہٕ چھُنہٕ اسہِ عام نظمن منٛز کشیر نظرِ گژھان۔ کٲشِر نظم رُوز عام پٲٹھۍ خولوصچہِ کمی ہُنٛز شِکار نہٕ تہٕ سۄ سۄ تہٕ آد نہٕ کٲنٛسہِ اتھہِ ییس کٲشِرِ الفرادیتٕ آزادی برونٛہہ لگن ہیوٚ ہمت اوس۔ شاید اوس کُستام سلیمان عاصہ ہیتھ وۄدِ نہٕ پسند لولہٕ ہنا خوفہِ تہٕ احتراہہ لگہ ساری نوکشیر

باضے اتھ رلوٲیتھ سأزی نظمس منٛز راوراوان تہٕ زٕنٛز میون ژٕکی ہن وٕدرین منٛز آیہٕ تٔرژھ کٔژتام نظمے لیکھنہٕ یمہٕ سٕنز آناٚیتھ سانین ییٛنہٕ والین نسلن گٔژھ شراوان روزٕ۔

کٔنہٕ تہٕ زبأنۍ ہٕنٛز شأعری تہٕ خاصکر نظم صنفہٕ ہٕنٛدِ خاطرٕ چھُ اکھ پوٚت منظر ضروٗری یہ پوٚت منظر چھُ امہٕ زبأنۍ تہٕ اتھ بولن والین ہٕنٛدِ کُن ہُنٛد ثقافتی تہٕ توأریٚخی تسلسُل تہٕ وٕطیر فراہم کران۔ شاید چھُ امہٕ کتھہٕ ہُنٛد ایحساس تمن شأعرن تہٕ یم اکہٕ طرفہٕ پننہٕ نظم سمأجی تہٕ ثقافتی فریمہٕ نیبر کڈان چھ، یانے پننہٕ نظمہٕ وَنہٕ کس حدس تام اکھ آفاقی تجربہٕ ونان تہٕ بیٚیہٕ طرفہٕ پننس اتھ شعری تجربس کُنہٕ خاص سَمیٛک فریم دِنہٕ خاطرٕ یوہ نہٕ کیٛنہٕ لیکھنک تأریخ تہٕ چھ لیکھان۔ پزر چھ یہ زٕ بییٚلہٕ شأعرس معاشرأتی شعور بوٗد راوتمہٕ وزِ چھنہٕ صرف نظمہٕ بلکہ زبأنۍ تہٕ دوارٕ واتان۔ جمیل جالبیؔ چھُ اکس جایہٕ لیکھان، "اُدیبہٕ سٕنٛز گوڈنیٛچ کأم چھےٚ یہ زِ تس روزِ معاشرٕچ بوزہ سوز، خیال، عقیدہ تہٕ تجربٕچ گٕہرٕ سانگرن ہُنٛد ایحساس یُتھ سہٕ رٕت شعرٕ ادب تخلیق کٔرتھ ہیٚکہٕ نتہٕ روزِ نہٕ لفظن منٛز کانہہ رشتہٕ۔

شأعر چھُنہٕ وعظ خان آسان نہٕ نہ لیڈر، نہ سادسنت تہٕ نہ سیاست دان، نہ سمأجی اصلاح کرن وول تہٕ نہ ونہٕ ہاوک۔ مگر ٹھیانہٕ غیالہٕ چھُ سہٕ سہٕ انسان ضرورٕر آسان ییٚس زٕمن تٔھکٕن چھُ وونہٕ تھان۔ اتھ تھٕنس چھُ سہٕ زبان دِتھ پٕنٕ بوس پھأٹھلاوان تہٕ امہٕ سٕتۍ چھُ تس باسان زِ سہٕ چھُ پننس معاشرس کیاہتام دِوان۔ شکسپیر، حأفظ لل دید تہٕ غألب تہٕ تلسی داس کیا چھُ اسہٕ دِوان تہٕ چھُ اسہٕ مولوٗم مگر تمو کیا ذٔیِت پننہٕ زمانکس سماجس تہٕ چھُنہٕ کم اہم کینہہ۔ اوے چھُ اکھ نقاد لیکھان"، یہ کمہٕ پٔژ نہ زانہہ مشراوِتھ زِ سیٚمت منٛد نہندہ بسس منٛز چھُ ہلہٕ پایہٕ شأعرن کلچر تہٕ تأریٚخی

شاعرن زانہہ تہٕ زوٕن ۔ وون گو انھ نارٕ بازی ہنٛز شاعری منٛز چھےٚ ترٛٹھ نظمہٕ
تریم اِنسانی عظمتھ تہٕ وِقار، خوشحالی تہٕ امن، شاعرانہٕ خلوصہ تہٕ فنہٕ سان کانٛہہ ان
چھےٚ تہٕ ترٛٹھ نظمہٕ چھےٚ از تہٕ ساپٔدر وار باسان ۔ ناد ہینٛز نظم "جنگ باز جالساز" چھےٚ
امہِ قسمچن کم قلیلہ نظمن ہنٛز اکھ مثال ۔ جدید ٹیکس دورس منٛز آیہٕ یقینا واریاہ ترٛٹھ
نظمہٕ تہٕ لیکھنہٕ یمن منٛز شاعرن سُند خلوص باوژ بل، لفظ تہٕ معنیک رشتہٕ رلتھ میلتھ
پرن وأنس جمالیاتی تشفی تہٕ فکری بوچھ دِتھ تمہٕ کرب آمیز تخلیقی ژھینگ باس تہٕ دِوان
چھِ یتھ منٛز شاعر گُنہٕ وِستار اوٚتس تہٕ خوٗرتہٕ جگہٕ ہتھ سگناوِتس تجربس بےٚ شونگی پاٹھۍ
گُنہٕ تنگن گٔری وراہی زبان دِوان چھِ ۔ ترٛٹھ نظمہٕ تخلیق کرنس منٛز چھِنہٕ فقط نادم، کامل
تہٕ راہی سنٛدۍ یوت ناو بلکہ چھےٚ یمہٕ تخلیقی زژ واریاہن شاعرن منٛز موجود یِمن تیٚ نظم
نگارن منٛز چھِ موتی لال ساقی، غلام نبی فراق، ناروف نازکی، محی الدین گوہر، مکھن لال بیکس
مکھن لال کنول، روشن پوشپر ارجن دیو مجبور، مشعل سلطانپوری تہٕ منظور ہاشمی یِمن ہوٚد
بییہٕ تہٕ واریاہ شاعر حضرات شامل ۔ گھر بار تہٕ وولہٕ دولہٕ معاشرس منٛز یمس اوٚصولن تہٕ
قدرن سُند مانے رووُمت چھُ تہٕ اِنسانس یمس لتہٕ مانڈے تہٕ آنہٕ مانہٕ ذہنی تہٕ
روحانی ستونہرس پیٹھ سپز تسیٖج نار شخصی باونہٕ چھےٚ ناوہینٛز یتھو شاعرو علاوٕ نِشاط انصاری
چمن لال چمن، موہن لال آتش، شومناتھ وِیر، شفیع شوق، مجود سیلانی، جواہر لال سرور
رفیق راز، م ح ظفر، محمد احسن احسن تہٕ گلشن مجید بیتر شاعرن نش تہٕ میلان ۔ حقیقتھ
چھےٚ تہٕ زِ کینٛہہ شاعر مثالے راہی، کامل تہٕ ساقی چھِ غیر شعوری پاٹھۍ رلوا بھتھ
پرکھاؤتھ تہٕ پھٹر اوِتھ رلوایتھ سازی تہٕ کران مگر اظہارک حدکھوتہٕ زیادٕ گچھ چھُ

پھٹنہٕ مشینن ہُنٛد غوٗلام بننہٕ تہٕ سائینسی ترقی کنہٕ باگہٕ آمتۍ آسی۔ ییٚمہٕ دٔلیلہٕ کاشُر نظم ؤرایہٕ امہٕ نیٚبر تہٕ یہٕ شاعرن پانس اَندرٕ پکھ ڈلیوٗنٛٹھ تتھ وٕژن فنکارانہٕ نوٗلوٗصہٕ ستۍ زلوٗ۔ یہٕ شاعری چھےٚ میٚشر ہنٛز مشکہ ہیتھ شاعر سٕنٛد تجربہٕ باوان۔ کمتھ چھپنہٕ یہٕ سرکرٕ زٕ یہٕ تجربہٕ چھا آفاقی کِنہٕ لوہ حرائی۔ کمتھ چھےٚ فقط یہٕ زٕ یہٕ سوٗرے چھُ شاعر سٕنٛد وُچھمٕت ژٕتُرمٕت تہٕ اَنداز کوٗرمٕت۔ اَتھ تجربس منٛز چھُ پرن وول تہٕ شوٗنکی پاٹھۍ شریک سپدان تہٕ تس چھُ باسان یہٕ کیٛنٛژھا سہ پران چھُ تہٕ چھُ تس پانس ہیوٗن بیٚیہ کانٛسہٕ کاشرس تہٕ باگہٕ آمُت۔ ییٚتہٕ ییٚلہٕ سہ دوٗر تام نظر ترٛاوان چھُ تس چھُ لوٗرپس تہٕ ایشیاہس منٛز وارِیاہن قومن ہیٚوے اَدرٕ کھل گژھان دٕرٕ نیٚنٛگھ یوان۔ کاشرس شاعرس چھُ پتِن بُتھ، پنٕنۍ رٕلوایتھ تہٕ پنٕنۍ انفرادیتھ راوُنک ماتم تہٕ یہٕ ماتم چھُ تس باضے اَحساسہٕ کِنہٕ چھوکن لوہ لہ منہٕ لاے کرناوان تہٕ تمہٕ دگہٕ کرٛائی نٕلہٕ ناوان یوہ سہ ییٚتھ دٔلیلہٕ تام کاشُر شاعر زانہٕ ہے نہٕ۔ بیک وقتہٕ چھُ تس کنہٕ تنہائی تہٕ خوف۔ یہٕ تنہائی تہٕ یہٕ خوف چھُپنہٕ خیالی۔ شُمہٕ سٕنٛد رُم رُم چھُ امہٕ ستۍ کانپان تہٕ ترہران۔ ووہ میٚنزن ہُنٛد لوٗسُن ہارس ماگ گژھُن، ژٕلیٚنٛج مایوٗسی تہٕ رٕلہٕ نکی چھوکھ یہٕ سوٗرے چھُ ییٚمہٕ دٔلیلہٕ نظم جان پاٹھۍ بد کرٛان۔ ییٚمہٕ دٔلیلہٕ نظمہٕ چھُ یوہ ہے تیٚول لاوُن تہٕ موضوع آسی تن کانٛہہ تہٕ در پردٕ پانتی پاٹھۍ چھُ نظم نِگار اَتھ جہرٕل تیٚلس بیک وقتہٕ مُہلامہٕ تہٕ لاگان تہٕ کرٛائی تہٕ ٹلان۔ کیٛنٛہہ مِثالہٕ

کھیمے اَندرٕ پیٚمتۍ لاشا چھےٚ کمہٕ شہٕر     چھےٚ پھٹمٕژ لاے آشائن یہٕ کمہٕ شہٕر
پیمتۍ ایوان انسانکی چھہ پتھرس     کُنٛد ہلکنٛدہٕ کیاز گھتیٚمتۍ بومہٕ سارس

سۆتھرِس پیٹھ پنٕنین ہم وطنن کیٚنہہ نتہ کیٚنہہ ضۆرۆری دِین آسان۔"

وۄنی یتھ جایہِ وۄنۍ مٲیک کاربار آسہِ نتہٕ کَس ثقافتی سۆتھہ ییہِ گنڈنہٕ۔ مثالہٕ خیالہٕ گژھہٕ کٲشرِ نظمہٕ ادل نتہٕ وَدل، گلہٕ گٲس مارکسی نٲوِتھ نٲلی تہٕ گاہے بودلیر بیشتر شٕژ زُلفہٕ ہانکل۔ پٲن اثاثہٕ تہٕ اثاطیر سۆر نہٕ زانِہ۔ پننہِ وۆجودیت پرکھاو نہٕ زانِہ نہٕ شہادژ دِژ سارٕ ژرے سٕتھ۔ حالانکہِ دۄشوے چھہِ سارِہے کاوِ ینہٕ وول مانان۔ فرق چھُے ژرِے یٲژ زِ اکس جایہِ چھُے پہٕ مثبت قدر بنان نہٕ بیٚیس جایہِ منفی۔ باژ بلس پوچھر دِنہٕ خاطر یا اتھ ساپر دار پر دِنہٕ خاطر چھُہ شاعرس کانہہ تہٕ منتھ وَرتاونک حق۔ کتھ چھُے فقط یژرے یٲژ زِ تمہِ سندِ اظہارک مواد تہٕ رُوی یہِ چھا تس پٲن کِنہٕ وۄپر۔

اسلوب ہنز تہٕ نارہٕ رنگ چھُے سہ کٲشرِ نظم پتہٕ میٚن ژ تجہِ وریرین کٲفی پژتھیاتھ مگر یتھ بدلس نیٚبرِ کنی سازِ سنگارتہٕ گٲن گنھ کرِتھ چھُہ تتہٕ منز نہٕ چھہ افرِ ونک تھٔزر نہٕ وۄہ لرِگ سٕتھ، نہٕ آگر گرزُن نہٕ ونہٕ ہنٛد سحر کُرنا تہٕ نہٕ تسلسل۔ اَتھ صحراوس منز چھہِ بافے کیٚنہٕ پوش نہٕ چھکرِتھ پوشہٕ وتھر نظر گژھان، یمو سٕتی اَچھہِ زِنٛدگی ہنٛد باس یِتھ لگان۔

یتھ دلیلس منز یوہ سہ کٲشرِ نظم لیکھنہٕ آیہِ بہٕ چھُس نہٕ تمہِ کِس معیارس پیٚٹھ کتھ کران مگر یہِ نظم دۄریہِ وۄہ زمکہِ تجربہٕ نیٚبر۔ حقیقتھ چھُے زِ سانہو شاعرو یم موضوع بروٕنٛہہ ژٲری تہنٛد اوسہٕ کٔشیرِ منز وۆجود۔ گوڈٕ کر سانہو شاعر سماجک تہٕ امہِ کین رنگہٕ رنگہٕ وۄلابن ہنٛد زکری احساس مشرادِتھ مارکسی عٲنکھ لاگنہٕ موجب خیٲلی جاگیردارن، ظالمن تہٕ چنگیزن ہنٛز کتھ تہٕ وۄہ تلوگکھ سہ احساس زنتہٕ کٔشیرِ نمہِ سارِی وکانہٕ گٔمتی آسی، یم یورپس عالمگیر جنگو ، انقلابو، انسان باگنے ، نو آبادی نظام

گُزرِتھ تہٕ چھُنہٕ شہٕ پانس یہِ بٔرم دِوان زِ یہٕ مشدوٗر پٕنٛچ لوٗگن تہٕ ہٕنٛدی دوہ تہٕ نیٚرنس تہٕ تھہٕ موتس کُن چھکھ نہٕ نظرِ یُس پٔراران چھکھ ـ

بہٕ پٕنٛچ وٲنسن تہٕ دلہٕ دوہ سٲنٛ نیٚرن    اُچھن تل آورینٛ چھکھ اَس اُدرِتھ

(مشدوٗرِ - موتی لال ساقی)

تہٕ شاعر شُند وٲراگ چھُہ ییٚمہٕ آیہٕ کاڑکنان ـ

وُنِل گاشِر چھےٚ ذٕے یتھ شپنہٕ شہرس    وُہیتھ گو سرِیہٕ اتھ کیا چارہٕ سوٗچھ

ژھوپاسے آوریہٕنہٕ دِہ وُلپٕہ آمٕت    کرٕو کیا شاہ ہیٚنس گاشِر چھےٚ کامن

(وٲراگ - موتی لال ساقی)

کشمیرِیت وُذٕ ثٕویا اِنفرادیتھ، پٔرزنتھ وذٕ ثٕویا بُتھ، اتھ اُس سِیاسی تہٕ افسر شاہی ستو تہرس پیٹھ ثبروٗت ٹھےٚ آنہٕ مانہٕ سپنہٕ مٕژ۔ زمانہٕ ساز تہٕ سکاوِ گاٹلہٕ آسی پننہٕ پننہٕ مصلحژ مُوجب اتھ سیٖرِ سیٖر گُرِتھ محدوٗد تہٕ پانس وِیہٕ وُنا مانہٕ کران۔ کیٚنٛژن خاطرٕ آس اِنفرادیتھ فقط ۔۔۔ کیٚنٛژن خاطرٕ تہرو ژنہٕ منٛز سِیاسی پوزیشن تہٕ کیٚنٛژن خاطرٕ یمن کاشُر زبانٕ ہُنٛد اکھ یقین اوس آس نہٕ کاشُر کاشُر اِنفرادیتھ تہٕ نہٕ کاشر تواریخی تسلسل۔ تم آسی ژھوداہمہٕ صدی ثبروٗرٕس پٔرتھ چیزس تہٕ تصورس انہٕ گنڈٕ مانان۔ کیٚنٛژن خاطرٕ آس کشمیرِیت کونگ کانگرٕ تہٕ تالین تہٕ سیٹھا کم لوٗکن اوس وٕنِ یہِ تصور زِ کشمیرِیت اَس کاشرین ہنٛدِ لسنہٕ بسنہٕ تہٕ ولوہارک وٕطیرٕ تہٕ اَکس مُسلسل تواریخی تہٕ ثقافتی رِوایژ ہُنٛد آنہٕ یتھ منٛز ساٖنٛ پٔرزنتھ پٕنٕن بُتھ وُچھتھ رس لبان اَس تہٕ یہِ ساٖدٕ روار رس باگراونک وسیلہٕ اَس فقط کاشُر زبان۔ امیُک نتیجہٕ دٕراو زِ کشمیرُک بنیادی رُوحانی تہٕ آفاقی تصور منٛز اوٗتھ بنیہٕ یہِ فقط نارِ بازی ہُنٛد وسیلہٕ تہٕ اکھ راٹھ آیہٕ

ژھیان سارۍ مگر ژوٗرتھ نہٕ کانٛسی     نژان دٕزِ یاہ مگر فرصتھ نہٕ کانٛسی

اما کانٛہہ ژاتما گژھ نا سأ بیدار     چھِہ ژانٛکم ژوٗرتوٗتوٗنٛے ژھہ کھوٗرۍ دار

(تیۆل ۔ ارجن دیو مجبوٗر)

مےٚ چھِیہٕ زنیٚہ ژٕتس تمہٕ دِگرِچ ژکنھ     یہ چھےٚ پرٲزٕ کنھا پتھ ساعتہٕ چھےٚ ژوٗ

بیٚیمہِ شہرنا وٕچھِہ کم رنگ بدلان     یِیمہِ شہرنا وٕچھِہ کم شام ڈلان

(ڈایری ۔ فاروق نازکی)

مگر بدٕنصیبی سپنٕز نیوٗ جہارو

گوٗرِٹ آب میانٛس دِلس آیہ غارٕ

پشرنم بہارنا ۔

(سوٗنٛتھ ۔ فاروق نازکی)

کیاشا بنیہٕ زانٛہہ تہٕ کھسہٕ نا گاشہٕ ناژکھ بالہٕ پنٛنۍ

بانٛگہ دِیہٕ نا بانگ سحرِچ مُشدِ منٛز وۄ ذٕ زٕ شیٚہ

کیاشہٕ منٛدرک شنکھ روز پا آخرس دم چھٹی دوہے

کیاشہ پگہنک دوہ تہٕ آشیا آخرس منحوٗس پتھ

(ارمان ۔ جواہر لال سروٗر)

موتی لال ساقی سٕنٛز نظم "مشدوٗ" چھےٚ رٕژھہ کھنڈ بروٗنٛٹھے۔ سٕ کاشُر انفرادیتھ راوُنک پتھ وونِتھ ماتم کران زِ مشدوٗ منز روزن والین چھُ احساس زِ مشدوٗ چھِہ ہنگ تہٕ پنٛیٕ آہتٕر نٕ ٹنگ تہٕ چھِچُعِہ تہٕ ہیمتی پتہٕ پیٚس تہٕ اللہ شیٚپر تلر پکان چھُ نہٕ ژھُس کنٛہ گنٛز گڈان مگر تہٕ

یہِ خوف، یِم اندیشہٕ، یہِ وسواس، یہِ شرٕہرٕن نہ چھُہ اَکِس فردِ واحدٕ سُند ذہنی دوولا بہ تہٕ نہ فقط تِم حاژرٕ شاتھ یُمن محظ اخبارٕی اہمتھ آسان چھےٚ۔ یہِ چھُہ اِنسانہٕ سُند تبلُن، اِنسانی دگ، اِنسانی قدرٕ تہٕ غفلتھ راوُنک ماتم، تمن حالاتن پیٹھ یِم شبرنگ، سیاسٕتشر بارٕسس آئ۔

رتہٕ داوی پھیرن دِتھ شانہ یہِ راتھ　　دگ لۄٚوان کھسِ ووٚنی سکاًنی پیٹھ

رتھ دوپھران ژلِ ووٚنی دُور سمٹھا　　ییلہِ لوٚہٕ ژ پٔردٕ پھیہِ خبر پگاہ

اسہِ آسن بدنس چاکھ گہتی　　محراون منٛز آسواسی خاک گہتی

(متر آب - بیتاب)

یہِ راتھ یَس ژکرِ عظیم راتھ آس بناو ملہِ، موغجہٕ گٔرِ تہٕ سیکولر سیاسٔتشرٕ رتہٕ میلتھ اکھ شراہہِ شراہہِ کرونی راتھ۔ امہِ راژ ونیت عام کاشرن یہِ احساس زِ سارِنے ہُند ہتھ اوس نہناوینہٕ آمُت نکیاہ ژ راژ آسہِ اچھہ چنٛدس نحاوِ منٛز تہٕ پٔرتھ طرفہٕ اوس انہِ گوٚٹ تہٕ شرٕ ٹہ بزنا۔ اکھ وکھ سیاست اُس بارٕسس آہٕژ۔ مگر یہِ وُنن چھُینہٕ کاشرس نظم نگارس خاطرِ سہل زِ امہِ سیاسٕتشرِ ہنٛدِ انہِ گٹہٕ کیٛنہٕ انہِ گٹ نیٚنہٕ رود امہِ سیاسٕتشر ہنٛد راز۔

یَس زانان

سُے یوت زانان بس
تِمو انہِ گٹہٕ نٔی رود کیاہ تامتھ
کِنہ کیاہ ہتام نٔنی رٔتھ انہِ گوٚٹ گو۔

یہِ راتھ اُس نہٕ فقط اکھ راتھ بلکہِ یُمن جلاے وطن کرنہٕ خاطرِ یہِ راتھ امہِ

دِلہٕ پیٹھہ سرینگرتام اکھ سازِش کرنہٕ یِتھ منٛز سارِے پرٛزنٛز سوٗرے بُتھ نہنٛاوِتھ آو۔ سوٗ راتھ چھےٚ ہندوستانٛچ تہٕ کشیرِ ہنٛز اکھ اہم توارٟخی ذاتھ۔ اتھ راتھ چھےٚ ۱۵ اگست تہٕ ۲۶ جنوری کھوتہٕ زیادٕ اہمیتھ تہٕ امہٕ راتہٕ ہندی حادثاتھ چھہِ یِمہٕ دٕلیلہِ نظمہٕ ہُنٛد اکھ خاص موضوع تکیاز یہ چھےٚ کشیرِ ہنٛد سوٗرے اِنہٕ اُہرِ شرِ عظمتھ تہٕ وسعتھ، جمال تہٕ جلال، اعتبار تہٕ اعتقاد، شان تہٕ شوکت رتہٕ ترٛی کرِنک منٛز گرٕتھ کاشرِ ہنٛد سوٗرے کینہہ بایہ تہٕ شایہ، راسی تہٕ چِھپر کران۔

تُتہٕ نارلو لاگٕ چھکہ تراوٕنی — ہنگہ منگہ لج یِتہٕ ودلنہٕ راتھ
یوسہ بُوڈٕ نہ بُوٚنپٕ آس سرِ ہو — سوٗے بُوڈ لج یِتہٕ بولنہٕ راتھ
متہٕ آب ادس زِ نادِتھ ژوٗنمت — ٹھوٗلہٕ دی دی لج ٹھوٗلنہٕ راتھ
گرٕزگرِ زینہ لاباد ٹیرٕ زالٕ زالٕ — سٹرکن پیٹھہ لج شولنہٕ راتھ
لل دید نہ حضرت علمدار ِس — بُرتھ شایہِ چھی لج تولنہٕ راتھ

(نورہٕ چ راتھ۔ امر مالموہی)

کینہہ ترٛن لفظن منٛز چھےٚ یہ راتھ اکھ کردار تہٕ اکھ علامتھ بنان۔ یہ راتھ چھےٚ اکھ وکھرٕ رامائن لیکھان یِتھ منٛز ژوٚپاسے کھیٚنہ بل یا کھاڑ دِیار راونٕ ہُنٛد قہر چھُہ برپا یتی رام چھُہ ونواس نیرِنک منٛز کران۔ کیٚہ ترٛن سیتایِن چھُہ راکھسن ہُنٛد خوف دم پھٹی کران۔ کُنشر منتھنایہ چھےٚ ینہٕ مکاری ستی ماجن ماجِت منٛز اوان۔

از راتھ چھُہ کورون ہنٛز خونس خار — از راتھ چھُہ پانڈون ہنٛز لاچار
از راتھ چھُہ لیکھن رامائن — از راتھ چھےٚ اخرِ پہرچ راتھ
از راتھ چھےٚ آدٕ پہرچ راتھ

(متہٕ آب۔ برج نانھ بیتاب)

ڈلِس تہٕ کٲشرِ لبن بیٚیہِ سٕ مِلِٹرار یَتھ خٲطرٕ پانہٕ کٲشرٕ کوشِش کران تہٕ نہٕ تِیس مُلکی تہٕ بین الاقوٲمی سیاسَتَس ضۆرورتھ چھُہ۔ یہِ چھےٚ حقیقتھ زِ سارِنے کٲشرِن چھیہٕ کٔشیرِ رُوس کانٛہہ نہٕ چھیپن جاے تہٕ مِلِٹرارکۍ آگر چھِہ وۄہ زِ نو نۄو حالاتو مطٲبِق بدٕلیُن۔ اگر نزدیک رُوزِتھ تابد ٹُھٹھناد تیلہِ کیٛازِ کرَو نہٕ وۄنہٕ ہنادُر رُوزِتھ ہرٕ میٹھ اوٚنٛج کوشِش۔ مگر جلاے وطن نظم نگار شاعر چھُہ اتھ مِلِٹرارس پوسٹ مارٹم کرِتھ گرِتھ تہٕ امہِ کہِ زِنٛدٕ گرٕ صِحیح آش تھوان۔ سُہ چھُہ زانان زِ امہِ خٲطر گرِتھ اتھ نۄو زایِن لبُن تہٕ باسان چھُس زِ کُنہِ نیتہٕ کُنہِ دوہ وۄہ تِہ کانٛہہ نیتہٕ کانٛہہ لل دید، کانٛہہ علمدار، کانٛہہ سوقراط کانٛہہ نیلہ کنٹھ یُس اتھ سارِسے زہرس ولم دیہِ۔

کوسہ لل دیدٕ نِنگے دیہِ لولس وٕزِ    کانٛہہ سوقراطھ بوہرِ لہ پوٚزو نِس

کانٛہہ بڈشاہ بیٚیہِ ووِ گرٕ صیا بیدار    کس شنکر دیہِ اتھ زہرس دام

آسہِ کانٛہہ علمدار گرِتھ بیدار    (آسیا کانٛہہ علمدار ۔۔۔۔۔۔ امرمالموہی)

یتھے پأٹھۍ چھُہ بِرج ناتھ بیتاب "سوسن" ناوِ نظم لیکھِتھ کٔشیرِ ہنٛزرٲسی گرٕ پترٕ زِنتھ ژھانٛڈِتھ تہٕ پوٚرِ پأٹھۍ ناوۄہ میدٕ سپدِتھ تونہٕ یِیمہِ آیہِ آش تھوان ــ

زیٖشہِ مول دیان ژۄل تہٕ تِہ وانٛسی    تنتہِ ووہ زِ تُوے ریٖش وارٕ وہان

للہٕ ماج چھےٚ نیتھ نٕنہٕ نٕشہٕ گاہش    ییٚتہِ گپھرگومت دسگیر چھُہ میثون

ییٚتہِ منگِ کُس کس ییٚتہِ دیہِ کُس کُس    ۔۔۔۔ پیٚنہِ یور ترکھ ۔۔۔

ییٚتہِ چھکھ تتہٕ روزٕ نشراوٕم    ییٚتہِ سوسن سوسن طرناطن

ییٚن آ تیلہِ ییٚزِ لول بنِتھ    مِلِٹرارگ تتے ماحول بنِتھ

مِلِٹرارکۍ ییٚمے آلو چھُہ اسہِ رتن لال جوہر (تمہِ گامچہ کمیٹھ)

انہارِ بارسس آیہِ تہٕنٛدِ خاطرٕ چھےٚ یہِ اکھ نہٕ سورپوٚنی مُسلسل راتھ۔ تم چھِ پرتھ راتٕھ مٔنز امہِ راتٕچ ہٕنٛز گُنہِ نتہٕ گُنہِ رنگ آکار ہیٚتھ وُچھان۔ یہِ راتھ چھےٚ تُرہٕنک تہٕ کھوژنک بےٚ لٕبسی پٔنٕ بےکسی، نادآری تہٕ مجبوٗری، ہوٚکھنک تہٕ سورنُک، بےآرٲمی تہٕ "ناوُک اکھ آرکی ٹایپ یُنہٕ پرتھ راتٕچ نبفس تہٕ زٕمن پھرکہِ ناوان ؎

رانِس چھم وُزناوان راتھ کنڈٕ ین پیٹھ چھم ساوان راتھ

یادن بیٚلہِ چھم کرٲری ونٕتھا چھوٚہ چھوٚپہِ چھم کرناوان راتھ

کوٚت ژوٚل پرٛون سُہ ووہ پٕیٛنٛر تی سوٚرِسوٚرِ تہٕنٛد راوان راتھ

(پیارے ہتاش)

تہٕ جوان سال شاعر نشار گُلزار ایس چھےٚ یہِ راتھ وُنہِ تہٕ یہِ نہٕ سوٚ پرٛونا ایحساس دِوان۔

تمہِ راتٕچ طرفہٕ طرفہٕ نٔرے اُس شہر دوٚد افتابہٕ زٕمین آب و ہوا شام و سحر دوٚد

پرتھ جایہِ کوچہِ کوچہِ اِشتہار لیکھنہٕ آسی اِستادٕ گواہ اوس گُنےٚ زوٗن سُہ سحر دوٚد

یوٚدوے رحمان راہی اتھ شبس رلوایتی تہٕ مذہبی نظر بجا طورٕ متبرک مانان چھِ مگر موٗلُل شب "ناوی نظمہِ ہُنٛد "وادل فضا" تہٕ "ردتل سمے" ہشہٕ علامژ چھےٚ شاید بےٚ شوٗنکھی پأٹھی امہِ راتٕچ ہٕنٛدین تمن آدلین گُن تہٕ اِشارہٕ کران یمن مٔنز کأشُر اپارٕ بپور برابر ہیٚتھ چھِ آمتی۔ راہی صابنہِ امہِ نظمہِ ہٕنٛز اہم علامتھ "جاناور" ہیکہِ سوٚ کأشُر پرزنتھ تہٕ اتھ یتھ راتٕچ ہٕنٛدِس اٗخرس پیٹھ سحرکہِ جایہِ لاگتھ وُنہِ تہٕ تھز نہٕ بجرٕ پراوُنٛچ آش چھےٚ۔ اِنسانی فطرتھ چھیہٕ ویکھٕٹ۔ آش ہاشہِ گژھی گژھی نہٕ چھےٚ یہٕ اِنسانس آش سوران تہٕ یہٕ آش چھےٚ اُمس زِنٛدہ تہٕ تھاوان۔ کأشُر شاعر چھِ اوے وُنہِ تہٕ یہِ آش تھوٚوِتھ زِ بوٚنٛدٕ ذوق گژھن گُنہِ دوہ

پینہٕ پینہٕ گوٗنٹ بیٚیہِ سوٚمبراوٚن

پیٚنی ییران لرِلرِ پھپرِتھ

پتجل وتھرٕنا ، لہہ گھرٕ پٹلین لرِ کانہٕن

سوٗے دمہٕ گوٗنٹھرٕ وزٕھو اُچھو کیاہتام ساران

(اثرم - غُلام محمد غمگین)

سبزٕ مرگن سیاہ شہار پھیران

دوہ تھان ہتہِ گلِ گوڈٕن ریٚیہہ نارٕ لمبکھ

(وُزِ دِرٕ مس. مشعل سُلطانپوری)

ناروق نازکی چھُ ییٚمہِ آیہِ پنٕنہِ تجربہٕ لفظاوان ؎

میٚہ وُچھ زال گاڈٕن کران رہنمٲیی    میٚہ وُچھ زال ہانٛزٕن کران جلسأزی

میٚہ وُچھ آبہٕ تلی آبہٕ پیٚٹھی کیاہ چھُ سپدان    میٚہ وُچھ شہر باش گٔتہِ دلہٕ رٕتھ چشمہٕ زوٗنان

میٚہ وُچھ گامہٕ دزٕ اشر مسأ ثریٚہ وُرِش ناگمہٕ ازلوٗر ڈکھ وان لرکوٚب گُل. ناروق نازکی

خاب آیہِ بوٗز وٗدس تشنہٕ گُزرٕنہٕ تہٕ خابہٕ موٚت شاعرٕ ییٚمہِ آیہِ خابن ہُنٛد سنٛز کران ؎

رأژِ راتس وُز نیٚنٛدرٕ

کوٚت ہِن سوہُپن

دوہِ ژٕ پٔرن آسہِ خاب بس دوہٕ لی وُچھنٕ

(دوٗہلی خاب - محمد ایوب بیتاب)

شمبھو ناتھ بٹ حلیمؔ، ارجن دیو مجبورؔ، جواہر لال سرورؔ، مکھن لال کنولؔ، موہن لال آشؔ سومناتھ وِیرؔ تہٕ باقی شاعرن ہِنٛش تہٕ کنن گژھان۔ بالہٕ ہ٘یار یِم کاشُر تہٕ شاعر چھِنہٕ نُنہٕ تہٕ پٔرزٕ پأٹھی ہلٕراوکی یِم آلو دِوان شاید چھس نہٕ اتھ ہتی ووہٕ ژیکنہٕ رلان یا چھس اَسَس تھوٗپ۔

کٔشیرِ ہنٛد پوٗنمہِ کیو حارٕ ژاتو کٔرٕ اکہٕ سوٗتھرِس پیٹھ اَکنا ثرے حِصہ، کینہہ گٔلی، کینہہ ژٕلی تہٕ کینہہ ژٕلی۔ گلن والین ہنٛد داغ روٗد ژٕلن والین تہٕ رٕلن والین اَندری اَتھر لٔگتھ ازتام برابر کوران۔ ژٕلِتھس کٲشرِس روو سورُے۔ پنٕنہٕ ازٕتھ پنٕنہٕ مٕیٛشر، پنٕن پان تہٕ پنٕن شاہ رٕلن والین منٛز یُودوے شوقہٕ شازٕ نازٕے تہٕ خوفہٕ زیادٕ رٕیہمتی آسی مگر تِم تہٕ ہیٚکی نہٕ زیادٕ وقتس ژٕلِتھ روٗزِتھ تِکیازِ ساد منوش اَستھ تہٕ باسیوو نہٕ تِمن زِ تِمَس کیا آو خوداہا ونہٕ تہٕ سیٹھا جلد لوٗگ تِمن پےٚ زِ پرانہٕ سیکورجاژن ہنٛد کھنڈ پٕھلٕی آسی نو رنگہٕ تِمن دِنہٕ یوان۔ سمأجی سطحس پیٹھ ببیہٕ نیمن زِ طبقہٕ۔ اکھ یِمِس طاقتھ یا نے بوٗنٛدوق چھِ چلہے نُسہٕ بوٗنٛدوق سرکأری یا غٲر سرکأرٕ چھُ تہٕ بیا کھ یِمِس پیٹھ یہٕ بوٗنٛدوق استعمال سپدان چھُ۔ یِتھ کٕنہٕ گو سورُے کٲشر قوم ژٕ ژُبوتِس گژِھتھ ذٔہنی نفسیأتی، سمأجی تہٕ اقتصأدی طور مفلوٗج۔ اکھ زلزٕ زال یَتھ منٛز کٲشرٕ بِہ ہنٛد پأٹھی بینہٕ آو۔ اتھ یادتھ چھِے یِمِس دِہلِچِ نظمہِ ہنٛد اہم موضوع ؎

ہوہ چھِم شُرکھ لپِٹھی کوکھ ونن کس　　بوہ چھِہ بوہ چھِہ ژوپ آسہٕ گار کرو کیا
چھِپتہٕ نٕسہ محافظ اسی اماتک　　رٕٹہٕ بوٗدن وٕٹہٕ دِیارہٕ کرو کیا
سِنہٕ ہوٗمرن ونو ہوٗمانے　　خفہٕ ماگژھ کأشرٕ یار کرو کیا
سرِ رلہ سمکِھنہٕ کأشرٕ تہٕ گرمعو کوت　　ژٕنہٕ ڈب گیہٕ بِسمار کرو کیا

(خوداہا - رحمان راہی)

ژٔٹ وتن پیٹھ ٹھیکہٕ دارو لاج یارَو کراپہٕ بوٗنۍ

(بوٗنۍ - ظریف)

رٕوٗسل پوٗنپر چھہٕ بے پڑھ حالانکہ وُچھتھ ییہٕ کال تہٕ ای ٹراپہٕ وُچھان

وُچھان وُچھان ہینکہٕ کینہہٕ تہٕ پھد تھ    وونہٕ سوڑے ییہٕ پتہٕ کیا بنہٕ

اسی چھہٕ ہمتھ ییتہٕ وُنہٕ چھہٕ غنیمتھ

(وُنہٕ نہٕ غنیمتھ - روٗسل پوٗنپر)

رگھوناتھ کستوریس چھے پزتھ طرفہٕ وچ وولان باسان

سونتہٕ کالک چھکہٕ ژٕ سونچان    بوے گُل اوٗن نے نہٕ زانہہ

کٕنہٕ ژٕ سونچان شالہٕ مارک    بونہٕ ما شیہجار وٕتیت

گُمہٕ سٕندِس باغس پھلے لُج    جاٗذ تھر پھوٗج کونہٕ از

تار دیتمت ہُمی چھہٕ وولِس    چانہٕ وزِ وولیہ وچ

(سونچہٕ منٛزٕ نیرِ یا نہٕ کینہہ - رگھوناتھ کستوٗر)

یمو حاٗزِ شالو بنوو پزتھ چیز پزتھ سونچ، پزتھ قدر تہٕ پزتھ اوٗصوٗل بے مانہٕ تہٕ بے پزھ۔ وُچھان وُچھان لوگ زندگیہٕ ہٕنز رٕنگ زٕبہٕ پزتھ طرفہٕ دوٗتھ دِہ۔ اژھن دِہ۔ یتھ منٛز سوڑے ہیٹس آو۔ شاعرس باییوو بافے زندگی ہٕنٛد سفر فضوٗل تہٕ بے مانے۔ نکیاز زندگی یسن کانہٕ لین پیٹھ ڈرپتھ اس تم سپدی کایر ناپزٕی ثابت۔ وُچھتو مکھن لال بیکس کیا چھہٕ ونان

پوشہٕ چمنس انٛدرٕ یہ گلشن ییٚنہٕ پزتھ    ہنگہٕ منگہٕ پھٕتوٗر گُلی کانٛجن سونسیار

تہٕ غُلام حسن تسکینَس چھُ ساری سے موچھہٕ مُورن گژھان باسان ؎

ژچھہٕ گُلابس آرولہِ ہنٛد رنٛگ گوٚمت
موٚمن کمی بے گوناہ رتہٕ لاے کٔر
باوسنا اُڈٕ وانہِ موچھہِ مُورنا گٔرکھ

(نظم ۔ غُلام حسن تسکینؔ)

جواں سال رحیم رہبرَس چھُ باسان پننی اَنٛد پھِران ۔

سرکھ چھِ سَرکنا پٔتھ    بے پیرکھ نِشان    ذلِس چھِ یکِ گژھان
سۓ وۄن ذال پائے نیٚستھ گوس    تہٕ پھِرم پننی انٛد

(ذال ۔ رحیم رہبرؔ)

بُزرگ شاعر مرزا عارفؔ چھُ سوٗنتہٕ گولابس وُچھنہٕ یہٕ ماتم کران زِ وُہیہٕ شہر
داوِ جوشہٕ کِراتھ ووٚنی آرولہِ رنٛگ ؎

کن پھیری متہِ ہیٚنہٕ پوشن بوٚ میٚرنا چھے مُٹھ ژلے
دۄد مُت چھُ دوٚرن یوٚر کمہِ دِلہِ ژاکھ گُلابو
آبس چھُ شِشر زہر ہوس تیٚر پھٹان تابس
رتھ بُلبُلس چیٚشمن تہٕ جگرس شراکھ گُلا بو

(ہُردک گُلاب ۔ مرزا عارفؔ)

ظریف احمد ظریفؔ چھُ بوٚنہِ علامتہٕ ورتاوتھ ونان ؎

پیٚٹھ اُچھن دِتھ کھٹ اَکِہ عظمتہ تہٕ آسن سٔتۍ ژلِو

مُرثِہ گری بَس زِ کالچِہ نظمہ ہُنِد بیاکھ گہنہ چھُہ جلاے وطن شاعری منٛز زیادٕ
پہَن سکاڈ کڈان ۔ شاید چھہ امیک نفسیاتی کارن یہ زِ تمن چھے سیکہ مُراون نہ سنگتانن
منٛز روزنہ خاطرٕ اکھ تراونہ بکار نہ یہ تراونہ چھہ تمِ یادٕ وَدٕ ترکس انس پھش پھش دِتھ کشیر
ہُنِد حُسن نوِ سرٕ بازیافت ( Recreat ) کرِتھ پراونچ کوشش کران ۔

ارجن دیو مجبور تہٕ موتی لال ساقی پیش بیشہ سونبرنہ منٛز چھے یہ مُرثہ گری زیوٗٹھ
کاڈ کڈان ۔ حقیقت چھے یہ زِ ساقی صابنہ نہری نغمہ ناوک سونبرنہ ہنٛز اچھر مُرثہ چھے اچھر مُرثن
ہُنِد اکھ شاہکار ۔ یم ہتھ اچھر مُرثہ چھے گوڈنچ لٹہ کشیر ہُنِد شوزر تہٕ تھزر، جاہ تہٕ جلال،
شوکت تہٕ عظمت تمہ آیہ تخلیق کران زِ تخلیقک حق چھہ ادا سپدان ۔ یہ اچھر مصوری چھے
اکِہ طریقہ (Flora and Founa) تمہ آیہ پیش کران زِ کشیر ہنٛز فطرت چھے اتھ ہرو شہر
کنہ نزنہ لگان تہٕ بیٚیہ طرفہ چھیہ کاشر زبانہ ہنٛز جمالیات رَس رَس امر پتہ گوہ ٹاوتھ زٕتہ
کھنجہ زنتہ موٗکھ کران ۔ یہ مُرثہ گری چھیہ تتھ واریاہ لفظ بروٗنہ کُن انان یم نہ صرف
اَسہ منٛز ادمتہ چھہ بلکہ ییہنِد مانے نہ وزہ شہر باشن معلوم چھہ ۔ مثالے، بگر گور ریوٗنز
تہٕ ہانگر، ہاگر، گاگر، زیچ، بوہل، ژونگ، بدچ، گوزیر، سوہ گہ درس، گُل زگ
وٗسنی، ناری نور، ہوہل، دَودج، دِپر، دروب، لالر، کاوزر، پانچ بینز ۔ ساقی
صابنہ اتھ مُرثہ گری منٛز نہ چھہ کیٚنہ وزم تہٕ نہ کیٚنہ وہ پر ۔ احساس، لفظ، جذبہ،
تلمیح سورے چھہ پننہ ثقافتی لور نہ پرتھ مُرت چھے یادٕ وَدٕ ترکس انس منٛز
کھنتہ تمہ آیہ کاغذس پیٹھ عکساونہ امہ زِ واٚرس دُر تھن یہ ونن چھہ بے شوٗنکی
پاٚٹھ کر یاد پوان زِ شاعری گیہ Emotions recollected in tranquality

شِہنہٕ شُشرس اندر سگار مارِتھ بیہتھ — تو شتھ پکھہ منز رٹھتھ زون حشمن نگتھ
وۄہ ذٕیمن ووٚن اٚچھن منز چھُپہٕ ہالہٕ بُشر — یٕتھ نٕہرس تل سٕہ بِقرکرون امارے مۄتھے
شِہنہٕ گوٚہ پھ منز ووٚں پٔرزلی نہٕ سحرِ ژاٹھ — وُچھ ووٚذ ژھۄٹہٕ ہتی مۄذنام حشمن دزن
زِندگی دِرایہٕ اٚخرے پٔرھ بے حصر — گرِ دِلہ سٔر کٕہ بِہٕتھ اکھ بے مرف سفر

(سفر - مکھن لال بیکس)

اَتھ بے مرف سفرس اندر یٕیلہٕ سورُے رووٕمُت آسہِ تہٕ کینٛہہ نہٕ لبنہٕ آش آسہِ تہٕ انسان روزِ کیٛتھ کٕنی زِندہ ؟ فقط پٔتمس یادِ وۄتٕرس لاکھوٚل کٕرتھ ۔ زٕچمن تٔھنس چھُ پٔتن منز ۔ یوٚدوے اَتھ منز زٕچمن نوسوٗر بنِنک احتمال نہٕ چھُ روزان ۔ اماپوز یٕیلہٕ ساٚرے زِندگی نوسوٗر بنیمژ آسہِ اَتھ گٕن کس روزِ ظوٗن ۔ یہِ یادِ وۄتٕرہٕ Nostalgia چھُ شاعرٕ شُند نہٕ سورُون ووٚکھ بدِ کٕڈان ۔ بے سوٚکھ منٛکی یم لرپھرُنی چھہٕ از کالِچ نظمہٕ نہٕ صرف اکھ اعتبارٕ نوٚو آہنگ دِوان بلکہٕ زِندگی ہٕنز سوٚ آگہی تہٕ بیٚیمہٕ مۄجوب انسانہٕ شُند بے گوٚناہ آسُن اُمس بوٚڈ گوٚناہ گار بناوان چھُ ۔ یٕیلہٕ شاعر اکہِ مخصوٗص زمانہٕ منٛز نیرتھ پٔتن غم سمایتہٕ کٕس گُلہِ اٚنس مَنز وُچھان چھُ یہِ غم چھُ اکھ جلال ٹٕراوان ؎

کیٛتیٛو مخمٕلی شہر، کیٛتیٛو سوٚنٛدر محل
کیٛتیٛو منظر اٚچھوٗر، کیٛتیٛو مخمٕلی جہان
سمیہٕ کایایہٕ منز خاک درمان سپنہٕ
نارہٕ بٕزی گے وٕہی کیٛتیٛو رٕتی بوستان

(نظم - ارجن دیو مجبوٗر)

گیِہ زن مُلکہٕ چِہ ساگرینٛشر سۄکھ    بجہِ ہٕنٛز لڑ مِسمار کرِو کیٛا
پٕننہِ تہٕ ژھایہِ چھےٚ شانکہِ روژنا    لرِ پھیٖر دِیہِ شہمار کرو کیٛا
کرنِ ابےٚ قلمس کوٚچہِ دِمو کڑکھ    پھرنا اےٚ ہٹہِ تلوار کرو کیٛا
گھلہٕ فِطہِگ وچھہٕ وارغہ دایا    ژٕنٛدہٕ ژٕو کھوت زنگار کرو کیٛا

بیانیہِ شاعری اگر شاعری آسہِ تیلہِ چھےٚ پرٛن والِس تہٕ شاعرس درمیان وچھان وُچھاَنی اکھ ذہنی تولق پاداہ سپدان تہٕ شاعر سُنٛد تہٕ چھُ یہِ اکھ مقصد آسان۔ مگر امہِ کھوتہٕ زیادہ چھُ شاعر سُنٛد مقصد پٕنٕن بوس لوٚژراوٕن آسان یمہٕ توٚہہِ تہٕ کیٛاہ لکھارسس تہٕ وٕنہِ ہیکو۔ امہِ ایٚک شاعرانہٕ تجربہٕ پیش کرِتھ چھےٚ سۄدگ شاعرس ہنالو تان ہش یوس تس بیقرار تھوٚوِتھ چھےٚ آسان۔ یہِ کتھ چھےٚ اَتھ سِلسِلس مَنٛز اہم زِ بیٛرٕھ شاعری مَنٛز چھےٚ علامتہٕ، اِستعار تہٕ تمثیلہٕ بےٚشونکھی پأٹھی ورتاونہٕ یوان تہٕ شاعر چھُ نہٕ اَنٛتھ مانٛتھ شاعری کران نیز علامتھ سازی۔ - بیٛرٕھ شاعری چھےٚ نہٕ شاعرسے یوت بوس لوٚژراوان بلکہِ پرٛن والِس تہٕ اکھ سماجی تہٕ فکری آگہی دِوان۔ وُچھو علامتن ہُنٛد بےٚ شونکھ اِستعمال کٕنہِ کنہِ چھُ بیٚیمہِ ڈہلچہِ بیانیہ شاعری تماری ہنٛدِس سۄتھرس پیٹھ اکھ اعتبار دِوان ؎

اشرافن بیٚیتہِ مُشکل روزٕنا    زرِد شہرس منٛز کس کیٛا بوزٕن
یَس یَس خوش گژھہٕ سے گزلا گیس    سأری گاٹلہٕ سأری چأری

( منتہٕ آب ۔ ارجن دیو مجبورؔ )

یُو مٕلہٕ کلس پیٹھ کھوٚد نہٕ وأری    پٕننہٕ وٕنتھرو ژٕوس گُل نِنٛگے از
ہے وٕنہٕ وٕنتھر بیٚیہِ سۄمبرا و د    پٕننہٕ پٕراروٕ سۄتتس بالس تل (پٕننہٕ وٕتھر ارجن دیو مجبورؔ)

یانٛہ شانٛت آیہِ جذبہِ سوٗمبرنا۔ یِم مُرژِ چھےٚ کٔشیرِ خاطرٕ شاعری مُنٛد لول تہٕ احترام ہاوان۔ کٔشیر چھےٚ تس خاطرٕ از بتہٕ اکھ زیارت، اکھ تیٖرتھ تہٕ سۅ جاے ییٚتہِ دیہ سُنٛد درشُن پیدان چھُ۔

یہِ درشن گاہ چھُ پۅدوے ہیکھہ ژٕ زاگے

تہٕ اتھ اچھرِ مُرژ متلق پزٕ مےٚ فقط یہٕی ونُن ــــ

یہِ مہرٕ ہنٛز دٲن نٔھر چھےٚ کونگہِ تیج ہش

ارجن دیو مجبور چھُ پننہِ اچھرِ مُرژ بیٚیمہِ آیہِ عکسا ونہٕ پننِس تیٚلِس رٔژِ کھنٛجہِ مہلامہِ لاگنچ کوشش کران ــــ

زوٗنہٕ ژٕبہ کمِرِ تام شدیا ژونگ زول — ہانٛز نیاکو چھہِ منز بران پۅترس چِینہِ لول

سوٗنیا ناساز سنطور ونو عرق — کاپیاہ ہری پھری بہ لیکھان کیتہِ ورق

منز خیالن بوگرے واتان چھُس — کُکلہِ گوگو پیٹھ لٔٹن بوزان چھُس

لحظ نےٚ اندر شہر واتھتھ پیوان — خور منٛدورن اندر ہری کیا گُلان

( تیٖوٗل ۔ ارجن دیو مجبور )

یمہِ دٲلِچ نظم چھےٚ عام پاٹھو سیدِ سیود بیانیہ انداز پیراوان تہٕ بالہٕ یارٕ مین کاشرٕ ین شاعرن چھُ یہ زیادٕ پسند۔ اتھیک وجہ چھُ یہ زِ گُدرنچ دگ چھےٚ تمن ساڈ کِدان زِ یہ چھےٚ علامتی تہٕ تمثیلی جامہٕ ژٕڈ ژٕڈ بارو دینہٕ نیران۔ بالہٕ یارٕ مِس شاعرِس نہٕ چھُ یہ سپدان تہٕ باقی چھُ بس تہٕ سیدِ سیود پاٹھو پنُن گُدرُن ونان۔ مثالے رحمان راہی سنٛز نظم "خودایا" چھےٚ تمن حالاتن ہنٛز وکھنے یمن منز شاعر حالاتو کیٚپر کورمت چھُ ــــ

غولہٕ منٛزٕ نیٖرنک شنرگٔرتھ ڈیپھنہٕ کھوورک تہٕ وُچھان یِتھ منٛزٕ تِس کٲشرک ہوا تہٕ رنگان اوسنہٕ۔ شاعرٕ چھِنہٕ شاعرے یوت آسان سُہ چھُ اکھ شہری تہٕ اکھ اِنسان تہٕ آسان۔ شاعر آسنہٕ کِس صوٗرتس منٛزٕ چھُ تِس تِہنٛز سماجی مسلٕن تہٕ گَھرٕ کانگرین ہنٛدین دِتھِن تہٕ اثرن ہُنٛد زیاد شعوٗر آسان یِم توٚمہِ کِس پننہٕ کالس اکھ تٲمیٖری صوٗرتھ ہیٚکن دِتھ۔ اَوے چھُ ہنگٲمی ادبس تہٕ پٔنن اکھ اعتبار۔ بنان چھُ زِ نوٚنیرٕ ماؠنٛزٕ زِتیٚلہِ گو اخبار تہٕ ادب۔ نہ اخبار گو فقط خبر۔ تمہٕ ژٕھٕنیٚہ خبرٕ ہُیس نمہٕ وِززٕ غیتم چھُ آسان گۄمت بیٚلہِ اَسی اَخبار ڈیچھان چھِہ، اَمہٕ برعکس چھُ ہنگٲمی ادب تِمن مسلٕن وٲیراوان یِم معاشرس برژونٛہٕ گٔن کاتہہ سٔرٔنا اثر ثراوان یا یِتھ اثر ثرووُمُت آسہِ۔ مہجوٗرن بیٚلہِ وۄن سہ

زٕ جان ونٛدہا ہنٛدوستانس دِل چھُم پاکستانس سیٖتی

یا

ہیہے یوٚد ناو پاکستان گژھِہم ناراض ہنٛدوستان

کریم نیشنل گرفتٲری بہٕ نو زیہٕ لولہٕ ہمسٲری

سہ اوس کٲشرِ معاشرک تہٕ کٲشرِ مُنٛد اکھ ذہنی تضاد عکساوان سہ تضاد دُیس ازتام تہٕ برابر جٲری چھُ تہٕ یِمہٕ منٛزٕ کٲنسہِ تہٕ شاعرن کُنہِ کاتہہ تہٕ کوٗشِش کرنہٕ تہٕ ستم چھُ یہِ زِ ساؤ اکثر شاعر سپدی پانہٕ امہٕ تضادک شِکار۔ یہِ چھُ عجب کنہ زِ اِنسانہٕ سنٛز حریت، اِنسانیت تہٕ جذبہٕ تمِژ بیٚتہِ اِنسان زِ پٔنٛچ کوٗشِش چھے صوٗفی شاعرو پتہٕ فقط آزادس تہٕ مہجوٗرس نِش وِرثہٕ گژھان۔ سانہٕ حقیقی سیکولر تہٕ سوشل قدرٕ چھے نہ مہجوٗرس پتہٕ تام پاٹھی وۄتلتھ ہیکان۔ امہٕ آبکہ یِم جذبات ترقی پسند شاعرن نِش چھِہ تِم چھُ کھوکھرٕ

اکھ ژوری ڈراو تہٕ بیاکھ آو تہٕ وۄتھ رٕوز پکان
بوزٕ بچار زٔژر تٔر او تہٕ وۄتھ رٕوز پکان
شِشِرٕ پیٹھٕ اوس پکان واو چھیپن جاے گژھس
شیٖتھ وُنان مۄد بے سۄکھ کاو تہٕ وۄتھ رٕوز پکان

(تہٕ وۄتھ رٕوز پکان ۔ رحمان راہی)

چھیٖنہٕ پیارِ پھیاگان بوزٕ گوپھہٕ مَنٛز پٔد چھتن ہُند پکن صداگو
ہیڈر ؤنیس گیہٕ گلالہٕ ہیرِ گیہٕ کھۄکھری گنٛدٕ آسی لفظاہ تہٕ آلو
جواں ھول ہُریتھ ییمہٕ آس پشن نٕھیتھ آسی گلالہٕ آہتٕ

(ناد لاییہ ۔ فاروق نازکی)

مگر کھان اوس ہوا ییتھ کٔنی تٕوٕہس اندر سپہِ وسان گامس اندر تہٕ ژھاران پکار

بوہ چھُہ ہوت ــــ

پکھٕ رٔٹ حاکمی ڈرالو اِیامتھ منٛدِنی ژوٗرو تہٕ ہُشِر ہاونی کرامتھ
تنٛل بیٹھہِ کورس گوزٕنگ اکا بَر شلکھ ٹیس لوٹِہ سے گو سرو تامتھ

( وٗراگ ۔ موتی لال ساقی)

میٖنہٕ چھُہ باسان زِ نہٕ صرف نظم بلکہٕ افسانہٕ ڈراما ہیترِ یاونو بہٕ زِ ییمہِ ڈہلٹیک

ادب چھُہ امہٕ آیہٕ ہنگامی یانے (Topical Literature) ادبہٕ خاطرٕ یم موضوع

ژارنہٕ آیہٕ تِمن چھُہ سیدِ سیود سائنس تتھ معاشرس ستی تعلق ییس اکِ بوحرانی دورٕ منٛز

گذران چھُہ۔ یہِ چھےٚ پزٕ کنتھ زِ سون شاعری تہٕ ادیب چھُہ ییتھ دٔہلس منٛز شمہِ عیاٖلی

پاک غوٗدابِن ساقی یاپتھ اَکھ اَزلے میٹھ موٗدر زین

اتھ چھپہٕ سا شہٕ شکھ

ڈیھن دلازنا بیتہٕ چھپہٕ کا شہٕ ژھین

پوٗز سأنی وحدتھ سبزرپزرہتھ

شوٗد بوٗد دِل ہیتھ

اکھ اکھ آدم لولہٕ مجسم

سون یہ عالم لوٗلے لولاہ ۔

گلرٕزِ زی شہرک روزن وولاہ۔

(گلرٕزِ زی شہرک روزن وول ۔ گوہر)

موتی لال ساقی ییٚلہِ اِنسانس اِنسان مارن وُچھان چھہ، ییٚلہِ نہٕ مارن وأل‌س مارنک پتہٕ مرن وأل‌س مرنک سمارن مولوٗم چھہ زِ تس چھنے ہیرِپوٗن دگ وۄتھان تہٕ سُہ چھ "سوال" ناوِ نظمہِ منز پانسے وار یاہ سوال پرژھان تہٕ پتہٕ رنگہٕ رنگہٕ پوشن منز مثال دِنتھ تیپہٕ کھیلس سام ہیوان تہٕ پتہٕ سارِنے اکھ سوال کران ۔

تلہٕ سأ پرژھ توپنس پانس آسہِ انسانن کوٚ بدلاے

یمہِ ڈلیکٕ نظم نگار ادٕس ، جواہر لال سروٗر آسی تن یا رفیق راز، نشاط انصاری آسی تن یا مشعل سلطانپوری، موہن لال آتش آسی تن یا ناظر کولگامی مرزا زی آسی تن یا کمراز زی ایاپرم آسی تن یا جلالے وطن سارِنے نِش چھہ پننہِ پننہِ ذہنہٕ تہٕ ذأتی تہذیبہ سوٗنتھرِ مطابق اِنسان رچھنک پتہٕ گنہِ رنگہٕ پتہٕ رسمہ زوس اُمس احترام دِنک لول موجوٗد ۔ یہے لول چھہ

تہٕ تہنٛزٕ سماجی اہمیتھ چھےٚ پَنٛژ سالہٕ پلان تہٕ فیملی پلاننگ شاعری زیادٕ۔ ممکن چھُہ زِ اگر سانہِ بُہلہِ پایہِ شاعرو پننِس معاشرس ژکھو دَر لٲگتھ کاشرِ ثقافتی رلوٲیژ ہُنٛد تامیری شعور دِتھ، راولپنٛڈ ہنٛدی اِلہام تہٕ دِلہِ ہنٛدی خزانہٕ دوٚشوے اَکِنہِ کُن ثراوِتھ، فقط کٲشرٕ اوٚنٛز کوشش کرِہٕز آسہِ تیٚلہِ ما رٕہے تانہٕ تانہٕ گرِژھتھ کٲشرٕ۔ یہِ سپدِ نہٕ تہٕ بٲطنی تضادٕ گو تیٚتھ بڈان زِ زرلہِ تھٲو بٲڈِ بس ہٹِس پیٚٹھ لتھ تہٕ دٔوِ ہس سانہِ ناتہِ دِ خلاہ نہٕ سٲرِے روو ملنے بہٕ چھُس نہٕ کُنہِ سیاسی نظریس متعلق ونان۔ میٲنۍ مقصد چھُہ فقط تمہِ نٲر ذِمہٕ وار اَدیبٕ بادتھ یُس سانہِ اَدبُک تہٕ خامکرِہٕ نظم نِگارو رواتھوو۔

بیٚیمہِ دٔلیلہِ نظم چھےٚ انسان دوستی ہنٛدلہِ جذبو بٔرِتھ تہٕ نظم نِگار چھُہ انسانہٕ سنٛزِ اِنفرادی، آزادی گوڈٕ بران۔ تس رٔت کٲچھِتھ نوٚو زمانہٕ بدس اُتھ پتہٕ یدٕ عبادتھ زانان ؎

تخلیقکہِ رٕسلہِ سرمد تھٔپہٕ بٔہن    نہٕ نوٚرِ کرِ بے بہا اسرارِ ووٚتلن

ژٔلکھ زوالہٕ انسانس سراسر    کرِکھ آزاد سٲری گیانہٕ آگر

نبس پیٚٹھ روزِ شولان گاشِ تارکھ    زمانا نوٚو رٕنٛگے کھاڑن نوٚلوٚمُک

(نیٚول۔ مجبور)

ییٚتہِ حُسنس آسن بیٚڑِ گُنڈِ نہٕ    ییٚتہِ عشقس آسن کرٕتل ہیتھ

تتہِ ہیکہِ نہٕ امرِ زاشہر سجدٕ کرِتھ    ییٚتہِ دِل نِلہِ ووٚتھ تہٕ ضمیرٕ نیتھ سوٚتھ

(امر مالموہی)

ٹُلی زٕری شہرُک اِحساس آسِتھ تہٕ چھُہ محی الدین گوہر بیٚیمہِ آیہِ انسانس لول بران کُنہِ سکا شُچھان تہٕ عظمتھ دِوان ؎

پوشہِ امبر ناوِ سۄ مبرنہِ منٛز چھےٚ اَمہِ آیہِ کینٛہہ جان نظمہٕ۔ پوشکر ناتھ کول (المعروف پوشہِ متہ) چھہٕ باقٕے پنٕنہِ ہمن لیٖلاین منٛز نۄیر یادِ کرنٕچ کوشش کران۔ مُحی الدین گوہرُن لیٖچھ اتھ رنٛگس منٛز کینٛہہ نظمہٕ یِمن منٛز تاپہِ تہٕ ستھ بیتر اہم چھےٚ۔ تاپہ چھہٕ فکر ترایِن وۄہ تلاوان واجنہ نظم تہٕ سُنٛد چھےٚ ذات تعقس خاطرٕ شاعرٕ سُند لول بدِ کڈان۔ موتی لال ساقی سُنٛد ژینَن پژرتن چھُ مِنہٕ سۄ درِکِ رنٛگہٕ ہاوان تہٕ یِم رنٛگ چھہٕ شاعرانہٕ ہُنٛز مُنٛدریا سان پٔنٕن رنٛگ ژھٹان۔

میٚہ پژھہِ ہێنٛدِ یادِ بلہٕ چھم ناو ہٕرتن     اگر ہنا ہنا دزیم ناشہر ما کرے گژاو

(موتی لال ساقی)

یہ پژھہ امہِ آیہِ وۄہ تلنٛی چھےٚ لیقینن پزٕ کتھ تکیاز امہِ پتہٕ نہٕ چھہٕ کاشُر کۄ سیر روزان تہٕ لجر تہٕ نہٕ لجر نکیازِ اَندرٕ بُرخاش تُلتھ چھہٕ شاعر نہٕ حرف پٔنٕن پان پیٚرزناوُنٕک ستنٛر کران، بلکہ دۄیمین تہٕ اێچ ژینہٕ ۄن دِتھ یہِ دپِ زِ تِہ اکھ نۄ لۄبہٕ پرتھ دِوان۔

لیٖلایہِ آیہِ یتھ دہلس منٛز کافی لیکھنہٕ مگر یہِ چھےٚ حقیقتھ زِ سۄن کاشُر لیٖلایہِ گۄز چھہٕ پننہِ نِکرتہٕ فنہٕ آیہِ نتھ وتہ کَن پاکِتھ ہیکان ییٚمہ چہِ میلہٕ پکہٕ پرمانندن تہٕ کرشنہٕ جُو رازدانن گنٛنٛزرِتھ تراوِ۔ امیک وجہ چھہٕ یہِ زِ سانہِ لیٖلایہِ گرِن منٛز نہٕ چھہٕ مختلف فلسفہٕ لنجن ہنٛد سۄن مطالعہ نہٕ پزرگژہ ہنٛد دیدہ دۄشن نہٕ ژِترنٛک شہ سنسیرکیں اَمہِ صِنفہٕ خاطرٕ ضروری چھہ لیٖلاین تہٕ مناجاتن ہنٛدِ خاطرٕ چھہٕ یہِ ضوروری زِ نَم آسن گۄڈٕ شاعری تہٕ بیتہٕ لیٖلایہِ تہٕ مناجات۔ اگر اَسی لیٖلایہِ منٛز مۄسیقیتھ نہٕ سرکڈو تیلہِ روزِ نہٕ یہِ لیٖلا۔ یتھ دہلس منٛز آیہِ پژھہ لیٖلایہ لیکھنٕچ کوشش تہٕ کرنہٕ یمن منٛز نہٕ آہنگ چھہ تہٕ نہٕ ترنم۔ مِثالے بِرج ناتھ بیتابنہٕ لیٖلا۔ یِم ہیکن رۄحانی نظمہٕ آسِتھ نہٕ زِ لیٖلا۔

باقے رحمان راہی ییٚس بیٚیمِہ آبہٕ نہٕ کینٛہہ کرناوان ؎

وُچھنہٕ سہٕ حال میٚہ کانٛچھو و زہر نہٕ خاموشی ‎ ‎ دٔوٚپکھ زٔتے مالہِ مُقدر مٔر نہٕ خاموشی

کُس اوس کیازِ سہٕ مُورکھ نہٕ لاش کوٚت گٔرِس ‎ ‎ ہتس کنٛفس چھےٚ کُنی کینٛہہ خبر نہٕ خاموشی

(رحمان راہی)

بیٚیلہِ اِنسانس سوٚرُے راوِتس چھُ زِنٛدِ روزنہٕ خاطرٕ لاحل کانٛہہ نتہٕ کانٛہہ چارٕ کرُن نہٕ اِنسان ہیکِہٕ نہٕ زیادٕ وقتس فقط پوٚش ہِنٛدی پاٹھی زِنٛدِ روٗزِتھ۔ تس گژھِ کیٛنٛہہ ذہنی نہٕ روٗحانی کھین چین آسُن۔ کانٛہہ تیٚنٛتھ اکھاہ آسُن ییٚس پیٹھ سہٕ سوٚرُے ژراوِ ییٚتھ پانس زِنٛدگی ہِنٛدِ لو دوہ لاگو مٔنٛز نیبر نیبرٕ نِتھ ہنا لوٗٹ ر باسہِ ہس۔ اوے وٚدُن فرانسکی فلسفی وولٹیرن زِ اگر خدا چھُنہٕ تیٚیلہِ پزِ سہٕ ایجاد کرُن۔ یِتھ دٔلیس مٔنٛز یوٚدوے سانہٕ سارے قدرٕ پھچہِ مگر اکھ قدرٕ روٗز ژرا پھ گژھی گژھ نہٕ ژوٚپوٚتھ تیکیا زِ بقولِ اقبال ؎

نہ کہیں جہاں میں مِلی جو مِلی تو کہاں مِلی

مِرے جُرم خانہ خراب کو تیری عفوِ بندہ نواز مِلی

بیٚیمِہ دٔلیچہِ نظمہِ مٔنٛز خاص کینٛہہ چھےٚ روماینٹس کُن مُحکاو۔ سانہٕ و ارِیہہ شاعرو لیکھ نعت، لیلابہٕ، مناجات نہٕ رِوایتی روٗحانی طرزٕ نظمن ہِنٛد جان تعداد آو بارسس. یِژھن نظمن مٔنٛز چھےٚ کینٛہہ نظمہٕ یرِن وٲلس اثر ژٔرادان مِثالے اُمین کامل صابنہٕ "تنہہ میٚہ ورٕ دِتھ دِوٕ"۔ اتھ نظمہِ مٔنٛز چھُ رِوایتُک مُدریرٕ پرِن وٲلس ہُرہُر اکھ روٗحانی وُچھوار نہٕ وُسجار دِوان نہٕ تواریخی ژرایِن سہٕ راٗدِتھ وارِیاہ کیٛنٛہہ سوٚچنس مجبور کران ڈاکٹر امرناتھ درصابنہٕ لیلابہٕ سوٚمبرن نہٕ چھےٚ ہیٚتھِس اَدبس اکھ جان ہُرہٕ برتہٕ سوٚمناہ وٚیرٕ

ہِئے بیٚیمہِ دٕلیچہِ نظمہِ مُتلق میسر سُپد میٚون یہِ مقالہٕ چھُ تِتھی پیٚٹھ مُنحصر۔ بنان چھُ زِ کینٛژن نظمن کُن آسہِ نہٕ بیٚیہٕ ظلوٗن گوٗنٛمت تہٕ بیٚتہٕ چھُ ممکن زِ تمہِ آسہِ واریاہن کتھن ہیٚتھ اِختلاف تہٕ مظلوٗنس مَنٛز باسن وارِیاہ کمیہ تہٕ۔ تنقیدس مَنٛز چھےٚ نہٕ کانٛہہ کتھ آخری آسان۔ کیٚنہہ کتھہ ہیٚتی چھےٚ کتھن گیٚنٛز نیران۔

تبلیغی شاعری گیہِ نہٕ رٔوحٲنی شاعری۔ رٔوحٲنی شاعری چھےٚ نہٕ کُنہِ مذہبی فرقس منٛز قٲد سپدان۔ یہِ چھیہٕ نہٕ کُنہِ ہِشر پابندی کران۔ رٔوحٲنی شاعری ٲسِتھ یا سیدِ سیوٚد لوٚلہٕ شاعری۔ دۄشوٚنی منٛز چھےٚ بے شونٛکی پاٹھۍ اندریمہِ دگہِ زبان دِنہٕ یِوان تہٕ یِمہِ وجہِ چھُ نہٕ تنقیدنگارس خاطرٕ چھُ مشکل یمن الساوبتین پٔتِن منٛز مجازی تہٕ حقیقی وُچھنین ہِنٛد بینز ژھانٛڈن مشکل آسان۔

یتھ مظلومنس منٛز چھیہٕ نہٕ نظمہِ ہِنٛدِس اوسلوبس پیٹھ کُنہ کرنس کانٛہہ گنجایش تکیازِ اوسلوبس چھُ شاعرس سۭتۍ توٲلُق آسان۔ شاعر چھُ موضوع تہٕ خیالہٕ سۭتۍ سۄ انفرادیتھ پراوان یُس تس پننہِ اوسلوبک وکھریر دوان چھُ۔ اوسلوب گو نہٕ ادبی زبان یا آرایش بلکہِ خیالک تتھ مناسب تہٕ موزوٗن زبٲنی منٛز اظہار۔ یتھ شاعرِ سٕنٛزِ شخصیژ سۭتۍ اژھین توٲلُق آسان چھُ۔ اوسلوبک بینز چھُ شاعرِ سٕنٛد بینز بدہٕ کڈان۔ اوسلوبک یہِ بینز چھُ یتھ ڈٔلس منٛز رحمان راہی، موتی لال ساقی، شفیع شوق، فاروق نازکی، گلشن مجید، ارجن دیو مجبور تہٕ بییہ تہِ کینٛژن شاعرن نِش پھبان۔ بزِ چھا تتھ بیتاب چھُ پننہ اکھ الگ اوسلوب بناونچ کوشش کران۔ ہیشہر تہٕ فارمکہٕ تہٕ آیہٕ کینٛژہ نوی نوی تہٕ برونٛہہ کُن مگر میانہِ خیالہٕ ہیکو نہٕ یمن تجربہٕ وٕنِتھ۔ یہِ چھُ محض انحراف تہٕ یہ انحراف چھُ فاروق نازکی تہٕ برج ناتھ بیتابس نِش نظرِ گژھان کینٛژہ نظمہٕ چھےٚ باضے فارمکہِ رُہِ کران تہٕ میانہِ خیالہٕ چھیہٕ امہِ سۭتۍ شاعرِ سٕنٛدِس فنس کانٛہہ تہٕ بوچھ میلان۔ اتھ مثال چھےٚ بیتابنہِ نظم 'مٔتی آب' تہٕ ارجن دیو مجبورنہِ 'تیوٗل'۔ تیلس چھُ امہِ کنی سۭتۍ زیادے دوارہٕ دانان تکیازِ تیوٗل چھےٚ یتھ یمہِ ڈلیہ یقین اکھ نمایندہ نظم پٔتِس دِنہٕ یِہ اکھ کتھ زِ یتھ جلاے وطنی ہنٛدِس زمانس منٛز یہِ کینٛژھا مواد

تربےٚ تہٕ ازٕ نکری تہٕ راسہٕ لیپلایہٕ ہیٚنٛد حظ تہٕ آنٛنٛدٕ تُلن اوس اغلب ناستالجیا
چھِ اکھ نفسیاتی ترکیب ۔ اَمیُک سیدِ سیوٚد توٲلُق چھُ انسانی فطرتکین دوٚن حِسہ
اَنگن شعوٗر تہٕ لاشعوٗرس سۭتۍ ۔ لاشعوٗرکۍ واقعات چھِ کُنہِ تحریکہٕ سۭتۍ شعوٗرکس
کنواَسس پیٚٹھ وہرنہٕ یوان تہٕ انسان چھُ وُچھان وُچھان نہٕ کتھہ سمارس منٛز واتتھ
پیوان ۔ تَتہٕ سمارکس موجوٗدٕ دُنیا نِشہٕ سیٚٹھا مارکہٕ موٚنٛد تہٕ لوٚبہٕ ووٚن چھُ آسان
اَسہٕ نفسیاتی عمل سۭتۍ چھُ فردس تہٕ معاشرس اکھ توٲلُق قایم سپدان ۔ یہِ چھُ انسانن منٛز
سوٚنچن ترایہٕ اکھ اظہار بخشان ۔ یہِ نفسیاتی عمل چھُ تہذیب ۔ رِوایتھ سوٚنچن ترایہٕ
تہٕ معاشرتی رُجحانس عنوان عطا کران ۔ انسان چھُ پتھ کالس تہٕ ازکالس ہم آہنگ
کرنکۍ سامانہٕ تہٕ وسیلہٕ تیار کران ۔ یہِ عمل چھُ قومن سماجن تہٕ مُختلف مُلکن منٛز
پرتھ کانٛسہٕ فردس نکری تہٕ نظریاتی ونہٕ گاشہٕ راوان ۔ ناسازگار حالاتن سۭتۍ
مُقابلہٕ کرنٕچ تحریکہٕ پٲدٕ کران ۔ سیاسی، نکری، تہذیبی، مذہبی تہٕ فلسفی تعمیرکار
بناوان ۔ انسانس منٛز مُقابلہٕ کرنُک حوصلہٕ تہٕ ہیمتھ بڑاوان ۔ ناستلجیا چھُ
مالہِ میراث رٕژھراونٕچ عمل ۔ یہِ چھُ عقیدہ ۔ عادت فہیم تہٕ فرصت ۔ ادب تہٕ
فلسفہٕ فنون لطیفہ تہٕ طرزِ معاشرت شیرنک تہٕ سمبالنُک اکھ پھلیہٕ
وَن ۔ ییٚمِس جذبس ۔ احساسس تہٕ رُحس تگہٕ بآج وٕتھ کرنٕی سیٚ چھُ
ناستلجیُک حظ تہٕ ہاوس تُلتھ ہیکان ۔

یہِ چھُ اہر بلکہ زم زم وُزناونٕچ عمل ۔ سماجی، سیاسی، تخلیقی
تعمیری، معاشرتی، روحانی تہٕ دارمکۍ واقعات تخلیقی عملہٕ منٛز ترانٛد کنہٕ پیٚٹھ

موہن لال آتش

# کأشرِس ادبس منز ناستالجیا

ناستلجِک لغوی معنی چھُ پتہٕ کُن نظر دِنۍ۔ پتھ سال ہٕ امیٚک فکری اساس شعورکس شترس پیٹھ دیپمان باسن۔ ہٕ اتھ فکری پوٚت منظرس اتہ سال کس جدوجہد تہٕ ناموٲید حالاتن منز منزبلکہ ونہٕ پدر بدکڈنچہِ عملہِ یکُت کرناوُن چھُ ناستلجِک بوٚڈ مقصد۔ سمارکس کُلہُم لِٹریچرس تہٕ تواریخس چھُ ناستلجِس ستی اتھِ وون رِشتہٕ۔ یہٕ چھُ اکھ نفسیاتی عمل۔ یوسہٕ اِنسان سنٛدِس فِطرتس پتھ کالکہِ وثرارک تجربک۔ روٗحانی تہٕ فلسفی حضوبیاین ہُنٛد باس دِتھ ازکالچ ونہٕ ہُنٛد ثروٗشر تہٕ نیمبر سیٚہلاب کم کرنس منز مدد چھِ کران۔ اگر اِنسانس انہ نفسیاتی عملہِ منز مُدریر تہٕ میچھر باسہِ ہے ہٕ، تنیلہِ پرہے ہٕ ازمہابھارت کاشہ۔ قومی ہیرون آسہِ ہے ہٕ کاشہ قدیر۔ لألہِ، شیخِ تہٕ حبہٕ خوٗتونہِ ہِنٛدی ویدلکھ آسہِ ہے ہٕ کاشہ پرزناوان۔ ادب باسہِ ہے ٹائمرتہٕ یہے کمپیوٹرچ گرٛنٛد ہِش۔ ئیس میچھر تہٕ مُدریر سانِہن جذباتن تہٕ تخلیقن منز موجوٗد چھُہٕ سو ہے ناستلجِس ستی واٲلِتھ۔ اگر ہٕ آسہِ ہے اسہِ یہن ہٕ وارہ کیٚتھ ادراکس منز تہٕ تیمن واقعہن عظ تلن اُمس ہٕ کیٚتھے۔ مثلاً گزشتہٕ جوٗرازدان سنٛزہٕ لیلا" سمھوکرو اتھے واس ہٕ پکوراس گِندانٛہ"

یِیمہٕ قومک یتھ کال مآرٕ مۆنڈ، رنٛہٕ وَن تہٕ طرح دار آسہٕ تمہٕ تورِچ رۄحآنی تہٕ تخلیقی عمل چھِ شعبہٕ دار آسان۔

کٲشرِس توٲریخس منز چھُ تحریر زِ اکہِ دورٕ رۄژ کشیرِ منز صرف کاہ بٹہٕ گرٕ۔ تِکیازِ چنگِ ظٲلِم گو تیز اُڈُن ژٔلی۔ اُڈ گٔلی۔ اُڈلو کوٚر مذہب تبدیل۔ مگر تِمو کہو گرو ہار نہٕ ہِمتھ تِمو کوٚر ظُلم جبر تہٕ اَنہٕ گوٚٹ برداش۔ مگر اصولن سٕتۍ کوٚرکھ نہٕ سودا اوس اتھ کرہہس منز یتھ کالکہِ بجرک فخر تہٕ احساس یِیمی چیزن یٔہُند کلہٕ نیوٚمراونہٕ دٕیت نہٕ۔ یِمہٕ نے ژوٚنہٕ مجنونن ہُند زُو چھُ اُزکیک کوٗشُر اقلیتی فرقہٕ۔

ناستالجیا چھُ انسان سٕندِس ذٲتی لبس سٕتۍ سٕتۍ وۄتھ بوٚلان۔ یُتاہ شعوری بلوغیت اَمس منز پٲدٕ سپدِ، تیتۄتاہ چھُ یہِ یتھ کالس مُدے گنڑان۔ اَمس چھِ یہِ یتھ کال عشقہٕ منقلہٕ زیٖنتہٕ پھلوان تہٕ ژوٚہ پلسے سٕرِ پرکاش دیدمان باسان۔

دامنس اَہِم اویزان سکاینات
غارٕ منز اوسُس بہٕ نِنگلان وۍتھہٕ
سیرِ یہِ کٔرتامتھ ڈیکس اَسِم عُبرِتھ
باغہٕ دا اوسُم برس کُل شش جہات (بشیر اَطہر)

یِیمِس یتھ کالس کُن نظر تگِہ دِژتس چھُ تخلیقی سمارس منز سۄ شُنزلِ بہٕندی شوٚے رنگ وُجودکس کنواسس پیٹھ وہراونہٕ یوان تہٕ فنکارس

خبرِ نھ سونہِ منزورِ ہنڈہ دلوار اِستادٕ کران۔ تیٚلہٕ قلم کارس وَلواس گژھنک خوٚکھ دِنہٕ آو نہٕ اُمس آو سٮ۪کہِ صحرادکین ناپہٕ ژٕکن منزٕ بے اِختیار گرِیاد نہٕ کرکھ ژٕ جِس نیرِ تھ۔

کالہٕ چین چھا ہارِ سارے ثرآری کاآتی ہیٹھ سمان
ساتہٕ پتیٚ کنز سونٕ کاتہٕ ہمسایہِ ماتّہٕ نظرِ گوٚے
از نہٕ چھا منز آنگنس منز شانس سازٕ بحا سمان
کھاسی ٹھٕ لہٕ نے چھا گنڈان ہیٚ نارِ منز
ماد صابس نشہِ کران بنڈارٕ چھاوٕنہٕ ثرآذی پاٹھر
از نہٕ چھا ہیٚ کادٕ ہے منز شوقہٕ ہیتھ لولو گیوان
یارٕ بل چھاوٕنہِ نتھتی اڈٕ گرد نہٕ مڈگرد ثرآذی پاٹھی
جواہر لال سرورؔ

ناشِلیمیا گو ہیتھ کالس از کالس ہتی رلہٕ کرِنیٚ عمل۔ از کالکہِ وولر شہر منز پیتھ کالکر رمبہٕ وِنی ووہ۔ زوٕنہ راٗژ کوٚنکہٕ چھلے نہٕ یارٕ پسندِ یارٕ بلک نار دِنک آرزوے۔

مُراد بیٚیہِ کولہٕ راد تٕے بیم پوشہٕ وَن ہوا
سارٕی نِشانہٕ نظرِ ڈلن زٕن گرٕ صن ہوا
بیم مٕنز خیال لولہٕ ؤزن قلمہٕ چھم وٕزنا
ڈیپہ دتھ منے پرِستان چھم کھالان زٕن ہوا

وُڈٕ دِوان تہٕ نظرٕ تل انان۔

آزٕ یِکھنا چھم لادنا ئے سرٕ ہو وٕنڈرے پادن
مدآ تہٕ چھم ناچاٹی وون ئے از واتنم دادن

(رحمان ڈار)

ناستالجیا چھُ اکھ کلیڈاس کوپ۔ یہٕ چھُ ژرتھ ساتہٕ اِنسانس نُوی نُوی تہٕ لُوبہٕ وُٹِس منظر ہاوان۔ یہٕ ہیتھ کال چھُ پٔرانن فرحت بخشان۔ یہٕ چھُ پارٕ چ کرٕ پاٹھی زمن زمن تیلان۔ یہٕ چھُ مژھ ماز کھیاوان۔ ژنکیاز یہٕ چھُ جاوِ داٹی تہٕ زندگی ہُشد اَوبہٕ روے۔

شانن یوٗڈ وِتھرِ منز
زن ہٹِیہ گُنڈِیہ
پرانن کُن درٕ
ۂند ۂند تھرٕ تھرٕ
مژھ ماز وُسپان
پاژد تیلان
ییٚر بوٚن گُمبہٕ شرانن
وٕ اشٕہ چھوپہٕ چھوپہٕ — دیناناتھ نادِم

اتھ داٗدِس چھُپہٕ کاتہٕ اوشت تہٕ دوٗنت
سوٗنت سوٗنت تہٕ سوٗنتے یہٕ چھُ دود سوٗنتے۔ — دیناناتھ نادِم

چھُ آلو ژالان نیرتھ ۔

شوٗنگان یێلہِ راتھ بالن شانہ تھاوِتھ
دوٗہ تھان میانین خیالن ٹھان لوٗت لوٗت
قلم میوٗنے گژھتھ آزاد ہیٚنو زن
بہارن نالہٕ دی دی شیٖر لاگان

(یا) (ارجن دیو مجبور)

کیٚتی سوٗر ملر شہر
کیٚتی سوٗ ثدر محل
کیٚتی منظر حسین
کیٚتی نٚملر جہان
سمیہ کایاہ مٔنٛز
خاک داماں سپدِ
نارِ بزی گیٚی وٚنے کیٚتی رٚتی بوستان

(ارجن دیو مجبور)

ناستالجیا چھُ نفسیاتی ماہرن نیشہِ پننہ کالکہ عشقک ناو ۔ یہ چھُ انسان سنٛدِس شعورس تہٕ لاشعورس منٛز ہمیشہ موجوٗد روزان ۔ خاص کر تھ چھُ امہِ عشقک اظہار شمہ ساتہٕ جاذہٕ ہاکل کران ۔ ییٚلہِ انسان غریب الوطن سپدِ ۔ امس چھُ پتہ پتہ امہِ نستالجیا بغأر بیٚیہ کانہہ ذہنی سہارہ آسان ۔ یہ چھُ پھیرِ پھیرِ اتھ آدن کالس

وٕنِتھ چھم پتھ کُن لبس سوے یاد
دَے بوٗزِنۍ شُھوٚوٕ نَے آباد

یا

ژٕرنۍ وادن گُلن ژٕڈ جامہٕ ساری
کوٚلن پھوٚٹمُت گیوٗن چھپکھ بیقراری
چھےٚ شپنہٕ پایِن نبس پھِری پھِری دِوان وٕنۍ!
وَنَن کر شپنہٕ ژھوٚسی چھم داغ لأری

راون تیوٗل چُھ قلم کارس نمہِ ساتہٕ پانہٕ مأرِس واتناوان بیٚلہِ اَمِس فِکری بصیرژ تہٕ شعوری پختگی ہُنٛز موکھتہٕ مال پھلہِ پھلہِ چھےٚ گَژھان۔ اَمِس چھہِ ناستلجیا امہِ ساتہٕ نالہٕ رٹِتھ موٚہٹہِ موٚہٹہِ دِتھ وۄدٕ لساوان۔

"خابٕ ماوُچھاہ شامن شپنہٕ ژھوٚسی
راتھ ابساوان اَچھ والو دَدٕ ہے
صُبحٕ چَن لادِن زٕژن تل سِریہٕ دوٚد
میوٗن سوہ مِلۍ سوشِج تِم سرساوی ژٕہی
یِنہٕ سیٚکلۍ اَیِساہ کِس تاپس اندر گٔر گردِ بزٕ
وودٕ ژٕ ہہ چُھس اتبارِ ہِنٛز آسن پیٚن
راوٕنک اَیِساس ژٕھر اَدِتھ رچھان"

نِثار گُلزار

پۆت کال چھُ مُشابہتھ لبنہٕ وِزِ تہٕ زائین لبان۔ مثلاً وٕنۍ ہس منز ییٚلہِ اُسۍ گاڈٕ چھِ رنان اَسہِ چھُ کٔشیرِ ہُنٛد گاڈ بتہٕ یاد پیوان۔ اٚتھۍ ہیٚتۍ چھُ شیٖنہٕ پہاڑ۔ واسکھ ناگ۔ واوُلکہٕ بال۔ یٚچھ تہٕ کھٕوٚکھ یاد پیوان۔ ڈیٖدٕ ہیٚنٛدۍ منزلہِ بأتھ تہٕ پرہ ہٕنٛز گتھ۔ دیومالأیی واقعات۔ شیٚنہٕ مُہنوِ۔ ڈل مصالہٕ تہٕ ششُر گانٹہٕ یاد پیوان

بشت پٕنٛمی پتہٕ ییٚلہِ مادأنی علاقن منز پوشن چھےٚ پھُلے لگان۔ اَسہِ چھِ بادام وأر۔ چار چنارٕ۔ نِشاط شالہٕ مار۔ پہلگام تہٕ گُلمرگ ہٕرو شہرٕ کُن یوان اُسۍ چھِ رکھشا بنٛدنکہِ دوہ تصورس منز امر ناتھ یاترا تہٕ شِو سُنٛد سوگُن سروپ تصورس منز وُچھان۔ نہٕ فرختگ احساس چھِ لبان۔ ییٚمہِ ساتہٕ اسہِ ریٚش مُنی شود دھرم گرنتھ۔ تأریخ لکہٕ گتھ۔ دیوستھان، آستھان، مُقام، لولہٕ کتھ، رزمیہ ہیرو، اوتار، فن سنگ تراشی، تأریخی عمارژ، مأل۔ بہادری ہنٛدۍ کرتب، دِلاورن ہنٛد کارنامہ یادٕ وٚوتہٕ رکۍ حصہٕ چھِ بیٚیمتۍ آسان، اِمے حصولیأبی ہُنٛد عکس چھِ لاشعورس منز جاے رٹان تہٕ کُنہِ تحریکہٕ IMPLS لگنہٕ ہیٚتۍ چھُ یہٕ سورُے کیٚنٛہہ سأنس تصورس منز نٕنٛد سپدان۔ موتی لال ساقین چھےٚ اَتھ بہترین منظر نِگأری کٔرمٕژ۔

وقتا تتہٕ گو یتہٕ سمکھے یکھ
دوہ ذٕ چھم پتھ کُن پرژھنیٚ یاد
سورُے سورہٕ لو سورُے کوہٕ گو

یہِ چھُہ تُبِ وٕطنکۍ جوٗتوٗنٕن تیٚتھوٗت آوُرمُت زِ امِس چھِہ کلہٕ سماہکۍ عموماً تہٕ ہِندوستانکۍ تہِ رتھ خصوصاً کٔشیرِ منٛزٕ رے ذرٕیتھ گرٕھان :

संसार मूतल सारं
तत्रपीच हिमालयम्
तत्रऽपि सार काश्मीरं
तत्रऽपि च विजयश्वरं

ناسَتلبجیا یعنی پوٚت کُل چھُہ سماجی تہٕ سیاسی دوٕ لابِن منٛز اکھ دارایہ ہیٚنٛز کٲم کران ۔ یہِ چھُہ قوت برداشت پٲدٕ کران ۔ انسان چھُہ نامساعد حالاتن سٟتۍ مقابلہٕ کرنس پیٹھ تیار سپدان ۔ ییٚلہِ ۱۹۹۰ ہس منٛز کٲشرۍ بٹہٕ کشیرِ منٛزٕ بے دخل کرنہٕ آیہٕ، تہٕ سیکہِ مادانن ہِنٛزن تاپہٕ کراین منٛز آیہٕ ہیٚنہٕ ۔ یمن پیو رامہٕ ژٕندرُن ونواس یاد ۔ مخمل فرشس پیٹھ پکن وول رامہٕ ژٕندرِ چھُبن چھارن تہٕ کنڈٕ بن منٛز دوہ گُذران تہٕ مصیبتن ہٕنٛد مرداہٕ وار مُقابلہٕ کران ۔ یمن پیٚو امہٕ سٟتۍ ہمتھ ۔ یِمو لوگ وِکھرِتارکاپہٕ اتہٕ تک اشوٚمیدٕ یگیہ کرُن تہٕ وارہ حدس تام سپدۍ اتھ منٛز کامیاب ۔ نستلبجیا چھُہ پرتھ قومس الگ الگ عنوانن ہٕنٛد زاین دِتھ اتھ پیٹھ فخر کرناوان ۔ کٲشرِین چھُہ عالیشان ثقافتک افغانستانکین پٹھانن نِشانہٕ بٲزی ہٕنٛد، انگریزن تخلیقی حصولیابی ہٕنٛد، چین، مصر تہٕ روم کین پننہِ قدیم تہذیبک ۔ ہریانہ کین پننہٕ نین ہیرون ہٕنٛد تہٕ زولولینڈ افریکہ کین لوکن لڑایہِ منٛز خوفناک دانٛد زیرِ گرنک نستلبجیا ۔

رتن لال جوہر چھُہ سہٕ احساس تہٕ دگ وزناوان ۔ یوسہٕ اہندِس
کائناتس رگن رگن اہرِمنہٕ ژردہ شر تہٕ موجودٕ ناموافق حالاتن ہُند زہر
پانہٕ مارِس وانناوان چھُہ ۔

حالاتن ہِنز گرِیٹہٕ پیشان چھُس پان مہین
تیل دزان چھُس ژانگین اندر
ادہٕ گاشس منز اوند پوک ناپان
پاکھ دوان ژھرِنے کنہٕ ناٹین
آش رچھان
بہٕ کایناتک وَوجود ژھرنہ

ناستلجیا چھُہ کُنہِ ساتہٕ اِنسانس پانہٕ مارِس دانہٕ ناوان وطنس پکھ
پکر زِندگی ہندی کرِیچھ ژاژ ژالی پینہِ نس بالہٕ پارِس دیوانہٕ وار آلو لاینا وان ۔

ژتے مِیانی پاگر زِندگی دُشوار چھِنے نا
بہٕ ڈیشان چھُس وَونم گوشن کرے نا
جِگر دردک بنیومُت کربلا از
دِوان آلو چھُنا کُنہِ ساتھہ خپنا

تنہا انصاری

نستلجیا چھُہ تخلیقی عملہِ ہندی مزان تہٕ عفیدنکر تہٕ امارکی ونہٕ پدی
گاشِراوان ۔ مثالے وچھنو اکس بابہٕ جغرافی وان رِیشس سینس ترگیش اوس ناد ۔

وُزِ نیہکس لٹریچرس منز کُنہٕ چھُنہٕ دٕرپَر گژھان۔ طاقتُک تہٕ نوٗرُک آگُر چھِہ زنان (شکتی) مانِنہٕ یِوان۔ اُمس چھےٚ زگت امبایہٕ ہِنٛزِ شکلِہ منز پوٗزا یِوان کرنہٕ۔ بہٕ چھےٚ اِعلاقچ پٔرزلوٗنٛ مِثال ییٚتھیٚک۔ جوریہٕ تالہی سوٗتھرس پیٛٹھ کُنہٕ چھُنہٕ میلان" گاوام شھوم چاستو"۔ گاوٕ چھُ اسہٕ ماجہٕ ہُنٛد انہارِ بخشمُت تہٕ اُمس چھِہ اُسی پوٗزا کران۔ گاوٕ پٔنٛتم دوہہٕ چھِہ اُسی جاناورن سال کران۔ یتہٕ میکھلہِ دوہ بٔجۍ شٔرمی بایَت" پنٛثر گہو" چاوان۔ شوراتری دوہہٕ بیرُو ناتھس آواہن کران تہٕ نوٕ ریٚتہٕ دوہہٕ میپلہٕ تلمس، اَنس، پوشن عِنتری سُتھ وُچھان تہٕ بُرہماندس، ستہٕ رِیشن، نیپلہٕ ناگس، پشاچن ہنٛدِس راژکمبس پوٗزا کران۔ بھاَوٕر زوٗنہٕ پَچھ تٔروِش دوہ وَیتھِہ ہِنٛز پوٗزا کران۔ یہٕ سورُے چھُ سانہٕ ناسٹیلجِک اکھ اژھٕن تہٕ اپٕنٛ اَنگ بیان۔ یِم واقعات چھِہ سائنس تہٕ شعورس منز جذب سَپدِتھ شعوٗرکس کُنہٕ واسَس پیٛٹھ تمہٕ ساتہٕ وہرہٕ یِوان ییٚلہِ جلاے وطنی منز یِمَن نارن زیر چھےٚ لگان تہٕ یہٕ سورُے پَتھ کال چھُ اسہٕ اُچھَن تل یِوان تہٕ دِلس تہٕ دیماغس زرٕ دِوان۔ ییٚمہٕ ساتہٕ سیکہٕ صحراوَن منز سانہٕ ماجہٕ بیٚتہٕ میکھلہٕ مہارٕس وٕگِس گتھ کرٕہ کرٕہ وَنان چھِہ

ہُمہٕ وُوتھم تہٕ وٕگہٕ کھوٚتُم طوطہٕ وُوتھم یاربل۔

اکھ طلسم چھِہ پادٕ سپدان۔ طلوطمُ چھِہ دوٚتھان تہٕ بے وابہٕ چھِہ گرٕ یاد پیوان گرٕیِس ووڈنہٕ ناپہٕ بٔزی چھِہ گومُت۔ مگر سائنس زیہنس منز سے سوٕ تہٕ ساوٕ گرٕ بیٚتہٕ دیدٕ یُپری کِتھِہ اُس وَنان تہٕ شُرٕ ژن زوٗن ماگُچ زوٗن "وُزِ نیٚثرٕ پادان۔ سامہٕ وٕپدٕ کرٕیِم شلوٗک ییٚلہِ اُسی از تہٕ بوزان چھِہ یِم خاندرس پیٛٹھ وٕنہٕ وُن

ماہرِ نفسیات چھِ وَنان اگر اِنسٲنی زِندگی منٛز پتہ کالک یاد وۄنۍ مشرٕنہٕ پیِیہِ اِنسان بنہٕ زِندٕ لاش۔ یہ گژھہ ہیتہٕ داد نفسیٲتی بیمارن ہُنٛد شِکار۔ شمبھو ناتھ بٹ حلیم چھ فوٹوگرافرٕ سٕندی پأٹھۍ ناسٹلجِک تصور کشی کران۔

مأج وۄدٕ ژ ژرأوکھ نہٕ خأطر
پرأز حق اہرِ بہٕ دٕ آ ژ
ٹھینچہٕ رتہٕ کھوت بانہ ہأر
بأژ کس ونہٕ حالِ دِل

۵۰

أسہِ چھ پِھتر رٔیش مأژ
نٔنٛدٕ بٔین ژارٕ وأژ
لٔجِ ہیٛنٛدی أسہِ خانہٕ مأژ
بأژ کس ونہٕ حالِ دِل

ناسٹلجِک بہترین مِثال چھِ بٹن ہُنٛد "ہٕنٛزے ونہٕ وُن" اتھ منٛز چھِ یِم سارِے دلوی تہٕ رِوٲتھن ہنٛز پۄزا کران۔ اِخلٲقی درس دِوان اِخلٲقی قدرن متعلق چھِ اکھ انگریزی نقاد سانٹ وَنان زِ کلچر تہٕ تہذیب خأطرٕ چھِ اِخلاقُک اکھ تصور ضروری۔ اخلاقُک یہ تصور ہوٚت پایدار تہٕ قدرن ہُنٛد نِظام ہوٚت مربوط آسان چھِ تیٚوتے مظبوط کلچر چھِ ظہور پذیر سپدان"۔ یہے کلچر چھِ قومن ہنٛدِ ناسٹلجِک گاشہِ آگر بنان۔ ویدو تہٕ اُپنشدو چھِ اِخلاقکۍ تِمتی معیار مُقرر کٔرِمتۍ ییٚمِچ مِثال

## خانٛدر

سہرکے گگہٕ وو وہٕ کے پٕچھنو
اُچھ ہا لوسَم کر واتکھ
نٛدرس سٔوتھ ڈیُت زلہٕ اوتأرے
دَشرتھ راژٕنۍ سوأ ری

یہِ سورٕے چُھ سانین پیشرٔون ہُنٛد ڈیُت۔ یُس اسہِ سٔوشُچھ سمبٲتھ شعور تہٕ لاشعورکین تہہ خانَن منز رٔژھرِتھ چُھ تھووُمت۔ یہِ چھےٚ سانٛز قومی وراثت۔ ییلِ اَسہِ سٔمِیک ژروشرپانہٕ مأرِس چُھ وانناوان تمہِ ساتہٕ چھِ اُسہِ اَتھر ماآلِ میرانِس کُن نٕمدے گنٛڈان تہٕ اسہِ چھُ دِلس قرار تہٕ ووٚنٛدس شیہلتھ پیوان۔

گرِ شوٗکلم پٔرتھ آرسب چھِ کران چھُ ساہِس وٕتھن مندریر منز اٮ۪ان نہٕ پٕٹن ناتسلمبیا
خبر کمن طِلساتن ہٕند سأر کرناوان۔ مأنٛز مہرازس وَنہٕ وان۔

واسدیو راز نٕہ پادشاہ پسٔندو
مأنٛز مسند چھُے پأرأ وِتھ
آکھا وِلِ تَے زاکھا وِ کھٕنے
مأنٛز لاگے پادشاہ تختس بیٹھ
ہ
دِ دوگون

مہاگنہٕ پتہٕ سُند شنزوٗش پوٗتر نورے
دِ دے گونس لِوأ سے
گنگہٕ بل تورمے گنگہٕ ووزٕ نوٗٹے
وونیم وودٕلو لِوأ سے
ہ

یونہٕ
ژھس گوٗ اسن ہٕرگ آبہٕ بوہٕنن
شٔراہمنو گٔتھ گوٗر یوہٕنس پتھ
یوہٕنس چأنس رٕوف نہٕ روہٕ نے
ژھکس راجہٕ رٮ۪نے زاکھ
ہ

شاعری یَسلہٕ پاٹھۍ بٔروٚنٛہہ کُن۔ اتھ یوٚدوَے بیٚیہٕ تہٕ کیٚنٛہہ وجوہات آسن مگر شاید چھُس
یِنہٕ اکھ وجہ زِ عقیدٕک دٕزِیاہ ییٚتہٕ کانٛسہٕ ہنٛز اگرٕن باگرٕن چھُپہٕ تہٕ کانٛہہ بار یا دُشمنہٕ
چھُپہٕ تہٕ یتھٕس بے پٔرژھ وقتس منٛز چھِ یہ ہنٛزِ تخلیقی ٹیٹھ ہوٕ، راوِنٛگ اکھ بے فرہرٕ وسیلہٕ۔
عقیقی دٕزِیا نِشہٕ اُچھ وٹیتھ عقیدٕک دٕزِیاہ پانناوٕک یِہ رُجحان چھُ ورگہٕ پاٹھۍ شاعرن منٛز
گُمنام مجبوری ہنٛد تہٕ نتیجہٕ باسان یا بالقولہٕ مہجورسہ

وِنہٕ ہے مہجور داستان دِل فرزور

وِنہٕ تس تہٕ چھے ناتس وار مدنو

بہر حال ییتہِ مس ذہلس دوران تخلیق سپنہِ پشریس تہٕ کمہ اثہٕل شاعری بروٚنٛہہ
کُن آینہٕ چھے تمیک پیٹھٕ پیٹھی جایزہٕ ہیٚنہٕ یِتہٕ چھیپہٕ یہ باسان زِ یہ شاعری کیا چھیہ امہ بروٚنٛہم
جدید شاعری نِش یکسر وکھریا کانٛہہ الگ تہٕ نوٚو انداز ہیتھ۔ پزر چھُ یہ زِ موضوع، مزاز تہٕ
ہیٔتی طور چھپہٕ اتھ شاعری امہ بروٚنٛہم جدید شاعری نِش کانٛہہ تہٕ اہم پھیر بلکہ چھیہ یہ وار یا
عدس نام اَی شاعری ہنٛد وہراو باسان۔ وونٛیکو موجودٕ دورٕچکن حالاتن ہنٛدین چھوکن
پٔتھر وگہٕ ہنٛز باوتھ ییتہٕ ییتہٕ اتھ شاعری منٛز سپنہ پشر چھیہ سوہ نظرٕ تل تھاوِتھ چھپہٕ یہ
مانہٕ وراَے کانٛہہ تہٕ چارٕ زِ ہیٚرہ ہش شاپہ باوتھ ہیکہ ہے صرف یمی دورٕچکن پتھیٚمی
حالاتن ہنٛد شکمہٕ منٛز ہیٚرتھ۔ یمن چھوکن ہنٛز وگہ ہنٛد پوت صدا ییتہٕ ییتہٕ اتھ شاعری
منٛز کَن گٔرٛزھان چھِ تیتہٕ نہٕ تیٚمیک ہوا لوا تہٕ توٚتر جدید شاعری نِشہٕ ہنادکھ باسان
تہٕ امی موجوب چھِ امہٕ اتھ شاعری منٛز کیٚنٛہہ روجحان زیادٕ پہَن غالب نہٕ لیبنہٕ یوان
یم پھیر بدِ کڈنہٕ باپتھ چھِ ضروری زِ اَسہ ترٛاوو جدید کالچہ شاعری ہیٚٹھ اکھ سرسری نظر۔

ڈاکٹر رتن تلاشی

# ہم کال شاعری - اکھ سام

ہم کال شاعری ؤنِتھ چھُ میون مطلب سۄ شاعری یُس پتِمِس ڈیٹھِس دوران تخلیق سپنز تہٕ یتھ منز امہٕ دورُک انتشار تہٕ عصری آگہی ہنز بادتھ سپنز چھِ. مے چھُ یتھ کنہِ ہنٛد اعتراف زِ ہمکال شاعری متعلق کانٛہہ راے ذنی کرٕنٕ چھُ کینٛژاو وجہو کنہِ نامناسب. تکیازِ امہِ رایہِ ہنٛز غار جانب داری متعلق ہیٚکن سوال وۄتلِتھ. کأشر زبأنی ہنٛدِس ہمکال ادبس متعلق قلم آزمأیی کرنس چھے امہِ علاوٕ تہٕ کیٚنٛہہ دلیل. شلن پتہٕ میٛن کینٛژن ؤرین دوران یہِ کینٛژھا لیکھنہٕ آو تہٕ سۄ رے چھپنہٕ ؤنہِ برونٛہہ کُن آمُت. تکیازِ اول چھُ کأشر زبأنی منٛز اشاعتی وسیلن ہنٛز دسیابی کمے پہن تہٕ دۄیِم چھُ وتیتھ ہنگامیٛن تہٕ بے وسأیی وجہِ تھ شاعرن کلامہٕ مارکس منٛز ژراونس زنٛہِ کھوٚرے یتھ مۄران. پتہٕ میٛن کینٛژن ؤرین دوران آیہِ کینٛژن اہم شاعرن ہنٛز شایہٕ سۄمبرنہٕ. مگر بیشتر شایہٕ سۄمبرنن منٛز چھُ پتِمین ؤہن ؤرین ہنٛد کلام آیہٕ نٕ. "سیاہ رۄدٕ جرین منٛز" یا "نے چھے نالان" چھے ہرژھ کیٚنٛہہ مثالہٕ. یتھے پأٹھی چھے "نیرِ نغمہ" نیرن ہنٛز ے گنگراے نزِ صحرأوی صدا یۄ نام زِ "پدی سمیکر" بیوٚدوے یٚتھی دورٕچ پادادار چھے مگر امیک تخلیقی وٕتلش چھُ یتھہِ دورٕ برونٛہہ. یہِ چھُ شاید مۄجوٗدٕ وقتچ بے پژھی تہٕ بے وسأیی ہنٛد نتیجہ زِ یتھ پتِمِس ڈیٹھِس دوران آیہِ عقیدتی

ژراوشے تگ دو باسان آس۔ تخلیقی مجبوری ہٕنز عکس نوہر پسندی ہہنٛدِ جنٛدٕ ستہٕ متأثر تھٕ نٲز ورتاوِ ستہٕ ووت شاعرکس ترسیلہِ خیالس تہٕ دوارہٕ۔ یوٚدوے یہ رُوش از نہٕ نظر گژھان چھے امابوز پتھی ہین ذہن وریٚن ہہنٛد لو حالاتو ہیوت کاشر تخلیق کار گوڈنکہ الزامہ نیشہ بری کرُن۔ یانے سانہٕ شاعری ہہنٛدس ہواوا تہٕ دُنیہس ہیکہٕ نہ شاید ووڈ کانہہ تہٕ دہ یر ڈیتھ۔ اول یتھہ موجوب زمین گُل گوڈ ہیکن حادثن تہٕ المین سون شاعر بڑونہہ چھا ذہنی ستوتھس پیٹھ موصوس کران اوس ازہ یتھی ہم نس پننہ زندگی ہنز حقیقتھ۔ از نہ چھیہ تس کُنہ عالمی فلسفہ لادنے تہٕ نہ پانس عالمی گامک نبی کہن مانتھ ساری عالمکہ غم تہٕ چھوہ کھلہ ناوشے کل۔ تکیاز ازچھیہ تس پننین چھوکن شمار یوان دوہمین کیا سنہ سہ۔ ڈیم کور سہ یمو حالاتو اجنبی دُنیاہ پیٹھ واپس اَتھ پیہ نیسے اندٕ پکھس منز زونس مجبور۔ سہ لوگ وہ زم دُنیاہ تہٕ دوہہ زم غم ژراوتھ نیمنے چھوکن زلو دِنہٕ ہیم نیشہ ون موجود حالاتن ہُند دُیت چھ۔ یتمہ دورچہ شاعری منز چھے اَسہ ییمنے چھوکن ہہنٛدِ دیو وہ تلاوتہٕ آمتہٕ کرشے برقی رَو ہش موصوس سپداں یس اَسہ یہ مانس قابل کران چھیہ زیہ شاعری چھیہ وطن واپسی ہنز شاعری تکیاز یژھ بیشتر شاعری منز چھے اسہ موجودہ دور کین ووکھ حالاتن منز ہیپہ آمز گنشیرہ تہٕ کاشر ہہنٛدس منتشر وجودس ستہٕ موکھ مدا کے سپدان تہٕ یہ ہے چھ امہ شاعری ہُند غالب رجحان تہٕ:

۱. ژلیوٚن لوتی وتر ولو تی تیتھہ آدبٔیل
دار تہٕ برلرزیہ نیبر آواز نہٕ بوٚد

۲. نس ژرٹ ہش کوہ ستامتھ آیہ
تہٕ شہمتھ دُہرن

جدید دورس منز سپز سانہ شاعری منز موضوعی کیو ہیتی لحاظ رنگا رنگی پاد۔ یہ اوس تہ دور ییلہ کاشر تخلیق کار نظریاتی زولانو نشہ آزاد سپدتھ تہ نوہ بازی کیو پرد پگنڈا ژرادِتھ پننہ ذہنا موضوعاتن نار جذباتی آبہ زلو انہ لوگ۔ پننہ چھیہ حقیقتھ زِ اَمی دورن دِژ سانہ زبانہِ کینہہ قداوار شاعر یمو پننہ تخلیقی قوژ ستی کاشر شاعری نوین جہژن کن پکناو۔ دوں گو انہ ہتی ہتی سپز انہ دورس منز سانہ شاعری منز زہ رُوشہ غالب یمو شاعری پننہ میٹر تہ ماحولہ نشہ دور راو۔ اکھ رُوش اوس یہ زِ سون شاعر لوگ کشیر منز بیتھ عالمی گامک تبریکن درینگ بہانہ کرتھ تمام عالمکین حادثن تہ حارثاتن الاکھوول کرنہ۔ ییمہ کنی تمند سوچ پننہ آندہ پکھ نشہ ژھعینہ سپدِتھ دور گژھن ہیبدن ژکر ولِوس منز ہینہ آو۔ امہِ علاوہ سپد خارجی زندگی نشہ دورس۔ یہ وجہ تہ زِ حالاتو بنیہ انسانس ربہ ریہ تم وسیلہ میتھ یمو تس دوہمین ستی روزنک راحت تہ سکون میسر گژھت اوس۔ چنانچہ معاشرہ ییلہ انسانی قدرن ہنز راچھ راوٹ کرنس اہل رود نہ فردس تہ فردس درمیان ووتھلیو دور پیہ تہ نتیجہ دراو زِ ذہنس ستی رشتہ منقطع سپدِتھ لوگ تہ پننہ نس ژانس منزے چھپن جاے ژھارنہ۔ امہِ صورت حالن کور سون شاعر تہ اکھ شدید کنیٹک شکار۔ تہ لوگ نیبرم دنیاہ ژرادتھ ذاتہ کس گناشتس منز گرفتار سپدتھ اندرم شنی ژھنڈنہ تہ یوہے اندرم اوبود تہ ازان شنی ہبود اہنز شاعری ہند دنیاہ۔ یہ اوس فقط اوہندے یوت دنیاہ یتھ یہوے بوت انہزی منزی گوژھت اوس تہ باقین ہندِ باپتھ اوس یہ ووہ پرہیو۔ دویم رُوش اوس یہ زِ کینہ آیہ جدید بوزنہ پننہ کس فیشنس تحت بے طور ازجد وتشکیل، وَل تہ گرلد زبان وژناوپنیس ڈاڈا ازم چہ تحریکہ ہنز پتھ

۱۔ سہ بٔروٗنٹھ کٕنِز پۄک بے خیال لاتوٗلُق
بہٕ پاے ہٕند سراپا نظر ہٕنہٕ خاموشی

۲۔ چۄرِ گۄنٛش نہ برگ پٔنٛج نہ کاشہٕر ژھاے ڈلائی
تِم جایہٕ نہٕ تِم بازٕ اما کور سناگے

۳۔ کن کٔریشان اَچھ تٔرسان پٔنٛن کاشہٕر بُنٛبِہ پیٚہنا
یٚبلِہٕ چیٚشمن لگِ وٕہراتھ بہٕ کہٕنٛہ کٔنٛز بیٚکھ غزل

۴۔ دردِ گاہٕچ ژٕنٛجِ دٔلیل چھِ اَسی۔ کربلاہٕچ سبزٕ سبیٖل چھِ اَسی

۵۔ اندرٕ چھِواتھ ہٕ بازٕ گرِکٕر ساٖرٕی دارے

کُنٛہِ سٕتہِ دوٚہ تِلہٕمتہِ خوف تہٕ اجنبی یٕتھ بیٚترٕ ہٕنٛدِ جذبہٕ اَسی جدید دورچہٕ شاعری مَنٛز نہٕ اماپوٚز نتہٕ اوس شاعرِ جدید حساگی ہٕنٛدِس سوٚنٛچس تحتہٕ یہٕ سوٗرے یہٕ کرب جدیدِ زِنٛدگی ہٕنٛد لۄکھ لوٗن مانٛتہٕ یمن بروٗنٛہہ کنہٕ سرخم کران۔ نتہٕ اوس سہ خارجی زِنٛدگی ہٕنٛز ناہمواری نہٕ دیکھزار وٕچھتھ پیٚنہٕ نیٚس اَونٛدرٕ ونیٚس ہٕنٛزے پناہ ژھاران مگر بیٚیِہٕ چھیٚیہٕ کُنٛہ چہٕ حالژ مَنٛز پان موکلاوِنٛچ آمادگی تِہٕ نہٕ فردس تہٕ سماجس درمیان ژھیٚونٛمت رِشتہٕ بحال کرِنٛچ وُدہ تھ ژھانٛٹھ نہٕ۔ یُہے وجہ چھُ زِ یتھ شاعری مَنٛز چھیٚیہٕ گیہے ذاتی دوہ کھ بدلہٕ جماعتی دوہ کھ تہٕ زِنٛدگی ہٕنٛز بادتھکاری شہٕ تہٕ گیہے معاشرٕ نِہتاونہٕ پینٛگ ہاہاکار یا ہٕنٛز کالس تہٕ تہذیبی میراثس زٕلی دِنٛگ رجحان نِزیٚسلہٕ پاٹھی آمُت۔

چُناچہٕ اَمہِ شاعری ہٕنٛد تجرباتی دٔژیاہ چھُ یتھ پاٹھی موٗجوٗد دورکِس نوآرچی المیس اَنٛدرٕ اَنٛدرٕ نژان ییٚمِہ سبہٕ اَتھ مَنٛز تِتھِ زباٗنٛ وٕرتاوٕچ ثرا ے زیادٕ پٕہن لبنہٕ یوان چھیٚیہٕ

کیتین مأشِر گُلین لوٗگ نار
خانہٕ وُجاڑی کیتین لوٗکن
باگہٕ لیٚچھِن
سۄ یہ ماگ راتھ مُستقِل غمچ یہٕ زیٚٹھ داستان
عجب مُلک نواح کران درد چھےٚ نوش لب پران

اوٚندرٕ رُونگ خلوکھ خانہٕ ژراوِنس کوٗر اَزیُک شاعِر یِیمہٕ دور کیو تِمو سیاسی تہٕ سماجی حالاتو تہٕ مجبوریم ستاجی پیٚتہٕ ریسہٕ ریسہٕ وادی منٛز رونما سپدی۔ تِمو حالاتو دیُت تَس وارہٕ وارہٕ یہٕ اَحساس زِ بہٕ چھُہ اکِس تِتھِس سماجی کہو سیاسی نظامس منٛز چھسُتھ یِتہٕ پدِس پدِس ہیٚتھ نابرابری، حق تلفی، ناانصافی تہٕ عدم تحفُظ چھُہ۔ تِمو ژٕلوٗن زِ فرد چھُہ کینژن موٗعاد پرستن ہنٛزن لتن تل یِم تَس پنُن ذاتی مقصد بامل اَنِنہٕ باپتھ کُنہٕ تہٕ ساتہٕ لتہٕ موکجہٕ کرن۔ موجوٗدٕ زندگی ہنٛدِ اَمہِ کرِیچھرِچ بادنھ چھیِہ نمیتہٕ برٛونہٕ ہمہٕ شاعری منٛز تہٕ اماپوز یوٗت غالب پأٹھی تہٕ نُمایان پأٹھی تہٕ یوٗت یِیمہٕ دہلِچ شاعری منٛز اَیچ بادتھ پیپنز ہشر چھیِہ۔ یکیاز موجوٗدٕ سماجی زندگی ہنٛدِ اَمہٕ کرٛہنیارُک سیلاب سپُد یتھ دہلس دوران کأشرِس تخلیق کارس شرٕ پیٹھی۔ نتیجہ دراو یِزٕ اَزیُک شاعر سپُد ذاتہٕ کرِ غولہٕ منٛز نیبر نیرِس تہٕ پانس اَندرٕ یکھی چیہ زندگی سٕنٛس مجبور۔ یتھ پأٹھی چھُہ اَزِچہٕ شاعری منٛز ذاتی دوہ کھ تہٕ کرٕ بدلہٕ جماعتی کرِچ تہٕ دوہ کھچ بادتھ کرِتھ جماعتس ستی پنُن پان وابستہٕ کرنچ جُستجوٗ، نتہٕ غأر محفوٗظیت، اجنبیت لاتعلقی تہٕ پرژھنس بیتر جذبن تحت ذاتہٕ منٛز نیبر نیرتھ جماعتس ستی پنُن پان ہم آہنگ کرنچ کشمکش درتھٕ گژھان شلن یم کیٚنہہ مِثالہٕ وُچھو:-

یاگِھے جذبن ہِنٛز شدٕژ سان ییٚمہٕ آیہٕ احتجاجی تہٕ اِستغنائی لہجس مَنٛز ؎

کُمہِ میٚیہٕ کوٚرُم سوٚنٛتہٕ شِہُل ناب ییٚتِھن

کُمہِ میٚیہٕ ژھوٚوُم ناگ سوٚتہٕ تنٛزل بال گھٹتھ

(تیج راول)

راوِن تیٚلِک یہِ کرب تہٕ محرومی ہُنٛد یہِ غم چھُ ہمکال شاعرِ ہنٛز زنٛدگی ہُنٛد تلخ پہلو تہٕ تیہنٛدِ جذباتی دُنیہُک اکھ اژھین انگ بنیوٚمُت۔ یہ چھُ توے پھیرِ پھیرِ اَمِیک اظہار کران یہِ رجحان یوٚدوے ییٚمہٕ دورکین بیشتر شاعرن منٛز جلوگر چھُ اماپوٚز بےٚ گرٕ شاعرن منٛز چھُ اَمیک احساس زیادٕ شِدتہٕ سان لبنہٕ یوان۔ چنانچہٕ تِمن چھُ اکھ تیٚتھ صوٗرتِ حال باگہِ آمٕژ ییٚمہٕ سٟتۍ تِہنٛز زنٛدگی لاسمت تہٕ شِکار سپنٕز چھیٚیہٕ۔ اَمِس وتہٕ ویلِہ شاعرس پننیٚن پرزنتھ ژھارنہٕ باپتھ جُستجو کرنٕک وُتش دِوان یتھ دوران یہِ پنہٕ نَس یادٕ وَوتہٕ رکِس شہلِ کُلِس تل واتان چھُ۔ یہِ موٗل سرمایہٕ چھُ بِلواسطہ پانٛٹھ اَمِس عمری کرب وہتراونٕک وسیلہٕ تہٕ فراہم کران۔ چاہے سوٚ ارجن دیو مجبورٕنٛ "پدہ سمیکہ" آسِتن یا "تیول" ہِش طویل نظمہٕ، موتی لال ساقی سُنٛز "گمدرن" یا جواہر لال سرور سُنٛز "ون پوٚشہٕ تولو ون" آسِتن پرزنتھ تہٕ ثقافتی موٗل ژھارنٕچ جُستجو چھیٚیہٕ یژھہ بیشتر شاعری منٛز ٹاکارٕ۔

یہِ کتھ چھیٚیہٕ دِلچسپ زِ چاہے کٲشرِ منٛز روزِن وول شاعر آسِتن یا کٲشرِ نیبر میٚجہٕ بٕے یتھی صوٗرتِ حالس متعلق چھیٚیہٕ اظہارکِس سوٚتھرس پیٹھ مماثلتھ ہِش لبنہٕ یوان۔ مثلن وُچھتوٚ یمِن پوٚزٕ مین شار تہٕ نوٗمن منٛز کتھ پانٛٹھ چھُ درپیش صوٗرت حالُچ تصویرکٲری کرنہٕ باپتھ مختلف شاعرو لفظ سہلاونٕک الہ پلہ اکی اُنہارنہٕ ورتاو کوٚرمُت ؎

یِیمِکۍ مۆل تتھ ثقافتی وِرثس منٛز سٕنٛز نہٕ گنٛز چھِ یُس اَکھ شاعِرن پانس برونٛہہ کنہٕ تھاوُن یوان چھُ۔ اتھ شاعری منٛز چھِ علمدار، ریٛوش، وۄتھ، بۄنی، زبروَن، کنٛزل ون، یار، تٕنٛج پوشنول مختلف جایہٕ ناو اَستانن تہٕ اَستھاپنن ہنٛدۍ ناو لفظہ تہٕ بلکہ تِم ویدزن ہٕنٛز عام موٗروٗثی ہم کاشُر ثقافتی زِندگی ہنٛدۍ اہم اَنگ چھِ۔ زبٲنی ورتاو چھ یہِ مخصوص خوبی چھےٚ ورگہ پاٹھۍ بہٕ پیٚزر تہٕ پرکھاوان زِ موجوٗد دورک یہِ شاعِر کتھ حدس تام چھُ پننہِ میٖنٛژرتہٕ ماحولس منٛز جذبٲتی سوٗتھرس پیٹھ سٕٹھا قربتھ سان لسان بسان۔ یتھ زبٲنی ورتاوک رۄحجان چھُ مُلہٕ تلہ تِمہِ راون تٕیلکہِ ایٚحساسک نتیجہ یُس اَمس شاعرس سٕندِ باپتھ موجوٗد دورک سونانہ چھُ تہٕ یُتھے سہٕ موجوٗد وقتک کرب مشراونہٕ باپتھ یا پننہِ پرزنتھ ونراونہٕ باپتھ پننہِ ثقافتی مۆل ژھاران چھُ اَتھ چھِ اَمِس یِمے عام تہٕ ویدۍ موٗروٗثی تھٕتہِ ہیوان۔ راون تٕیلک یہِ تُھن تلہٕ دۄن ایٚحساس نہٕ یتھ کالس زاکھ دِشنٕچ ژراے چھےٚ یِیمہِ دورچہِ شاعری منٛز اکہِ نتہٕ بیٚیہِ رنٛگہ نیاد یہٕنا آمٕژ۔ گیہے یِژھن ژٲر جذبٲتی شارہٕ باوژن ہنٛدِس صوٗرتس منٛز یم اَکس مُدرس کرپس زہر دِتھ اکہ سہٕ ون توشر ووٗتلاوان چھِ شلن ۔

29

اَسہِ تہٕ چھِ الم پہرس پہرس ژرِ پرٕژ وُچھان

اَسہِ نہٕ چھِ اَکثر یاد پیوان لوکچار نہٕ خاب

(رفیق راز)

تہٕ گیہے چھُ یہِ صوٗرتِ حال یِیمہِ آیہِ موروثی شہر شخصاونکاری کُرتھ تہٕ الناکھ ڈراما ووتلاونہٕ دیپہ ماپہ کرنہٕ آمٕژ۔

نوزاو کچھس مۆڈ ژیٚتھ حال ونان آسہِ (رحمٰن راہیؔ)

یہِ بٲگرن گٔرِتھ یوٚدوے کُنہِ کُنہِ ماٰرِ مُنٛدِ پیکرن تہٕ خوٗبصورتھ ورگہ باوتھ دِکھ کشش شاعری تہٕ تخلیق کرنہٕ آمٕژ چھیٚہ اماپوٚز یِژھ شاعری مَنٛز چھنہٕ تِژھن مثالن ہُنٛز تہٕ کمی ییٚتہٕ باسان چھِہ زِ شاعرَن چھُنہٕ تخلیقی عملہِ منٛز جذبس پنُن مُناسب رول ادا کرنہٕ دِتمُت۔ یِژھہ ہِش شاعری چھیٚہ باضے کینٛژو پھیرَو باوجود تہٕ کُنہِ کُنہِ ترقی پسند دورچہِ طبقاتی کشمکش نظریس زیرِ اثر کرنہٕ آمٕژ مقصدی شاعری ہُنٛز یاد تازٕ کران۔ مون زِ ترقی پسندی ہنٛدِس دوہ زِ ہمہ فلسفس برعکس چھُ یہِ شاعر موجودٕ زندگی ہُنٛد واقعاتی پہلو باوان اماپوٚز یوٚدوے شاعرٕ سُنٛز سٲم چھیرا واقعاتی پہلو باوتھ آسہ ہے تیٚلہِ آسہ ہے نہ شاعری تواریخ یا صحافتہٕ نِشہِ الگ وُجود تھاوان۔

اتھ شاعری منٛز چھُ ٹاسریرِ تہٕ فکری مُغلسی نِشن جاین نہٕ ییٚتہٕ شاعرن معاشرٕکس نہنادنہٕ پتِس یا محرومی کہو دورِس پیٹھ واویلا کرنس دوران مختلف پیکرن دربرٕ پنٕنہِ ذاتی دوہ کہِ یا ذاتی پسند تہٕ ناپسندی تہٕ رایہٕ ہُنٛد اظہار کوٚرمُت چھُ۔ یِژھن جاین چھُ باسان زِ موضوعک انتخاب چھُ زاٮ۪نتھ ماٮ۪نتھ کرنہٕ آمُت۔ شاید چھُ امِ تجربُک آزادی اُمِرٲوتھ مِنٛز ژر تہٕ گنڈتھ ژٹِتھ موضوع ژارِ ہُنٛد وجہ یہِ زِ یمٲنس تخلیقکار سُنٛد ذہن چھُ پتی مِن 'ورِی ین ہنٛدی ٲی الیٚین تِھتھ پٲکھی آوٗرمُت زِ سہ چھُنہٕ پنُن ذہن امِ نِشہِ موکلٲوِتھ ہیکان۔ اَمِ شاعری ہُنٛد تجرباتی دُنیاہ چھِہ اَکھی الیس اَندرِ اَندرِ آباد۔ امہِ سٟتی چھُ باضے یہِ اندیشہٕ تہٕ بسپدان زِ جدید دورِس منٛز یِس وُسعتھ تہٕ کُشادگی سانہِ شاعری ہنٛدِس تجرباتی دُنیہس آیہِ شاید ماہین سو واہ واہ شرو کان ہِنٛز۔ باسان چھُ زِ سون شاعر چھُ اَکِس محدود پوکھاٹس منٛز ییٚنہِ آمُت ییٚتہٕ زندگی ہُنٛد وُرٕن ونُھرن پیٚٹھ حالاتھ چھِہ۔ حالانکہ یہِ

۱. بوٗنہٕ تیٚہ بیہِہ واوِ سہلابن
ناوِ تیٚہ ژھینِو طناب اللہ ہو — مشعل سُلطانپوری

۲. سہلابن ژھن ملہِ ڈاس کرِتھ
اِنسان کہو حیوان بیہِ وٲلِن
کم باغ تہٕ جنگل لۍہرٲوِن — رتن لال جوہر

۳. نوٗح سُند اکھ طوٗفان تھکہٕ رۄس ییٚیتہٕ سہلاب — (رسل پونپُر)

حالاتن ہٕنٛز شاعرن ہنٛد یہِ ردِ عمل چھُ ییٚیہِ آیہٕ تہٕ نوٚن خاص کرتھ شاعرن منٛز ییٚیتہٕ شاعرو دِ پیش حالاتن ہنٛد سوٚد رٕ منتقل کرِتھ "وجہ" تہٕ "اثر" کین محرکاتن ہنٛز پرنہٕ چھا آز کرِہٕنٛز چھیٚیہِ۔ امہ پوٚز اتھ دوران چھیٚیہِ تِھن شارن منٛز کُنہٕ کُنہٕ "رنج" تہٕ "بدی" ہنٛز خانہٕ بنٛدی سپنٛزٕنٛز ییٚیمہٕ سنٛز اتھ منٛز کُنہٕ کُنہٕ ٹاسرِ جذباتھ نگٲری ہنٛد باس لگان چھُ۔ مثلن

۱. چھُہ تہٕ سہ محافظ امن امانُک رٹہٕ بوٗدن وٹہٕ ڈیار کرِو کیا

۲. میٲنِس گُلس رنہٕ بوچھ تیز یمہٕ ژلِو شنٛز پیٚہ بالغ گمُتھ

۳. تمہ عقیل تہٕ شکیل گھٹی یپہٕ دون رن چھ دلوان رٲز دٲنی منٛز

۴. دوہ پر دستار دِتھ سوٗنچ بیٚردارکھ
نٮ۪نگتھ اُز ہُنٛز گنس
جولہِ منٛز نیہِ رتھ تُجھانا

ہرگاہ اسہِ وُچھو بیٚیمن شارہٕ مثالن منٛز چھیٚیہِ مختلف لفظو تہٕ رمزو دِسی جان تہٕ ناکارہٕ عنصرن ہنٛز خانہٕ بنٛدی ٹاسہٕ پرٕ سپنٛزٕنٛز۔ حاکم تہٕ محکوم، ظالم تہٕ مظلوم کردارن درمیان

سۆدرس منٛز ڈٲنگ۔ دِتھ تحقیقتچ موٚہجتہٕ لرِ موٚ چھ ژٕنیٚنچ جان کوٚشش کرمژ۔ مثلن غلام نبی فراق سٕنٛز نظم "کرفیو" چھےٚ اَتھ پٔژ مثال۔ یَتھ منٛز شاعرن وقتی وٲکھٕراژ تصویر سٲری کٔرِتھے زِندگی ہُنٛد بیاکھ روح دِیدمانہٕ کوٚرمُت چھُ۔ یہِ چھُ سُہ روح ییٚتہٕ پٔرتھ اَنٛد مسرتھ تہٕ شادمٲنی ہُنٛد عالم چھُ۔ فراق چھُ پننہِ مخصوص اندازٕ نظر فطرتھ تہٕ زِندگی ہٕنٛزِ دوہہِ دروہہِ منٛز حظ تہٕ مسرتھ کھوکھلاوِتھ ہنگ موٚت۔ سوہٕ ژراے چھےٚ یتھ نظمہِ منٛز تہٕ جلوگر۔ اٲسہِ ییتہٕ چھُ سُہ انھ نظمہِ منٛز زِندگی ہٕنٛدِین دوشہوٚ نہ سۆتھرین کومہٕ اننس منٛز کامیاب سپدمُت۔ مشعل سلطانپوری سٕنٛز نظم "وٕنۍ دِتی مس" تہٕ یوٚدوَے موجودٕ حالاتن ہٕنٛزے عکاسی کران چھےٚ امہ پوٚز شاعر سُنٛد زبٲنۍ ورتاو چھُ ادٕ مقٲمی سۆتھرٕ پیٹھ تھووُدُ تِلتھ سٲری انسٲنی زِندگی ہٕنٛدِ جنگلک حادثہٕ بناوان۔ اندازٕ بیانس منٛز بےٚ ثقہِ از کال کہِ ورتاوٕ ییتی چھ امکہ پیکر زِندہٕ متحرک تہٕ جاذب نظر بنیمتی۔ ارجن دیو مجبورنہٕ معصر نظمہِ "نظم" تہٕ "پننہٕ پوشیرس کُن" تہٕ چھےٚ تجربچہِ وُسعژ لحاظہٕ اہم۔ "نظم" ناوچہِ نظمہِ منٛز چھےٚ یتھ زلہِ ہٕنٛز شفقاو نگٲری کٔرِتھ زِندگی ہٕنٛز شادٕ تہٕ غمچ دگ تہٕ ژھیپہِ ژھٲر باونہٕ آمژ تہٕ "پننہٕ پوشیرس کُن" نظمہِ منٛز چھُ فطرتکین انگن ہُنٛد ژھیپتھ لول درشاوِتھ انسٲنی لولس تہٕ انسٲنی عملہٕ ہٕنٛدِس بجرس وکھنے کرنہٕ آمژ۔ شبنم شوقینٛنی نظم "ہیچھ" تہٕ چھےٚ توجہ طلب یَتھ منٛز غار جذبٲتی لہجس منٛز شاعرن وقتچہِ کوچہِ منٛز انسٲنی زِندگی ہٕنٛز ژھوٚپ دوٚپ سفرک سرسادٕ یر باونہٕ آمُت چھُ۔ ییٚنھے پٲٹھۍ چھےٚ رحمان راہی سٕنٛز "موٚل شب" ییٚتہٕ وجود تہٕ عام ماحول پنٕنۍ پُراسرٲریتھ بزوٚنہٕ کُن پوان چھُ تہٕ جاناور سٕنٛز علامتھ زِندگی ہٕنٛز مختلف وشابہٕ درشاوان چھےٚ۔ امہٕ سٕنٛز "زنتہٕ اکھ نظم" یَس ییتھہٕ دورکس انسانہٕ سٕنٛز مٲلی او سۆدگی ین تہٕ سہولیژن ہٕنٛدِس سرابس کُن دوٚرِ دوٚرِ زوال کِس گبہٕ ژلس منٛز راوٕ تھٕچ

چھُ ممکِن زِ محدُود دائرِس منٛز روٗزتھ ہیکہِ تخلیق کار کلہم انسانی زِندگی ہِتی موکھ مدآے گژِھتھ۔ دوس گوو یہِ چھُ تیلی ممکِن ییلہِ تخلیق کار زِندگی ہنٛدِ ظأہرٕ سوٗتھرٕ پٮ۪ٹھ لیوٚن وسِتھ تلاش حیاتس ہِتی دِلچسپی ہاوِ۔ نتہٕ ہرگاہ شہ امرِ فِش لوٗب ہیٚیہِ تہٕ ظأہرٕی سوٗتھرس ہِتی روزِ آوُرٕ تیٚلہِ ہیکہِ تٔمۍ سٕنٛد فن چھرا تنقیدِ حیات آسِتھ۔

زِندگی ہنٛدۍ چھِ زٕ سوٗتھرٕ۔ اکھ چھُ اِنتشار نہٕ تضادٕ مُک ظأہرٕی سوٗتھرٕ یتھ نفسیأتی زبأنۍ منٛز Trivial Plane وَنان چھِ۔ عام انسان چھُ اکثر اَتھی سوٗتھرس پٮ۪ٹھ زُوان۔ ییٚتہٕ تٕسٕنٛد کُن تہٕ کیوٗل مقصد زُو نہٕ جانٛگ رِشتہ برقرار تھاونہٕ یا یتھ زِندگی ہنٛز ضرورژن ہنٛز پوٗرتی کرنچ ترگٕ دو تہٕ باتے لوکچن موکچن مسرژن ہِتی آوُر بوٗزن آسان چھِ۔ دوٚیم سوٗتھرٕ چھُ سوٗکون تہٕ قرارُک سوٗتھرٕ یُس ژھعہ پہٕ ہُنٛد اکھ انیکھ سوٗدر چھُ۔ اتھ چھِ نفسیأتی زبأنۍ منٛز Tragic Plane وَنان۔ اکھ کامیاب تخلیق کار چھُ یمن دوشوٕنی سوٗتھرن پٮ۪نہِ تخیّل تہٕ تجربہٕ ہِتی مربوٗط کرِتھ زِندگی ہنٛز زیادٕ کھوٚتہ زیادٕ زان تہٕ آگہی پراوان۔ ہرگاہ شہ اتھ منٛز کامیاب سپدِ نہٕ یا ہرگاہ شہ گوڈنِکس سطحس پٮ۪ٹھ روزِ گژِھتھ تیٚلہِ چھُ تٔمۍ سٕنٛدِس فنس منٛز گہرأیی تہٕ گیرأیی ہیٚنٛز ناممکِن۔ مٮ۪یہِ چھُ باسان زِ ییٚتِہ دورچ واریاہ شأعری چھُ شاید یوہے وجہ گومت زِ ظأہرٕی سطحس لور روزنہٕ سبب چھُ گٔنہ اتھ منٛز چھرا وقتی ہنگامُک سُنٛد کثرک نادکنن گژھان۔ امیُک مطلب چھُ نہٕ یہِ زِ اتھ ہمکال شأعری منٛز چھِ نہٕ تژھن مثالن ہنٛز کمی ییٚتہٕ زِندگی تہٕ جہانُک ادراک وسعتہ سان برونٛہہ کُن آمُت چھُ۔ بلکہِ چھُ یہِ یٚژر زِ اتھ شأعری منٛز چھِ نہٕ ییٚتہ ہیوہ تہٕ تژھ مثالہٕ ڈرینٛٹھ گژھان ییٚتہ یہِ محسوس سپدان چھُ زِ شأعرن چھِ نہٕ زِندگی ہنٛدِس

نظم صنفِ شایہ باوُژ ہُنْد اکھ اہم وسیلہٕ روزِ تاہم سپدِ یتھ دورس منز تہٕ ہیٖتی طور کینہہ تجربہٕ یمن منز ارجن دیو مجبورٕ سُند طویل نظمہٕ ہُنْد تجربہ تہٕ ناو ہیٚنس لایکھ چھُ ۔ مجبورنی ہیتھ پانٹھ فیرتھ، لیجنڈ، تواریخ تہٕ سوانحی عنصر پننہٕ تخیلہٕ ستی آدرِتھ ویسع ترزندگی ہنٛدی ویسٕ پہلو کاشرِ ادبی چھوٗسہٕ چھُ توجہ طلب ۔ یہ چھُ پزر زِ امہِ باوُدار شایہ تجربہٕ باپتھ چھیٚ یہ باوُدار صنف موضون تہٕ تہٕ مُناسب تہٕ ۔ وۄں گو میٚہ چھُ باسان زِ یُوڈوَے یمو نظمو منز اُسی وزن تہٕ بأتھ بیتر نیبرٕ تہٕ کنٛڈو نظمہٕ ہنٛدِس کلہم توشرس پیٚیہٕ نہٕ سکانہہ تہٕ فرق تہٕ نہٕ گژھہ تأریٖکیس آسانی سان قدیم لولہٕ داستانن ہنٛدِس پنٛزس کُن نظر ۔ بہر حال وۄہٕ چھُ جُزِ الہ تجربس کینہہ قوٗلیتھ سپدِ حاصل امالی پوز یُودوَے قوٗلِ عام میلِس تہٕ نہٕ تمہِ باوجود تہٕ چھُ کاشرِ شاعری یہٕ قابل قدر ہرِ ۔

کُنہٕ حقیقتھ باوان چھےٚ ہیکون یِتھ دورکِین تُمہ ایشہٕ نظمن منٛز گژھنہٕ یِنہٕ ۔ ازکل کِس اِنسانس کوٚر ہجرت تہٕ مالی کیو مادی مسلوٚ اکھ عجیب انتشار پاد ۔ چنانچہٕ اَزکِس معاشرس منٛز یِیتہٕ مالی موٗ نادن تہٕ ترجیح ہن گوہ ٹھ اَلوٲرکہ دِنہٕ یِوان چھےٚ سپٕنہٕ رِشتن ہنٛز بٲنکل ژھینچ اکھ کرٕرٹھ عمل شتورٕو ۔ یِرٕ سُہ مادی ضرورتن تہٕ حاجتن ہُند یتھ حدس تام موٗحتاج زِ رِشتن ہُند تقدس سُہ زائل ہا یِتھہٕ کرٕ نتیجہٕ گرٕلیو زِندگی منٛز بکھراو ایٚمسانک اظِہار یُودوٚے کینژن دوٚیمین زبانن ہنٛدِس ادبس منٛز برٕدٕ تھیٚ سپدمُت چھہٕ اماپوز کاشُر شاعری بابتھ چھُہ یہ شاید نوٚو موضوع ۔ اتھ نظمہٕ منٛز چھُہ گرٕلیو زِندگی ہنٛدِ بکھراوٕ موٗجب اَزکِس اِنسانہٕ سُند گرٕحن لوکچن موکچن شادمانیٚن تہٕ خوشیٚین نِشہٕ محرُوم سپدنک کرب بادنہٕ آمُت ۔ یہ نظم چھےٚ پنٕزِ پاٹھٕ سانہٕ شاعری ہنٛز تجربٲتی رنگارنگی اکھ اہم ہِرِ ۔

کامیاب شاعری ہنٛز مِثالہٕ ہیکو اَسہِ مُحی الدین گوہر، محمد ایوب بیتاب ، گُلشن مجیدٕ چمن لال چمن تہٕ بِینہٕ تہٕ کینژن نظم گو شاعرن ہنٛز شاعری منٛز لبتھ تہٕ کامِل ، رازؔ ، شادؔ تہٕ ساقیؔ ہیتھ شاعرن ہنٛدیو غزلو منٛز تہٕ دِتھ ۔ وون گو اَمہِ وکھہٕ وکھہٕ ذِکر کرِتھ چھینہٕ یتھ مقالس طول دِنچ ضرورتھ تہٕ ۔ البتہ چھُہ یہ وَنُن ضروری یُودوَے یِتھہٕ دورٕچ واریا شاعری وقتی زِندگی ہنٛز ہنگامیتھ منٛزٕ ہینہٕ آمژ چھےٚ ۔ تہٕ ہیں کٲنہہ نتہٕ بِگاہ یادٕ وَوترِ کیو آنہٕ خانو پیٹھ نِہتادِنہٕ ییہِ تمہِ باوجود تہٕ چھینہٕ یِتھ دورس منٛز تہٕ ترٛجِہ شاعری ہُند ژھرٕ برٛیس اَسہِ سنہٕ ۱۹۶۰؁ شیٹھہٕ پیٹھٕ سوروٕنہٕ مُندی ہنٛدین یِمن وریٚین تام کہ کاشُر شاعری ہُند اِرتقٲیی سفرک نیب دِوان چھےٚ ۔ یِیٚے شاعری مدِ نظر تھاوِتھ چھہٕ اَسہِ یہ وَنُنس حق بجانب زِ سانِ اَزٕچ شاعری چھےٚ نہٕ جدید دورٕچ شاعری ہُند اکھ اَذ کھلہٕ تہٕ اَنی مانی دوہراو بلکہ اکھ فطری اِرتقا ۔

چھیکرس چھُہ یہ وَنُن تہٕ ضروری زِ یُودوے ہمکال اَدبس منٛز تہٕ غزلس ہتیہ کرِتی

کلچرل سانگرہ پیچ صورت یچھتیار ۔ یہِ اَنجُمن گَیہ ژرن حِصن منز تقسیم ییمیُک اکھ حِصہ اَنجُمن ترقی اُردو مُصنفین پیٹھ مُشتمل اوس ۔ چونکہ کاشرِ زبانۍ تہٕ اَدبُک نوو دور اوس شروع گومُت لہٰذا کیُتھہ کیُہ ہن سہ کاشِرۍ لکھارۍ پننہِ ماجہ زیوِ منز اظہار کرنس گریز ۔ اَتھ دورس منز پیو کاشُر اَفسانہٕ تھنہٕ ۔ یہِ کمو منزلو منزہ رُود پکان یہِ چُھ اکھ الگ موضوع ۔ البتہ ہمکال اَفسانہٕ بدِ کڈنہٕ خاطرِ چُھ ضروری زِ اَسی ہیمو جدید افسانس سام ۔ اگرچہ بوزو کاشُر افسانُک جدید دور گو ۱۹۶۷ء پیٹھ شروع ۔ اتھ دورس منز آیہِ نوِ اندازہٕ کر افسانہٕ لیکھنہٕ ۔ نہ صرف موضوع بلکہ ہیئتس کنہ تہٕ آیہِ کاشرس افسانس منز نُمایاں تبدیلی ۔ بقولِ مشعل سلطانپوری "ہیئتھ تہٕ موضوع چھِ افسانکۍ زٕ اَژھین روح ۔ یمو دوشوے زنگو آو کاشرس افسانس نوِ پر۔ اَزۍ چِھ زِندگی تہٕ اَزۍ چہ سوچن ہنٛز آیہٕ سیٹھا نکھہ۔"

یہِ کتھ چھِ ضروری وننہِ پاسان زِ وَنۍ ہیوٚتُن افسانس منز علامتی تہٕ تجریدی اَندازہٕ ورتاونہٕ ییُن ۔ عصری حسیت تہٕ زندگی ہنٛدِ کربُک اظہار تہٕ آو افسانس منز کرنہٕ ۔ وَنۍ آیہٕ خارجی معاملات منزٕ اَوتھ داخلی معاملاتن پیٹھ قلم تُلنہٕ ۔ مغربی اَدبکہٕ اَثرٕ سٟتۍ گیہِ کاشرس افسانس منز چشمہٕ شعورٕچ تکنیک داخل ۔ زمان تہٕ مکانُک خیال تہٕ آو تھاونہٕ ۔ اما پوز یہ سہ تبدیلی ووٚن کاشرس افسانس منز سپدییہ سہ چھِ اتھ رِوایتی افسانہٕ نش بیون کران تہٕ ہمکال کاشرس افسانس سٟتۍ ہم آہنگ کران ۔ یہِ اَس سو عوہ شُمار تبدیلی زِ کینژو رِوایتی اَفسانہٕ نِگارو تہٕ کوٚر اتھ سٟتۍ اتھواس ۔ ییمو افسانہٕ نِگارو اتھ دورس منز افسانہٕ لیکھۍ تِمن منز چھِ ہردے کول بھارتی ، امر مالموہی ، رتن لال شانت ، بشیر اختر ، برج پریمی ، فاروق مسعودی ، رتن لال جوہر ، گلشن مجید ، تہٕ اَنیس ہمدانی وغیرہ قابلِ ذکر ۔ ییمو افسانہٕ نِگارو کٔر

پریمی رومانی

## ہم کال کٲشُر افسانہٕ، کیٚنہہ خصوصیژ

ہمکال کٲشُر افسانہٕ چھُ تمی اُنمانہٕ بڑونہہ پکان یتہٕ پٔتِمِ منزِلہِ طے کران ییٚمہِ اُنمانہٕ اَمہِ پننہِ سفرُک دسُ تُلمُت اوس۔ اَمیُک یہِ سفر رُوٗد تجربن ہنٛدِس دُنیاہس منٛز ژھٕنڈٕ ماران یتہٕ فنکار رُوٗد پننہِ نٔوِن خیالن گران تہٕ ژٲران۔ امہِ سٟتۍ لٔب اَمہِ نۆو وتھ تہٕ اَمہِ سُنٛد فن رُوٗد جوان گژھان۔ اَتھ چھِ ہمکال افسانس منٛز فنکار سُنٛد لول تہٕ مایہ قدمس قدمس پیٚٹھ ژرٕ پٕشٕ گژھان۔

کٲشِرِ افسانچ تاریخ یوٗدوے مۆختصر چھِ اماپوز اَتھ مۆختصر وقتس منٛز کوٚڈ اَمہِ کماڈ تہٕ بناوُن پننہِ خاطرٕ اکھ مخصوص جاے۔ یہِ کتھ چھےٚ ژٕوٕرِ زِ اسہِ اَس بڑونہہ پیٚٹھ ڈیلیلن تہٕ کتھن ہُنٛز رِوایتھ باگہِ آمٕژ۔ یِمیُک ثبوت سانیٚن لُکہ کتھن منٛز لبنہٕ یوان۔ اماپوز نثرٕچ مارِ منٛز رِوایتھ اوسُتھ تہٕ گوٚو نہٕ واریاہس کالس افسانس کُن سۆن ظٕوٗن۔ اَمیُک وجہ چھُ زِ آزادی میلنس تام چھِ کیٚہہ پہن کٲشرِس منٛز نثرٕچ رِوایتھ لبنہٕ یوان۔ اتھ دورس تام اوس نہٕ کانٛہہ اخبار یا رِسالہٕ شایع سپدان۔ اُردوٗ زبٲنۍ منٛز اوس افسانہٕ واریاہ بڑونہہ نوٗگمُت تہٕ مختلف رِسالن تہٕ اخبارن منٛز شایع سپدنہٕ سٟتۍ اَس یہِ صنف مقبول تام بنیمٕژ۔ ۱۹۴۷ء پتہٕ بیٚیلہِ قومی کلچرل محاذ بارسس آو تہٕ جلدے گٔر اَمہِ سٹیٹ

بےٚ گرٕ کرنہٕ ۔ وارِیاہ آیہٕ بےٚ گُناہ مارنہٕ یِم نہٕ پنٕنہِ مٮ۪شرِ نِش ژھینہٕ آسی یِژھان گژھنی تِمن کوٚرکھ گوٗلیو سٟتۍ بُتھِ پار ۔ ژوٚہ پاٹھۍ دوٚتھ بابا سار ۔ یہِ چھُ کٲشرِس توارٟخس منٛز اکھ بوٚڈ بارٕ المیہٕ ۔ ہتہٕ بدٕ ینٛ ژوٚرِ ہِنٛیَن ہُنٛز بٮ۪یمِہٕ برادری، کلچرٕ تہٕ مِلہِ چارٕچ رِوایتھ بیٚیہِ بیٚنہٕ پیٚنہٕ اُہرتھ ۔ یہِ انسان سوز منظر وُچھتھ کوٚر سمارن ژراہہِ ژراہہِ ۔ یِمو ہتم زدٕ لوکو جوٚم، اُدھمپور، دہلی تہٕ ہِنٛدوٚستانکہِ باقیٚ علاقن منٛز پناہ لوٚب تِمن پیٚیہِ خانہٕ بدوٚشن ہُنٛز زِندگی بسر کرٕنۍ ۔ یِمن خانہٕ بدوٚشن منٛز آسی بےٚ شُمار شاعر، اُدیب، فن کار تہٕ دانشور تہِ شٲمِل ۔ کیٚژھس کالس کۆر یِمو خوف، دہشت تہٕ پریشٲنی سٟتۍ خاموٗشی یِختیار ۔ اماپوز کیٚنژہہٕ کالہٕ پتےٚ ہیٚژ یِمو قلمکارو بیٚیہِ پنٕنٮ۪ن خیالن تہٕ تجربن ہُنٛز باوتھ کرٕنۍ ۔ بقولہِ ڈاکٹر شانٛتؔ ؎

"اتھ صورتِ حالس منٛز یُس نثری اَدب لیکھنہٕ آو تتھ کیٚس پس منظرس منٛز رُڈ د زِنٛدگی ہُنٛد ٹیٖچھر ہمیشہِ موٗجوٗد" ۔ ؎

کٲشرٮ۪و افسانہٕ نِگارو تہِ لیوٚکھ اتھ دردناک موضوعس پیٚٹھ ۔ اماپوز خوف دِ جرائسک اوس یوٗت زال وَہراونہٕ آمُت زِ یِمو ہیٚچ نہٕ سیٚدِ سیوٚد پنٕنۍ کتھ یِرن والیٚن تام واتنٲوِتھ بلکہِ کۆر یِمو علامتو تہٕ استعارو سٟتۍ پنٕنٮ۪ن خیالن ہُنٛز باوتھ ۔

کٔشیرِ منٛز یِم افسانہٕ نِگار آسی تِہنٛزِ پریشٲنی آس بیٚیوٚن ۔ بم، کرفیو، کریک ڈاؤن، تہٕ بوٚنٛدوٗق بیٚیترِ بنیوو تِہنٛدِ خاطرٕ زِنٛدگی ہُنٛد مَعموٗل ۔ یِم کٔشیرِ منٛز کڈنہٕ آیہٕ تِہنٛد دود اوس بیٚیوٚن اکِ طرفہٕ پنٕنہِ مٮ۪شرِ ہُنٛد ژھینہٕ گژھنُک تہٕ دوٚیمِ پاسہٕ شوٗرشہِ اندر ہیٚنہٕ یِنُک ۔ یہِ موضوع یِمو افسانہٕ نِگارو اکِ یا بیٚیہِ رنٛگۍ ورتوو تِمن منٛز چھِ ہری کرشن کول، اختر محی الدین، رتن لال شانٛتؔ، امر مالموہی، ہنسی نِردوش، ارجن دیو مجبورؔ، اوتار کرشن رہبرؔ، گلشن مجیدؔ، غلام نبی بابا، اوتار کرشن رازدانؔ

دڑھ وائٹجہٕ ستہٕ اشر افسانچ خدمتھ تہٕ اتھ ہاوکھ نوو وتھ افسانہٕ نِگارن ہنٛدِس اتھ سکاروانس ستہٕ گرپھہٕ پیٚیتہٕ تہٕ کینژو نوجوان افسانہٕ نِگارو شمولیتھ۔ یمن منٛز عابدہ احمد، شمس الدین شمیم غلام محمد زاہد، شام لال سادھو، اوتار کرشن رازدان تہٕ رتن لال جوہر مُشد ناو نیٚوِ ہیٚتھ ہیٚوَن لایق چھُ یِہوے چھُ ہمکال ستہٕ اشر افسانہٕ نِگاری ہُنٛد سرآغاز۔

ہرٛدے کول بھارتی چھُ ییٚمہِ دورکین افسانہٕ نِگارن منٛز اکھ قابلِ قدرٕ مقام تھاوان۔ بقولِ ڈاکٹر برج پریمی ـــــ بھارتی چھُ ستٲنی واحد افسانہٕ نِگار یِہنٛد آہنگ Realistic چھُ ـ یِہنٛدِ بیشتر افسانہٕ چھِ علامتی تہٕ اِہِ سنٛدین افسانن منٛز چھُ ہنٛدوستٲنی، یوٗنٲنی دیو مالا تہٕ اساطیرُک اثر نہٕ ذرٕ ہٹھی گژھان۔ یِم چھِ کُنہٕ کُنہٕ چیشمہٕ شعورچ ٹکنیک تہٕ استعمال کران ییمنیک مرلبس منٛز ورجیناولف تہٕ جیمس جوایس تصور دیٚت۔ اُردوس منٛز کوٚرِ یہٕ تصور پانہٕ ناوٕنک تجربہٕ سجاد ظہیرن پننہٕ ناولہِ "لندن کی ایک رات" منٛز۔ یہٕ کتھ چھِ ییٚتھ دژھنادٕ ضروری باسان زِ اختر محی الدینن بیٚتر اُسی کُنہٕ کُنہٕ یمو منٛز کینژہٕ تجربہٕ گوڈٕ ے گرِ منٛز امانوز بھارتی ہنٛدین افسانن منٛز چھِ یِم تجربہٕ ٹاکارٕ پاٹھی ننٛی دِوان۔ یِہنٛدِ پلاٹ مکالمہ تہٕ ہُنٛز زبان چھِ یِہنٛدین معاصرن نِش بیٚون۔

فاروق مسعودی تہٕ چھُ اکھ تھٔکن لایق افسانہٕ نِگار یِہنٛدِ افسانہٕ تہٕ چھِ باسان عمرٕ گھٹہِ تکی ترجمان۔ بشیر اختر سُنٛد ذِیاہ چھُ تِہنٛدین معاصرن نِش بیٚون۔ یہٕ چھُ علامتی اسلوب پانہٕ ناوِتھ پننین افسانن منٛز پنُن اوند پوکھ ژاران تہٕ پرن والین قایل کران۔

۱۹۹۰ء پتہٕ بنییہٕ سانین افسانہٕ نِگارن ہنٛدِ موضوع زندگی ہنٛدین مسلن ستہٕ ستہٕ کشیرِ تہٕ اکر واتاتھ تکیاز انتہا پسنٛدی وٕول ساری ہے کشیرِ نال۔ لچھ بدٕ لوکھ آیہٕ

چھِ کأشِر بٹہٕ سُند دود بادنہٕ آمت۔

امر مالموہی ہِندِ افسانہٕ "لگنہٕ چیپرِ" ہُند ذِکر تہٕ چھِ لازمن ہیان۔ یہ افسانہٕ چھُ بییہ اکِ دُشوار گُذار مرحلچ عکاسی کران یتھ منزِ اکس کأشرِ بٹس پتی مَوواریاہو وریو پیٹھہٕ کرایہ مکانن منز نیرن چھِ پیوان۔ امہ افسانس منز نہ چھِ کشیرِ منز بٹہٕ کٕنچ داستان وِرثٕچ گرشھان تہٕ نہ گوڈیِن تہٕ بمن ہُنز آواز کنن پیرِن کران بلکہ چھُ امیک موضوع سوٗن تہٕ ستِن لایق۔

لگنہٕ چیپرِ ہِند فوٹو لینی خانہ ڈرک "دسلابہ اکھ مکانہٕ واجینی محض امہ معمولی چیپرِ خاطر پھِٹراوِتھ ژھعان زِ مکانچ لب کُر کرایہ دِرن کُیل ٹھکنہٕ ہتی خراب تہٕ تس منز خانہ ڈرس مکانہٕ خالی کرنچ دمکی دِوان۔ امہ افسانس منز چھِ اکھ عجیب ذہنی کشمکش لبنہٕ یوان یُس سہ پَرن والِس مُتأثِر کرنہٕ ورأے چھِنہٕ تہٕ روزان۔

رتن لال جوہر سُند افسانہٕ "آش تہٕ وِسواس" تہٕ چھُ قابلِ توجہ۔ بظاہر چھِ یہ اکھ سیوٚد ساد افسانہٕ اما پوز جوہرن طنزیہ لہجہ تہٕ شمر سُند مخصوص اسلوب چھُ امہ اکھ جاندار افسانہٕ بناوان۔ بقولِ ڈاکٹر رتن لال شانت ـــــ جوہر سُند فن چھُ لوہنہٕ تہٕ سہ چھِ مبالغہ آرأیی یا بیان بازی ورأے کتھ وَنان ـ اَمی سُند بیاکھ افسانہٕ "سوچنِ مُراد" یُس اکتوبر ۱۹۹۵ء اندر شایع سپد تہٕ چھُ شانت صأبنِ امہ رایہ تصدیق کران۔

کینہہ مثالہ

۵۔ نَوسُل غردول توٚر الپور تہٕ جل گَژھ سپھو لوٚنہٕ مُتھ والپس۔ دروازٕ اُژِ وُن ترأوِن بورڈس کُن تہٕ اکھ نظر۔ گأنٹہٕ کھنڈ گو تہٕ نیبرِ کِنہ گوٚ کیاہتام کرکہٕ ناد ہیتو ـــــ

رتن لال جوہر، غلام نبی شاکر تہٕ شمس الدین شمیم بیتر شامل۔ یمٲو منز ذٕہٕس دوران لیکھنہٕ آمتین کینژن نمایندہ افسانن منز چھ کشیرِ ہنٛد دِل دوز منظر ووتہ تلیوٗمت چھُ، چھےٚ یم۔

اختر محی الدینن افسانہٕ "جلہٕ ہنٛد دٔنٛد پٔہلی" چھُ کُمفیوبک فضا برٛونٛہہ کُن انان تہٕ کشیرِ منز فوجی بے ضابطگی ہنٛد اکھ دردناک منظر پیش کران۔ یہ چھُ اکھ طنزیہ افسانہٕ یُس ۱۹۹۰ء پیٹھٕ رونما سپدن والین حالاتن پیٹھ اکھ چپانہ چھُ۔

ہری کرشن کولن افسانہٕ "بیتھ راز دانے" منز چھُ موہن جی سنٛزِ کردارٕ ذریعہ اکِس بیٹھ شہر پریشانی تہٕ کسمپرسی بیان کرنہٕ آمٕژ یُس دِلہ ہنٛدین اُنٛتھ رٔوس سٔڑکن تہٕ بس نمبرن ہنٛدین چکرن منز راوان چھُ۔ یہ افسانہٕ چھُ Identity crisis ہنٛز علامتھ۔

اوتار کرشن رہبر سنٛد افسانہٕ "ژھاے" تہٕ چھُ پرن والین متاثر کران۔ اتھ افسانس منز چھُ دہلی ہنٛزن ژیچن تہٕ یڈین سٔڑکن پیٹھ بےٚ گرٕ بیٹھ پننہٕ بدنصیبی پیٹھ اوش ہاران یمیس اکہ طرفہٕ چھُ مالکِ مکان کمرٕ خالی کرنک الٹی میٹم دوان تہٕ بییہ طرفہٕ قسمہٕ قسمکہ شرایط تھاوان۔ گرٕ آسِتھ بےٚ گر گژھنک یہ عذاب چھُ امس پُشراونہٕ آمُت۔ امس چھےٚ اپنین برٛونٛہہ کنہٕ تمہ ژہر تہٕ دوہ پھیرِ پھیرِ پوان یم اتھ برٛونٛہہ کشیرِ منز پننہٕ سارٕ ہیے وٲتِسہِ گذارِ ہمتی آسی۔ امالیوز یم ژہر تہٕ دوہ دوہ امہٕ سنٛزِ خاطرٕ خاب بنیمتی اس۔ یہوے چھُ امہِ افسانک لُب لُباب۔

ارجن دیو مجبور سنٛد افسانہٕ "ہارس تہٕ گوٗرن وٕنٛد" چھُ گرمہ کرایہ ستی اکِس اڈٕ دد پوشہٕ گجرِ ہنٛد دیہاتی توازن راونک منظر برٛونٛہہ کُن انان۔ یہ چھےٚ تہٕ فقط اکِس پوشہٕ گجرِ ہنٛز کہانی بلکہ چھےٚ واریاہن تمن پوشہٕ گُجن ہنٛز یمہ جونمہ، اودھمپور تہٕ دِلہ ہنٛدین ٹینٹن منز عذابٕچ زندگی بسر چھےٚ کران۔ مجبور صابن "سوہ بوٗنٛد" افسانہٕ تہٕ چھُ پرنہٕ لایق۔ اتھ منز تہٕ

ژھاے — اوتار کرشن رہبر

یمو علاوٕ چھ رتن لال شانتن افسانہٕ "کھے" بنسی نردوشن "فراق" امر مالموہی منٛد "تاپہٕ نٔژ" "گلشن مجیدن" "بہٕ تہٕ اکھ کنھا" غلام نبی بابا تہٕ شمس الدین شمیم صابٕن کیٛنہہ افسانہٕ بیٛمہِ دورک نمائندٕ افسانہٕ یمن منٛز نہٕ صرف ۱۹۹۰ء پتہٕ کین دِل دوز حالاتن تہٕ واقعاتن پیٹھ نظر چھ ترٛاونہٕ آمٕژ بلکہِ زندگی ہیٛندین باقے مسائلن تہٕ دِل چھ دِنہٕ آمٕت۔

پتمِس دٔہلس دوران آیہِ کیٛنہہ نوٚو افسانہٕ نِگار تہٕ بارسس یمو وٕژھ وٲلنجہٕ تہٕ کامیٲبی سان پننین تجربن تہٕ احساساتن ہٕنٛز باوتھ کٔر۔ یمن منٛز چھ وِجے مام، موہن گلاٹی، ویریندر پٹواری، ادم کارکول، مشتاق احمد مشتاق، محفوظ جان، اماق عزیز بیتر قابلِ ذکر چھ۔

ہم کال کٲشر افسانہٕ چھ ترقی ہٕنٛز وتہِ پیٹھ گامزن۔ یہٕ چھ رلوایتی افسانہٕ نِش بیوٚن — امیک سفر چھ جاری۔ اگر علامتن، استعارن تہٕ عمر آگہی ستی ستی یہٕ زبانہِ ہٕندس ورتاوس سیتھے کٔنہہ کام ہیٚیہِ تہٕ شہ دعوہ چھنہٕ دوٚر بیٚیلہِ یہٕ پننہِ منٛزلِ واتہِ۔

او بُڈھے ! اِدھر آو ـــــــ امہِ پتہٕ وون کرٕکہ

جل وُژھ گٔی دوٚرِ تہٕ سڑکہِ پیٹھ وچھُن بیاکھ اکھ فوٗجی افسر تہٕ پرٕژھُنس ـــــــ

کیوں مار رہے ہو میرے پتاجی کو۔ تُمہارے ہی افسر نے اِس کو سڑک پار کرنے کی اِجازت دی ہے۔

"جلہٕ ہیٚنٛدی دٔنٛدٕ کھیٚلی" ۔ اختر محی الدین

٥ ۔پوشہٕ کُج اُس پانٛژ سٔتھ وُرِش ۔ سفید شیٚن مس تہٕ سارِی پیٚٹھ تِھچِس گیٚنٛزو اوش کورمُت۔ سوٚ اُس وَنہٕ وُژھ ہِژ زنانہٕ ہِش باسان۔ تس اوس چیٚرا اکھ پانٛژ کرِ پلوٗ ناٚلی کلک مس اوسُس اوٚرٕ یوٚر نالکی پانٛژ ولینہٕ آمٕت ۔شیر بَبر ہِش پوشہٕ کُج اُس آخری دمن پیٹھ تہٕ اوٚک کرِی تاٚد خانس مَنٛز ہیٚنہٕ آمُت۔

"ہارس تہٕ کوٗرِ نا وَنٛدہٕ" ۔ ارجن دیو مجبوٗر

٥ ۔یمن ولہٕ ہیٚنٛزن زیٚٹھن تہٕ بڈِین سڑکن پیٹھ آسن پیٚترٕ مین پانٛژن وُرِین دوٚران پینہٕ مٔے تہٕ میانہٕ ژھایہِ کشیرِ پیٹھ ہجرت کٔرکٕ نٔل وادہٕ گرد ژاپ ہِشہِ۔ یہٕ وُزہِش تہٕ ٹیکلی گرِ ہٕ چھیرِ عارقہٕ شرانٛس مَنٛز عجیب بدلبِے یاد کران ۔ اِنسان چھُ دِہان رٕومس مَنٛز داتہٕ ہاتہٕ اتہٕ نیبرِ پیٚہ۔ تے پیو کشیرِ ہٕنٛد جانٛدٕ بیٚیو نیپہٕ نیپہٕ کرُن ونہٕ دولمت یِنہٕ ژہتس۔ بونِین ہُنٛد شیہجار تہٕ دپر دارِن ہُنٛد لوٚبہٕ وُن ٹھنڈٕ ہوا یاد ۔ عجیب دگ دوٚہ تِلیم ۔ جگرس لوٚگُم ہیرِ یون روٚ کُھل ـــــــ مٔلہٕ تلہٕ چھِپہٕ گرِ محض بس ژوٚن لبن ہُنٛد ناد ۔ گرِ چھُ تِہنٛدِ مخصوص ماحول ناد یِتھ مَنٛز اکھ زٕوٚن پرٕتھانا تہٕ اکھ خاص پچھان تہٕ پانہٕ نیار پراوان چھُ۔ علمدارؒ وَنان گم وٚنٛدبے گرِ ساسا پرِ نیبرِ بے نہٕ زانہٕ۔ گرِ راوُن چھُ بوٚڈ ظُلم تہٕ کوہ ہنہٕ ہتم۔ ٥

لایق بناوَن واجِنۍ شاعری ہُنز۔ یِتھے پٲٹھۍ چھِ وَنان زِ قدیم عربی شاعرن ہِنز خاص سٲم آس قبٲلی دُشمنَن پیٹھ تمہٕ آیہِ طنز وٲنۍ یتھ زِ جنگہٕ برٕ وَنِتھے سَپدِ ہے تِہنٛدٕ حوصلہٕ پَس۔ قدیم ہِندوستٲنۍ ادبس اندر چاہے سُہ دیومالٲیی اَدب چھُ یا عوٲمی ادب، تہٕ چھِ تٔتھ بِسیار مِثالہٕ میلان یِمہٕ تلہٕ یہِ چھُ نَنان زِ اَکِس یا بیَیِس شکلِ منٛز اوس کینٛہہ کٔڈِن وول طنزیہٕ لہجہِ ورتاوان۔ اَیرلینٛڈکِس اَدبس منٛز چھِ وارِیاہ ذِکرٕ تھٔوِمٕتۍ طنزیہٕ شاعرن ہِنٛزیم پنٕنہِ طنز آمیز شارَو سٟتۍ دُشمن سٕنٛد فوج جنگہٕ بروٗنٛہہ تیٖتھ تاہ رُسوا آسہٕ کران زِ تِم آسہٕ نہٕ یہِ رُسوٲیی برداشت ہیکان کٔرِتھ تہٕ آسہٕ پنٕن پان ختم کران۔ وقتس گۆو زمانچِ تبدیلی سٟتۍ سٟتۍ بدلیوو باقے تخلیق کارن ہِنٛدۍ پٲٹھۍ طنز نِگار سٕنٛد ہاوٕنٛہہ طریقہ تہٕ نہٕ انسان یا تسٕنٛدِ دِسہِ سپدیمٕتۍ عمل آیہِ تمہٕ آیہِ کھُہرنہِ کھالنہٕ زِ سُہ مارِ نہٕ پان بلکہِ مارِ پنٕنۍ غلطِیَن، کوتاہِیَن تہٕ کمزوریَن۔ انسان چاہے ساد منش آسہِ، ادیب آسہِ یا فن کار، حکمران آسہِ یا محکوم، آسن وول آسہِ یا نہٕ آسن وول، چور آسہِ یا چیٖور، نادان آسہِ یا دانا سُہ چھُ پننۍ سٲتھہٕ تہٕ عمل کرنس دوران زانِتھ ماننِتھ یا وِشفِ غلطین کوتاہین تہٕ اپرن ہُنٛد مُرتکب سپدان روزان۔ اَتھ وۄنکہِ بنٛدِ چھُ بشر۔ اَمِس نِش غلطی ہُنٛد توقع نہٕ کرٕن گوٚ اَمِ سٕنٛد چاروٲیِس نِش بدۄن آسنس انکار کرُن۔ انسانے چھِ زٕ ۆر نہِ تہٕ ساد تہٕ۔ سائنسہِ ہِنٛدِ کھوٚدِ منٛز اَچھُر والو سٟتۍ کوٚنڈ کٔڈن وول تہٕ نہٕ ژھیپھ دِتھ ہیتی کنہٕ شراکھ لوہ ڈاون وول تہٕ تہٕ اوکنہٕ چھُ طنزک موضوع تہٕ یوٚہے تہٕ اتھ حظ تُلن وول تہٕ یوٚہے۔ ظلطِیہ، فند بازی تہٕ اپھیر یوٚت تام

رتن لال جوہر

# ہم کال نثری ادبس منز طنزیہٕ لہجہٕ

ییٚنہٕ پیٹھٕ اِنسانا فکرِ ہیوٚ تہٕ پننہٕ تجربات ، حادثات تجزیہٕ تہٕ کراماژ ہیٚژن بادنہٕ تنہٕ پیٹھے رٗود تس کیٚنہہ کڈن وول تہٕ سہ باقین برونٛہہ کنہٕ اَنٛنس لایق بناون وول اَکس یا بێیس شکلِ منز ژھایہٕ ہیٚندی پأٹھۍ پیتٕ۔ چونکہِ تجربات تہٕ حادثات بیتِر بادۍ بنیوو باضابطہ اَدب تہٕ یہ اَدب سٕپُد یِرتھ کُنہٕ زبانۍ اندر گوڈٕ گوڈٕ شاعری ہتی شورو لہٰذا لاج أمۍ چالاکن نہٕ شاعری اَندرے کیٚنہہ کڈنۍ مگر اَتھ باوتھ اَس تیٚژاہ پُراثر زِ یہ نہٕ آیہٕ تخلیقی اَدبچ اکھ صِنف تسلیم کرنہٕ۔ اتھ آو "طنز" ناو دِنہٕ تہٕ یہ باون یا لیکھن والیس پیو طنز نِگار ناو۔

دیان گوڈنکۍ یونانۍ طنز نِگار آرکی لوکس لیٛوکھ ستمہِ صدی قبل مسیح ہس اندرِ لکمبس مُتلق تیٚژاہ پُراثر تہٕ تُرُش نلن وول منظوم طنز زِ سُہ سپُد پنن عیال ہیتھ خودکشی کرنس پیٹھ مجبور۔ امہِ پتہٕ اکھ صدی ژٕھن تمہِ وقتہٕ کیو مشہورِ زمان سنگتراش بُپالس نہٕ اییٚقینس پنن پان تمی وزِ ثروٹھ بیٹھے، تمو ہپونکسہٕ ڈسہ پانس مُتلق لانہٕ تانہٕ کرن واجینہٕ نہٕ تم دوٚیمین برونٛہہ کنہٕ اَنٛنس

مزاحیہ شراے ووہ ثلاوتس ستی ستی نتہ اندر پوشیدہ غلطین، کمزوریین تہٕ منفی رجحانن کُن تہٕ توجہ پھیرِ۔ طنزس ستی مزاح آسُن چھُ لازمی نتہٕ بنہٕ یہٕ فقط ہزل بازی تہٕ پلیہ پام پیٹھے پاٹھی ہیکو نتہ مزاحس تہٕ چاٹہٕ گری تہٕ ٹسنہٕ بازی ونتہ تیس طنز نشہٕ آزاد آسہٕ۔

طنز نگار ہیکہٕ سوٗ شرتہ کاتھہٕ ژھوہب ورتاوِتھ یوسہٕ معتبر آسنس ستی ستی اخلاقہٕ کین دایرن اندر آسہٕ۔ یوٗت تام طنز فقط منظوٗم اوس توٗت تام اوس تہٕ طنز نگارس تیتیاہ وسیلہٕ دستیاب یمو ذریعہٕ طنزیہ لہجہ ووتلاوِتھ ہیکہٕ ہے۔ زیادٕ کھوتہٕ زیادٕ آسہس شاعری، پیروڈی تہٕ ڈراما ہتی بارہٕ نگر وردس مگر نثر بارسس پنس ستی ستی بڈیوو تُسند کنواس تہٕ تہٕ واتناوِ برکہٕ وسیلہٕ تہٕ۔ تیس روز ووہٕ فی بسیار نثری منفہٕ مثلن نثری ڈراما، دیتر تہٕ محاور، انشایے، افسانہٕ یادٕ پھیری یعنی سفرنامہٕ، رپورتاژ مانولاگ، پاٹھہٕ تہٕ طنزیہ خاکہٕ آیتن۔

اکھ کتھ چھِ صاف زِ طنزک موضوٗع چھُ فقط انسان تہٕ تسُند عمل۔
ڈاکٹر شفیع شوقن یہ ونُن زِ طنزک موضوٗع چھُ فقط انسان تہٕ تسُند کینہہ، چھُ حقیقتک اکھ اند گاشراون پیٹھہٕ زن امیک بیاکھ اند انسانہٕ سُند عمل چھِ۔ تکیازِ انسانس ستی ستی چھِ تسُند عمل تہٕ ہمیشہٕ باعث توجہ روٗزمُت۔ مثلن ادیبہٕ سُند ادب، افسر سُند حاکمی، یارہٕ سُند دُشمنی، دشمنہٕ سُند یارانہٕ، ظالمہٕ سُند ظلم، مختلف ادارن ستی وابستہ نفرن ہُنز سکارگردگی، ڈل ہٹھین ناجایز قبضہٕ کرُن، اخبارو ذریعہٕ من گڑت خبرہٕ تہٕ تبصرہٕ شایع کرُنۍ یا سیاست دانن ہُنز ریاکاری ژھلہٕ بازی تہٕ مکاری بیترِ۔
ووہ یوٗت تام کاشرس نثرس منز طنزیہ لیچک تعلق چھُ تتھ متلق

تِس تام محدوٗد روزن توت تام چھےٚ طنز نگار سٕندِ سکانٛہہ تہٕ رول اَمالیوٗزِتھ
تِمو سٕنز سکانٛہہ تہٕ عمل یا تِمہ سٕند بذاتِ خود آسنُے باقین ہٕنٛدِ خاطرٕ مسلہٕ بَنہٕ
رٕژھتھ چھُہ طنز نگار سورچہٕ سَمبالان تہٕ اورکن ظوٗن سپران سہٕ تہٕ اسأوِک اسأوِک - یہٕ
ظوٗن سپزٕنِک چھُہ زٕ طریقہٕ - اکھ گو سیٖدٕ سیٖود دانایہٕ ڈِہرٕ بنٛتھ مخاطِب سپدِتھ غلطی کرن وول
سمجاوُن یا تِس لانہٕ تانہٕ کرٕن پوٗزٕ یہٕ طریقہٕ کار چھُہ مُشرکری زٕنم دِوان - چاہے موٗل
نیٚچوٗ س غلطی کٔرِ چاہے یار یارس یا ہمسایہٕ ہمسایس ، امیُک نتیجہٕ چھُہ منفی نیٖرنُک
ہمیشہٕ احتمال روزان - دوٚیم صورت چھےٚ زِیم غلطیہ ، کہٕ ہتایہٕ تہٕ تنگگری تِمہ آیہٕ نہٕ کٔڈنہٕ
زٕیمن ہٕنٛد مُرتکب سپدن وول بنہٕ اسنس لایق - کانٛہہ شخص یا تِمہ سٕنز عمل اسنس
لایق بناوُن چھُہ سماجس اندر سہٕ سزا یٖمہٕ نِشہٕ بَڑتھ کانٛہہ باہوش تہٕ ذی شعوٗر انسان
بچُن چھُہ یژھان - پوٚپ سٕندِ قوٗل چھُہ زِیس تہٕ کانٛہہ شرم یا اِحساس اَتھس متلق
گٔژھہ تِمہ طریقہٕ باوتھ کرٕنٛ ییٖتھ سہٕ اسنس لایق بنہٕ - یہٕ اسنُک موضوٗع بنن کھسیاوِ
تِس یا تہٕ زہر نتہٕ کرہٕ تہٕ یٖمہٕ ستۍ دوٚیمن دداہ یا آزار واتہٕ -

اسنس لایق بناونہٕ خاطرٕ چھُہ کانٛہہ تہٕ شخص یا تِمہ سٕنز عمل پننہٕ آسنہٕ
کھوتہٕ وارِیاہ تھٔزٕ نتہٕ سیٚٹھا کم پایہٕ پیش یوان کرنہٕ - مثلن اکِس بزرگ شخص
سٕندِ کانٛہہ کار ییٖمہٕ طفلانہٕ حرکتھ قرار دِنہٕ تہٕ طفلہٕ سٕنٛزٕ بزرگانہٕ یعنی کاو آٹھ
ڈٕہرٕ تہٕ کاو بچہٕ شیٚٹھ ڈٕہرٕ ہش ہٲش کرنٕ - اَتھی چھُو ادبی اِصطلاحس منز طنز
ناو - لہٰذا ہیکو اسۍ وٕنِتھ زٕ طنز نگأری چھُہ سُہ فن یٖمہٕ کِنہٕ ذریعہٕ کانٛہہ تہٕ
موضوٗع مبالغہٕ آرأیی ستۍ پننہٕ آسنہٕ کھوتہٕ سیٚٹھا کٔس یا سیٚٹھا تھوٚد پیش کرِتھ

## ڈاکٹر ژھنان باکرکھوان

## مٔشید دیان زانہٕ چھہٕ یچھ

کاشُر نثری طنز چھُ پتہٕ وٕنہٕ یا تہٕ لکہٕ پاٹھٕرن اندر نتہٕ کُنہٕ کُنہٕ شایہٕ لکہٕ دٔلیلن اندر آسنچ شہادتھ پیش کران دوٚن گوٚو یہٕ باضابطہٕ اکھ ادبی صنفہٕ اختیار کرنک توارٕیخ چھُنہٕ تیوٚتاہ پرون۔ امِچ شرٗعات سپٕز جدید ادب بارسس ینہٕ پتہٕ تہٕ کیشرٕ کالی ییٚلہٕ طنزیہٕ ڈراما، اپسے تہٕ طنزیہٕ خاکہٕ تخلیقن ہیٚتِن سپدٕنی۔ امہٕ سلسلس منز ہیکوکھ اسی محمد زمان آزُردہ سٕندی اپسے پُشکرباہنی ہچاہٕ ڈراما یا موتی لال کیموٗ تہٕ محمد سُبحان بھگتنی پاٹھٕر مثالہٕ زنگ پیش کٔرِتھ۔ حالانکہٕ افسانن اندر تہٕ چھُ کُنہٕ کُنہٕ طنزیہٕ لہجہٕ وۆتلیوٚمُت۔ چوٗنکہٕ یہٕ موضوع چھُ ہم کال نثرس منز طنزیہٕ لہجس متعلق لہٰذا چھےٚ میانہٕ نظر یٔتمس دہلس دوران تخلیق سپدٕمتس نثرس پیٹھ۔ امہٕ دوران لیکھنہٕ آمتس نثری ادبس منز چھُ کٔشیرٕ اندر روزن والیو تخلیق کارو وٕرِہس لاگِتھ پٔرِہس کُن طنزیہٕ ترا یہ وۆتلاوِمژ ییٚلہٕ زَن کٔشیرٕ پیٹھ ڈرامیٚتو سپدٕ سپوٚد طنز چھُ کوٚرمُت چاہے سُہ ڈرامَن اندر چھُ اپسیہِن اندرٕ یا یادٕ پھیرِن تہٕ طنزیہٕ خاکن اندر چھُ۔ وجہٕ چھےٚ یہٕ زِ کٔشیرٕ اندرٕم لِکھاری ~~ہیوٚک~~ تہٕ زوٗلرزٕ کنہٕ سپدٕ سپوٚد باوتھ کٔرِتھ ییٚلہٕ زَن کٔشیرٕ پیٹھ ڈرامُت لِکھارِ پننی ینڈ پٔرن، گرٕ بار، کاروبار، عیش آرام، سبزارٕ تہٕ بوٗنہٕ شیہجار رادِنہٕ باوجوٗد ژوٗلرزٕ نِشہٕ نیچھ روٗد۔ ییتھ پاٹھٕر گوڈے ذِکر کرنہٕ آیہٕ زِ طنز گژھِ مزاح تہٕ پادٕ کرُن۔ یہٕ نظرِ تل تھاوِتھ ہیکو اسی وٕنِتھ زِ ژٔل پوٚشپرژ اپسے یا طنز پارٕ چھپنہٕ طنزیہٕ لہجہٕ وۆتلاونس منز کامیاب سپدٕمتہٕ۔ حالانکہٕ تیدادٕ لحاظہٕ چھُ نمہٕ سارِوے کھوتہٕ زیادٕ اپسے تہٕ طنزیہٕ خاکہٕ لیکھمتی مگر تس

بادنھ کرنہٕ بڑونھہٕ چھہ یہٕ وُنن ضروری زِ کاشرِس مزازس اَندر چھہ طنز ووف نلاونک تہٕ اتھ حظ تُلنس ستی ستی امہِ نیشہٕ ناوش تُلنک تہٕ عنصر موجود۔ کاشُر لکہٕ ادب چھہ گواہ زِ اَسہِ چھے طنزچ جان رلوٲتھ یتھ بِم کیٛنژہٕ دپنہٕ تاٰیید چھہِ کران۔ حالانکہِ مثالہٕ چھہِ بسیار سہ

۱۔ ہینگ آیم نہٕ تہٕ وُڑھرے چھس

۲۔ اکھ کھوت ہسہ تس تہٕ بیاکھ دوہ سہ

۳۔ یوت کھیکھ کُسہ تیوت پیکھ وسہ وسہ

۴۔ ژھوٗٹِس فیل وُٹِس شب۔

امہِ علاوٕ چھہ لکہٕ دلیلن، بانڈہٕ پاتھرن تہٕ خاص کرِتھ لڑی شاہن اندر پُر اثر طنزیہٕ لہجہِ نوون تہٕ ٹماکارٕ۔ تخلیقی ادبکہِ گوڈٕ کالہٕ منزٕ ہیکو کھ اَسہِ نُند ریوش عُرف شیخ نور الدین علمدارِ کشمیر یتھ کیٛنژہٕ شُرکِ طنزیہٕ ادبکہِ نموونہٕ زنگی پیش کرِتھ۔ مثلن سہ

رێش آسہ پیٛتم رێشی    نمن بیٛھ چند بنگہِ ین

منگنتھ کھارن وُشکے کوشی    تپ چرن پنھ ون

اَزکہٕ رێشی کیٛلک رێشی    ییمن ماز کھینس کم

کھاے زیٛتھ ون نشم نشی    اَکِس گوگُل بیٛیس کرم

نہٕ کھیتھ بیلہِ خداے مشی    زێشی ہے نوہِ تہٕ پتھ زُور کم

یا

ملاڈیو نٹھم ماشی کھوان

ہکس دپان یہٕ چُھہ کپھ

"بیٚلہِ وۄنُل جنڈٕ وول الیکشن زینان چھُ تمیٚ شُرٕ تہٕ کیٚنٛہہ نفر بٔہتھ سہ نفر ییٚمِس ہارٕ کانٛٹھ ہیٚو زٕیش اوس آسہ سبز جنڈٕ والین چھاٰرمہِ اسمانہٕ گٔرکہٕ دِیا دِیا لانہٕ تانہٕ وَنان یمو گوڈٕیمٕن سبز جنڈٕ والین ستی ہیکِتھ کاژرین کیٚنہٕ وُژُن کرِتود۔"

کاشُر قومچہِ عیاری تہٕ مکاری پیٹھ چھُ شمس الدین شمیمؔ "شہید مزار" افسانس اندر سُلہ صابنہٕ دُسر ملٹری والیس بروٗنٛہہ کنہٕ یہِ وُنِتھ طنزیہِ لہجہ وۄتلاوان ہے

"جناب! امن پسند — یہِ سیمنٹھ مکان واسطے — معافی آیندہ — پتا کیا تھی۔ گڑبڑ گڑھے گی — مگر — لڑکوں نے ہی ہم کی تباہ کی۔"

بیٚلہِ زن سُلہ صاب زانِتھ ماننِتھ رتہٕ کوچہ تہٕ یہِ دُپ زِ تہٕ لاشو پیٹھ وۄنہٕ تارِتھ اندری یکہ حالاتن ہنٛد برپور فایدہ تُلتھ پننہِ مکانکہ دوٚیمہِ پور باپتھ سیمنٹھ اوس ساران۔ یہِ مکاری چھے بیٚیہِ ہٕن نٔتی نیبران بیٚلہِ سُلہ صاب اَکس بۄندوٗق بردار جوانس نِش یہِ وُنِتھ پان چھُ بچاوان زِ یہِ سیمنٹھ چھُ شہید مزارہٕ باپتھ۔

بشیر اخترنِس افسانہٕ "حوائی حادثہٕ" ہس اندر چھُ تمہِ وزِ طنز وۄتلان بیٚلہِ ارندتی جان منٛس پیٹھ چھُ لوان تہٕ سوہ چھے پننِس خاندس موکھ زٕلِتھ بذاتی سارِنے آشناون کُن یہِ وُنِتھ باکھ ژھٹان ہے

"بنوو یتھ با اتھ تہٕ تماشہٕ — ہے افسوس! میانہِ بھگوانہٕ یتھ کوئہٕ وسان ترٹہٕ۔ ہاے پریشدہو! وۄلا مہابھارت ہا وۄتھے گرہِ۔"

دراصل چھُ اتھ افسانس اندر اَکِس وزان دار تہٕ بیاکھ وُشناوان اتھ صورتِ حالس کُن طنزن توجہ مبذول گژھان تہٕ یہے چھِ طنزٕچ کامیابی۔

چھِنہٕ طنزٕک وِل اتھ آمُت سۭہ چھُہ فقط ژُرکرِ دِنس تہٕ وادہلا کرنس اَندرٕ یوت کامیاب سپدمُت چاہے تِم "لکہٕ مۆت انہٕ گوٹ" یا "زیُون پۆن نہٕ مرُن" ہیوی اِلسے چھِہ یا "پھُن روزن" ہیوی طنزیہ خاکہٕ چھِہ۔ اتھ بر عکس چھُہ ظریف احمد ظریفس کامیاب طنز نگارٕ بنُنس خشی یہٕ بروٚنہٕ کُن یوان گوڈکِ تِمہٕ چھہ سٹھاہ کم طنزیہ خاکہ لیکھمٕتی۔ مثلن اَمی ہُنز طنز پارٕ "بیلہ ونن گُھر چھُہ یوان" منز یم سطرٕ۔

"میانہٕ بیٚمی پنُن کالِکرٕ وونہٕ ونیک۔ مانہٕ کیا سا بوزن وقتکٕ ڈسکو شہزادٕ یکو تہٕ پننہٕ وتھہ ہُند سۭہ سۆزٕ تہٕ باگٕ پورُت آے دُچھہ۔ از چھے سوہ قریہٕ وادن ہُنز واُنسہ ہیتھ تہٕ جوان وتھ بناسپتی لکہٕ راجحہ خاطرِ داٚری لژ تہٕ لاغر گرتھ سوٚز رآوہش ---"

یا

"خوجا کتھ کرژاہتھ، پنُن بروٚنہٕ چھے تہٕ لبنے یوان ---- ہینز ژے ڈیار وُتھ آسنے نہٕ کھوتہٕ دوہ گن آسہٕ شوٹس قرضہٕ ----"

اختر محی الدین سٕندین افسانن اندر نہٕ چھُہ کانہہ ننتہٕ کانہہ واقعہ یا کِردار طنز دوہ نلاوان۔ مثلن "الیکشن کاشُر طرز" افسانس اندر چھُہ عام کاشِرس سیاسی مرحس پیٹھ طنز دوہ نلان۔ کاشُر سیاسی psyche ہُند تجزیہ چھُہ از بروٚنہٕ ژکی پانژ تا پیچی دُری بخشی غلام محمدن یہٕ وُنتھ کورمت ژنس ہنز نہٕ چھِہ ساری کاشری تہٕ شیخ محمد عبداللہ ہس ہتی تہٕ یعنی کاشری چھِہ پرتھ کانٹہٕ ہتی۔ یم چھِہ یور گن رنیہہ تور گن ٹیکہٕ بیرنس منز ماہر۔ اتھ حقیقتس کُن چھُہ اختر محی الدین اتھ افسانس منز طنزیہ لہجِہ دوہ تلاوتھ ظلون پھران ؎

"کٔشیرِ منٛز چھُ شاید ہاکھے یوت ژٕ چیٖزٕ یُس پرٛتھ موسمس منٛز دٔستیاب چھُ
آسان۔ بیٚیہٕ کٔشیرِ منٛز اِنسان تہِ پُو نمٕہ موٗنگٕ تِمی دلیٖس دِوان ہاکھ تہٕ بتہٕ۔ اَدٕ منٛزٕ
مُنٛزِ یوٗدوے بتہٕ کامنٛز تہٕ کوٗرنس ہاکھ تھوونس دٔوبے دٔستیاب ----

ہاکہٕ وائِلس نِش نیرِ حساب روٗپیہٕ شُراہ بُدٕ جانٛگرس مَنٛز بیٚیہِ ترٛٹے
بوٗدرٕ تہٕ گرزنٛز پھِرِ منٛز بیٚیہِ ژوٗرٕ بوٗدرٕ تلنہٕ ادٕ سِیس بہٕ گرِکُن پکان —"

مکھن لال کنول چھُ "واو" اَفسانس منٛز اِنسانہٕ سِنٛدِ دٔسی جنگہٕ جنگ
ذریعہ قتل و غارتگ بازر لاگنہٕ علاوٕ ماحولیاتس پیٹھ زہریلہٕ ژادر ولنس پیٹھ
بے وایہٕ طنز کران ۔

"عراقن زٕ آلٕی کویتس ژلہٕ کرِ پلی۔ نارنا گڈ ژھیٹھ۔ واون نغاوُس زہر۔ رژیہہ
کھآجنس اَسمان تہٕ بُسر با گراوِنا اَندرٕ پکھی۔ دہس کٔرنا کنس تفہیم تہٕ کٔشیرِ وانتاوِتھ
کوٗرن کوٚہن تہٕ بالن، شہرن تہٕ گامن، واں کھلن تہٕ مہو باغن کرِیٹہٕ شپنک لیتھ۔"

یادٕ پھیرِ (نشیمرن) ادبی صنفہٕ نوٚو زُمو زیٚیتہٕ بخشن وٲلی پُشکر بھان صاحبن لیکھو
پُتّی مین وُرہینا دوران واریاہ یادٕ پھیرِ یِمن اندر تِمی پننہٕ پتھ کالٕچہ یادٕ پننس مخصوٗص
مزاحیہ طریقس اندر پھیرِ تہٕ تمہٕ وقتہٕ کِہن سیاسی کیو سماجی حالاتن ہٕنٛز منظرکشی
کٔرتھ اَزٕکِس حالاتن پیٹھ ورگہٕ پانٛٹھو طنز کوٚر۔

پُشکر ناتھ در سِندی افسانے "کتہٕ آسو کوت واتی"، "سکا کن ہاپتھ"، "اَنِم سوٚے
وُوم سوٚے" بیتر چھِ خاصکر تھ بٔڑ سماجس پیٹھ بھرپوٗر طنز کران۔ تمہ بٔڑ
سماجس یَس پنٛنہِ جغرافیہٕ تہٕ راو تہٕ تواریخ تہٕ چھُس فی الحال راوِس تل مگر

غُلام علی مجبورؔ چھُ بیاکھ لحاظہٕ طنز وونہٕ لاونس منز ظریف احمد ظریفس پتہٕ پٔتُن درجہٕ ژٕھراونس منز وارِیاہ کامیاب سپدمُت ۔ سُہ چھُ کتھہِ طوٗل دِنہٕ باوُجوٗد تمہ عامیہٕ پتہٕ کوٚہ بتایہٕ "کاشُر بولُن" پتہٕ رنگ بیترِ طنزیہ خاکن اندر اسنس لایق بناوِتھ ہیوٚکمُت یم تس اندرٕ پکھ ڈرٕیٹھ چھِ آمِتۍ ۔ مثلن "کوٗشُر بولُن" خاکُک یہ طنزیہ لہجہ ؎

"جدید تحقیقاتہٕ تلہٕ چھے یہِ کتھ ٹاکارٕ پاٹھۍ نتے ہش زِ ماجہ کٲشرِ ہٕنزٕ ہیٚتر چھِ گوٚہ نماتھ، قلم کار، ترجمہٕ کار تہٕ زبان دان ووہ پداوہٕ خاطر سیٹھا رژٕ ۔ بیٚتیک آب تہٕ ہوا چھُ مذکورٕ منوٗشن پھیکہِ پھیکہِ دوا ۔ نحوداگواہ چھُ یوہے وجہ زِ بیٚتِس چھُ فی دوہ یوٚ نفرو منز ڈوڈ نفر شاعر ----"

ہری کرشن کول چھُ پننہٕ ہنن افسانن اندر پاٹھۍ پہٕ "بٔنتہِ کھوٗدکھرِ ہاوِ باوس چھلہٕ چھانگرِ گاٹشن قدرن یا سمیس ہیتہِ ہنی لِتھ کھوکھرِ پکہٕ پنجہٕ ناکامی پیٹھ پانس طنز کران۔ مثلن "ہوٗنۍ" افسانس منز ییٚمہِ ساتہٕ مسٹر صدیقی پٔنٔنس کھوٚنہٕ منز ہوٗن أمِس کُن جیٚنپھ ہش ژٕھنان چھُ یہ چھُ تربران تہٕ پننہٕ ژلان تکیاز اَتھ ماڈرن ہوٗنۍ کلچرس چھُ نہٕ واقف ۔ مگر أمی سُند یہ بے جا ترہرُن دوٗر کرنہٕ موکھہ بیٚیلہِ مسٹر صدیقی أمِس فخرٕ سان وَنان چھِ زِ یہ ہوٗن چھُنہٕ ژپل یہ چھُ یہ ونتہِ پٔنُن کھوٗژُن ژوٗرِ تھوٚنچ کوشش کران ؎

"نیٚیلہِ آسہِ ہے مےٚ نالہٕ موٚرت کرنہٕ آمُت ۔ غلطی چھے میٲنۍ ۔ مےٚ تور نہٕ فکری ۔" "نہٕ ونہٕ لایکھ کتھ" ناوکہ افسانس اندر تہِ چھُ کول صاب برپور طنزیہ لہجہ پاداہ کران۔ مثلن ؎

گُنہٕ گُنہٕ چھِ وقتہٕ کِہن حاکمن کُن تہٕ طنٛزِ کرٕ تیٖر ترٛاونہٕ آمتۍ۔ تیٖر لگیا نِشانس
کِنہٕ نہٕ تہٕ کرٕ بیٚنہٕ وول سمۍ خاصلہٕ۔ اکھ کتھ چھِ شیٚقہٕ ز ادیٖب اکھ حسبہٕ آسنہٕ
بنز چھے طنٛز نِگٲری ہُنز کام تہٕ تِتھۍ پاٹھۍ پٔرزٕر تہٕ جانہٕ سکانٛچھ ہیتھ پاٹھۍ بلتۍ
اَدٕنچ چھِ۔

یُس سماجی بدنن وطن بدری دوران تہٕ برابر ہُرہ بُرگو کران ۔

کٲشرِ اندر یِم حالات ووٚتھ پیٚتِم واریاہ وری چلان رُودی، تِمو واتنوو کٲشرِس کلچرس تیُتاہ نقصان یُس نہٕ تلافی کرُن محال چھُ ۔ خاصکر سید "پانتھر" تہٕ یِہ گٔنڈن دول منٛز ژوہ داہمِہ صدی ہس سوی ہیٚنٛدی پانتھرِ روپوش ۔ کٲشرِ اُفقہ پیٚٹھ منٛزِ یِہ دِیِ نہٕ پوٚرِ پانتھرِ غائب گژھن اگر کٲنٛسہِ دگ تِہ نہٕ چھُ موتی لال کیمو ۔ کیمو صاب چھُ پانتھر مُعتبر تہٕ معیاری بناونک خالق تہٕ اُمی کوٚر یِہ رلوایتی ڈراما فارم مُلکی لکہ تھیٹرس تروٚنٛتھ کنہِ کوٚٹھی دِرِ راوِتھ اِستاد ۔ امی سٕنٛدی ڈراما چاہے لُکہ فارمس منٛز چھ یا جدید فارمس منٛز یِمن اندر چھُ موضوع تہٕ ٹیکنیک لحاظ سیٚٹھا سنہِر تہٕ اوِ کِنہِ طنز تہٕ ووٚنِ ساد آ۔

"ڈکھ بیٚیلہِ ژٕلن" ڈراماہس اندر چھُ کیمو صاب ماگُن تہٕ منٛزو دِس نہٕ صرف کٲشرِ ہِنا حالاتن پیٚٹھ بلکہِ کٲشرِ توٚنچہِ تہٕ خاصکر تِتھ یِمن منٛزن ہینٛزِ بے بسی تہٕ بے کسی پیٚٹھ بروٚر طنزیہ لہجہ ووٚتلاوان مگر ساروِے کھوتہٕ فن کارانہ طنزیہ لہجہ چھُ یِہ تازہ ترین ڈراما نگر ووداسی" ہس اندر پاد کرنس منٛز کامیاب سپدِمُت ۔ یِہ ڈراما چھُ کُنہِ صدی ہیٚنٛدین کٲشرین حالاتن ہینٛزِ آیِنہِ منٛزی اُزِچ کٲشر سانٛین اُچھن برٛونٛٹھ کنہِ نھاوان ۔

امہِ علاوٕ چھِ بییہِ تہٕ ڈراما نگار یِہنٛز ڈرامن منٛز اکہِ یا بییہِ رنگہِ طنزیہ شرارے ووتلاوِتھ ہیٚکی، تہٕ یِمن اندر ژٕن لال تلاشی سٕنٛد ڈراما "حالس چھُ پژارُن" عزیز حاجنی سٕنٛد "مزارِ شعرا" تہٕ غلام علی مجبور سٕنٛد "پانپُر چھُ جاری" بیترِ قابلِ ذکر چھُ ۔

نثرس پیٚٹھ بییلہِ وچھو ہم کال طنزیہ نثرس منٛز چھُ زیادہ یِہن کٲشر قوم تہٕ اُمی سٕنٛز عمل زیرِ موضوع رٕوزِتھ نہٕ زِ کانٛہہ مخصوص فرد یا ادارٕ ۔ ووٚن گوو

قدرن تہٕ جذباتن ہٕنٛز خوشبویہِ چھِ ETHOS تہٕ IDIOM وَنان۔ امہِ ایڈیم تہٕ ایتھاسک مکمل اِظہار چھُ فنِ ڈرامَس تہٕ کیازِ حرکات و سکناتو علاوٕ چھُ اتھ منٛز رنگ، ردِم، مۆسیقی تہٕ مُدرایِن ہُند دخل۔ عام پاٹھۍ رُود کاشُر تہٕ خاص پاٹھۍ کاشُر حساس ذہن اِظہارکس اتھ ذٔریعس پانٛسۍ ساسو ؤری پیٹھ پۆز کران تہٕ پۆزِ کس اَتھ نٕنجس منٛز داخ یہِ پرمپرا اَسہِ تام۔ کینٛژھا کِتابی شارن منٛز تہٕ ہیتہٕ بیشتر پاٹھۍ سپنہٕ بہٕ سپنہٕ۔ نیل مت پُران تہٕ راج ترنگنی منٛز درینٛج اِشارٕ چھِ گواہ زِ ڈراما تہٕ مۆسیقی ہنٛز پرمپرا اُس تہٕ عوامی سطحس پیٹھ مقبوٗل بلکہِ دربأری سرپرستی تہٕ راجہٕ مہاراجن ہنٛز ذأتی دِلچسپی کنہِ رُوز مۆسیقی تہٕ ڈراما پرتھ دورس منٛز کاشرِن ہنٛز سماجی تہٕ ثقافتی زندگی ہنٛز عکاس بنتھ پرتھان۔

نرتکین تہٕ کتھا واچکن ہُند وۆجوٗد Temple Theatu مۆجوٗد آسنُک اِشارٕ سوتہٕ ہیرِ جشن تمثیلن ہُند اہتمام تہٕ انعقاد، راجہ مہاراجن ہُند نرتکین ستی خاندر (راز چکر وارمن تہٕ رازٕ پرتاب دِتیا)، للتادِتیا سنٛز فنوٗنِ لطیفن ستی دِلچسپی، اِندر پربھایہ ہنٛز دربأری کُشیتھ پراوُن (رازِ للتادِتیا سُند دور)، رنگ منٛچ ژُنکھی دِوتا (Four Faced God) مأنِتھ پۆزُن، تارا، رتن مالا تہٕ دیپ مالایہِ سُند رس بھاوَن پیٹھ کمال تہٕ اداکأری ہُندی جوہر چھِ ڈراما پرمپرایہِ پتھ وتھ مۆجوٗد آسنہٕ کِس دعواہس ڈٔکھ کران تہٕ فنہٕ کِس عظمتس پتہٕ پتہٕ بخشان۔

دورِ بڈشاہی پتہٕ یَس جموٗد کلچرل سکار کردگی پیٹھ طأری سپد، ڈراما تہٕ آد تمہِ کِس زدس تل۔ اگرچہ حافظن تہٕ سازندرن رُود چلے جاد تاہم رُوز نہٕ ڈراماکرِ سپاد خاطر دربأری سرپرستی حاصل۔ دورِ غلامی دوران رُود کتھا واچکن تہٕ نرتکین ہُند کاشُر دخل تہٕ فن شناس گرن منٛز ین گرمُن تہٕ لوکٕ ٹین بڈین تیوہارن پیٹھ مۆسیقی ہُند اہتمام جأری مگر

مکھن لال صراف

# کٲشرِ نیبرِ سٹیج ڈرامٕہک نوٚو زنم

انسانس بیٚیمہٕ زبانٕ ہنٛد شبد تھپنہٕ بیوان پیوانی کنن آسہِ گومٕت نہٕ یتھ وچھس تٕمہ دوہ آسہِ چیوٗمٕت تمہ زبانٕ تہٕ وچھ وٕشینس منٛز چھہِ تہنٛد جذبات تہٕ سماجی قدرن مابین احساسات پٔرنھان تہٕ پوچھر لبان۔ یِم جذبات تہٕ قدر چھہِ عام پٲٹھۍ خاموش (DORMANT) آسان مگر حساس ذہنس منٛز چھُہ قدرن تہٕ جذباتن ہنٛد یہِ ناگراد اندرِ گرزیتھ شہ ناد بنان یُس یہِ حساس ذہن پانہٕ بوزان تہٕ چھُہ نہٕ لوٗکان تہٕ چھُہ۔ یہوٗے بوٗگُن تہٕ بوٗزُن چھُہ وارہٕ وارہٕ اظہارچ وتھ تلاشان۔ اظہارکۍ وسیلہٕ چھہِ وارِیاہ، مثلن رنگ، ردم، حرکات و سکنات، مٔزرٕگری تہٕ مُدرائین ہُنٛر سہٕ زبان یوٚسہٕ تہدار آسِتھ تہٕ انسانی قدرن، جذباتن تہٕ احساسن ہُنٛز سلیس زبانِ منٛز ترجمانی کرِتھ عوامی مقبولیتھ حاصل کٔرِتھ معاشرک مجموعی مزاز بنہٕ۔ سوٚے گیہِ رلوایتھ یا پرمپرا تہٕ یتھ پرمپرا یہٕ مُسلسل سادھنا تہٕ عمل ڈکھہِ آسہِ سوٚہ پرمپرا چھےٚ نہٕ مران۔

پرمپرایہٕ ہنٛدِس اتھ پس منظرس منٛز یوسہٕ کانٛہہ تخلیقی سٲدِش رنگ ردم یا حرکات و سکناتن ہنٛدِ ذریعہٕ استعمال کٔرِتھ وۄجوٗدس منٛز یوان چھہِ تتھ چھہِ تمی زمینہٕ ہُنٛز خوشبو آسان بیٚیتہٕ انسانن (تخلیق کارن) زنم آسہِ ہیوٚکمٕت۔ اتھ زبانٕ

ہؤتے وچھ REVIVAL سکام یِموقن کارِد تہٕ فن شناسو دردس بنیہٕ تمن منٛز اَسہ وَیدہٕ لال وکیل، جگن ناتھ ساقی، محمد شعبان، گوپی کشن ، محمد محیسن، صاحبزادہ عمہٕ شاہ، حسن شاہ اِنجینیر، رام ناتھ پوربیا، موہن لال شرما، کپتان رام کشن، بادھو لال داس، شمبھو ناتھ اوگرہ، کرشن جو بھان، سروانند غشو، مادھو جو پنجابی، کاشی ناتھ ایمہ، نند لال کول، ہری داس شُد اماجی کول، ٹھاکر داس جج، ایس۔ این۔ نندا، جیت رام چوپڑا، بالو کشن داس تہٕ حالے حیات ماسٹر جگن ناتھ شیو پوری تہٕ اننت ناگُک گوپی ناتھ بیتر۔ ۱۹۴۱ء پتہٕ آیہ سکاشرس ڈرامہس منٛز تمہٕ وِزِ بیتہ ہن تہٕ جدت یتیلہٕ غلام نبی دِلسوز، تاراچند بسمل، نیل کنٹھ شرما تہٕ نندہٕ لال کول ہی ڈرامانویس مارکس منٛز آیہٕ۔ دِلسوزُن شیرین خسرو، نندہٕ لال کول سُند ڈراما ستیچ کھوٹ، تاراچند بسمل سُند اکہٕ نندُن ستیچ وتھ تہٕ رام اوتار، نیل کنٹھ شرما سُند بِلوا منگل تہٕ پتہٕ پروفیسر محی الدین حاجنی سُند ڈراما گریسی مُند گرہ، ایس۔ پی۔ کالج کین پرتاپ میگزینس منٛز چھپن اوس پیش رفتس کُن اشارہٕ۔

۱۹۴۲ء پتے سپُد کشیر ہندین دوِن کالجن منٛز انڈین پیوپلز تھیٹر (IPTA) اسوسیشنک اثر کامیاب۔ تہٕ ہیتھ پاٹھ سپدِ دارِیاہ نوجوان ترقی پسند سوچس کُن رجوع تہٕ کیتہٕ نوجوان آیہٕ یوٚسہٕ فلسفہٕ ہیتھ فن ڈراماکس مادانس منٛز برونٛہہ کُن۔

آزادی پتہٕ یہٕ کیتھہ ڈراماکس ناوس ہیتھ رنا کارانہٕ اِدارہٕ ہندہٕ حوالہٕ ہیوٚد شُ اوس سماجی تہٕ سیاسی بیداری ہُند تھیٹر۔ شہید شیروانی (پریم ناتھ پردیسی) سوٚنا ہمسار (نور محمد روشن) پگاہ چھُ گاشدار (امین کامل) وزِ چھہ ساٗز (علی محمد لون) ڈالرصاب، تیرے بٹا زور، یاتن نتہٕ نژاکھ (پُشکر بھان) بیتر ڈراما اَسی سماجی تہٕ

ڈرامہٕچ رِوایتھ رُوٗز برابر توٗت تام وُنہٕ تلان یوٚت تام موٗجوٗدٕ صدی ہُنٛدِس آغازس پٮ۪ٹھہٕ کاشرِ فن کارو (Revival) رِوٲیتھ اَلم تُج۔ بےٚ شُمار ڈراما گرٛوپ تہٕ کمپنی آیہٕ بارسس ــ ۱۹۰۱ پٮ۪ٹھہٕ ۱۹۳۰ہس تام ییم گرٛوپ وُجوٗدس منٛز آیہٕ تِمن منٛز اوس AMATEUR DRAMA CLUB تہٕ۔ امِیُک دفتر تہٕ رِہرسل رُوم اوس گداور منٛدرس سٮ۪یدِ سیوٗد گاو کدلٕکِس بنٛڈس پٮ۪ٹھ واقع۔ گاو کدلہٕ چہِ زِ منٛڈی پٮ۪ٹھہٕ تار گرس تام اوس سارِے کھوتہٕ بوٚڈ تھیٹر۔ یہِ اُس لِمٹڈ کمپنی تہٕ اتھ کمپنی منٛز اوس اداکارن ماہانہٕ تنخاہ تہٕ دِنہٕ یِوان۔ امہِ تھیٹر کمپنی ہُنٛز رقابت اُس گاو کدلہٕ ہاوس بوٹس منٛز روزان تہٕ امہِ کمپنی ہُنٛدی ڈراما چھہِ مہاراجہ کشمیر، مہاراجہ آف الور، مہاراجہ آف جے پور تہٕ مہاراجہ آف جودھپورن تہٕ وُچھمتۍ۔ اتھ کمپنی اُس (ALFRED THEATRICAL) کمپنی لاہورس سعتۍ وابستگی۔

بٲیا کھ ڈراما کلب اوس سروتی ڈرامٹک کلب یُس اَزِکِس نیشنل ہسپتال کرن نگر سرینگرکِس احاطس منٛز واقع اوس۔

کشمیر تھیٹریکل کمپنی اُس FLOATING کمپنی تہٕ یہِ سپنز پتہٕ نیشنل تھیٹریکل کمپنی منٛز تبدیل۔ مہاراجہ ڈراما کمپنی اُس مہاراجہ پرتاب سِنگھ سٕنٛز سرپرستی حاصِل۔ آغاحشر کاشمیری تہٕ نارائن پرشاد بیتاب ہنٛدی ڈراما اُسہِ سارِنے کمپنین منٛز مقبول۔ کھلہِ جاین سپدِ ڈراما پیش۔ رگوناتھ منٛدر سرینگرُک احاطہٕ، اِسلامیہ سکوُلُک احاطہٕ، تہٕ اَزِکِس کنزالہٕ کھوڈ چوگُک احاطہٕ آسہٕ تم جایہِ یتِتھ ڈراما اُسہِ گِندنہٕ یِوان۔ اتھ وقتس دوران ییم ڈراما گِندنہٕ آیہِ تِمن منٛز آسہِ کیٚنٛہہ مقبول ڈراما ییم۔

زہریلا سانپ، کرشن سُداما، دیوی موہنی، مہابھارت، خوبصورت بلا بیتر۔

ہنٛز مُختلف تنظیمہٕ آیہٕ وۄجوٗدس منٛز۔ اداکارن ہنٛز نوٚو پوٚد آیہٕ بزٕدنہٕ کُن۔ سُدھار سیمتی
ناٹک وِبھاگ چہٕ کارکردگی منٛز آیہٕ شِدت۔ شاعر تہٕ اُدیب آیہٕ اکھ اکِس نکھہٕ۔ مُصوِرو تہٕ
مُوسیقارو کٔرِ پنٕنہٕ فنکر نوٚو تہٕ نوزُک گوشہٕ ننی۔ جشنہٕ کشیٖرُک اہتمام سپُد تہٕ اَتھی ستیٖ
سپنٛز آزٲدی پتہٕ کشیٖرِ ہنٛز کلہم عمارٔژ پرانہٕ بُنیاد پیٹھ نوٚو سرٕ تامیٖر۔ اَتھ تامیٖرس منٛز یِمو فنکارو
تہٕ فن شناسو سود تِمن منٛز چھہِ بیشتر حالے حیات۔
۱۹۸۴ء پتہٕ آو کشیٖرِ منٛز سیاسی ردِ عملُک تھیٹر وۄجوٗدس منٛز۔ (لفظ تھیٹرس منٛز
THEATER
چھہ ڈرامہِ ہیتھ، اسٹیج، پٲتھراد، ڈرامہ کرن وول تہٕ وُچھن وول شٲمِل)۔
THEATER of Political reaction
چھہ بُنیٲدی طور سمٲجی بہبوٗدی ہنٛد تھیٹر تکیازِ
یہٕ چھہ حکومت کین تِمن اقدامن مُتلِق عوٲمی ردِ عملُک ترجمان ینان یِم اقدام عوٲمی
بہبوٗدی خلاف آسن۔ یتھ منٛز اِستعمال آسہٕ کُنبہ پروری، رشوت خوری تہٕ طبقٲتی سطحی
پیٹھ فرق آسہٕ ورتاوس پیٹھ یا رواداری تہٕ وحدت نس رٔژنہٕ تراوِنچ کوشش آسہٕ۔ اَتھ دورس
منٛز تہٕ پتہٕ آیہٕ بر قرار۔ کشیٖر
تھلم یِم تہٕ ڈراما یا اوپیرٹیک ڈرامہ سپدِ تہٕنٛد ویچار چھہ ازتہٕ پتہٕ حایہ ...
ہمارا، بوٗتھ تیٖری زوول، ملٹزار، ہی مال ناگراے، نیکی بدی تہٕ بٔبیہ تہٕ واریاہ ڈراما
THEATER of Political
ہیہنٛز ذِکرِ ورٲے ڈرامچ توٲریخ نامکمل چھہ۔
reaction
کِس زمرس منٛز چھہ یا ہیو، تقدیر ساز، تقدیر، یہٕ چھس ژور، تلاش
انصاف، اکھ شیٖشہ، حرم خانک، آنہٕ، گیتہٕ ژٔنکر، ییس لگِ نس لگِ سرکٲری بیشتر ڈراما میلہ یکہ
ہٕنٛز کھیتھ تھاوان تہٕ یِم ین پتہٕ وٲلِس زمانس منٛز وِزِ وِزِ پیش تہٕ ین۔
مُختلف ہیئتہٕ کیو (FORM) تجربو منٛز تیر تھ تہٕ موضوعی اعتبار گوہ برگ ابتدٲیی

سیٲسی بیدٲری ہِنٛز اِشارٕ کران تہٕ یِمن ڈرامن ہِنٛدِس ہیٔتس (FORM) تہٕ موضوعی گوہرس متعلق بحث کرٕنۍ چھےٚ یتھ مقالس منٛز ممکن۔

کمال سبکتنہٕ سرپرستی منٛز ییم اَکھ گامکۍ بانٛڈ اوت تام ژھٹہٕ بٹہٕ ڈرامٕچ آسہٕ تہٕنٛز کارکردگی اَس اتھ دورس منٛز عشمقام، گوہن، کابہٕ مرگ، ہاکگل گونٛڈ تہٕ بِڈر حیات پورکین استھانن تام پھاَلیمٕژ تہٕ اتھ مقابلہٕ اوس بٹہٕ بانٛڈن ہُنٛد جشنہٕ اَکھ گامہٕ شوابھگوتی مندرکس احاطس تام محدود۔ مہانوی تہٕ چترنوی ٹیس جشنہٕ مادھورام بٹ (بانٛڈ) تہٕ اَمہٕ ہِنٛدِس نیٚچوِس سروانند بانٛڈ سٕنٛز سرپرستی منٛز سپدان اوس۔ دپان تہٕ اوس وُچھنَس لایق آسان۔ ۱۹۵۴ء پتہٕ سپدۍ کٔشیرِ ہِنٛدۍ ڈراما نویس، اداکار تہٕ باقی فن کار مختلف رضاکارانہٕ ادارن منٛز شامل۔ گژھتھ منظم تہٕ کٔشیرِ ہِنٛدِس بانٛڈ پاتھرس تہٕ لوگ وُسجار۔ کیمونسٹ تھیٹر تہٕ آدنُوس اظہارس منٛز برُوٹھہٕ کُن۔ سیٲسی تہٕ ذاتی اختلافو باوجود تہٕ رُودۍ فن کار موجہِ منٛز تہٕ سرکٲری یا غار سرکٲری ادارن ہِنٛدِس اہتمامس تل۔ یوسہٕ کلچرل کارکردگی یمن تتھ منٛز سپد ڈراما تحریکہٕ ہِنٛدِس صورتس منٛز نمودار۔ سرکٲری سرپرستی رُوز دستیاب تہٕ فن ڈرامہٕ ہن کوٚر عوامس منٛز فن شناسی ہُنٛد مزاج پاد۔ نمائش گاہ بنیوو کلچرل سرگرمی ہُنٛد مرکز۔ عوامی راجہ کِس عوانواحس منٛز اوس یہٕ ڈراما پرمپرا ہُنٛد نوو انبار تہٕ یہٕ انبار بنیوو کٲشرِ معاشرُک سُہ اَنہٕ ییتھ منٛز پرتھ کٲشرِس پنُن پان لبنہٕ آو۔ URBAN تہٕ Rural ڈراما خاطرٕ سپد موزون تہٕ موافق ماحول پاد۔ یہے، واتھورٕ، تہٕ پچھ گامہٕ پینٛٹھ اَکھ گامس تام لۍ ڈولس ژٕنٛڈ۔ بانٛڈٕ پاتھرن کٔر نوٚو شکل اختیار۔ یہٕ ڈراو مانگیہٕ نیبر۔ ناگام کین جشنہٕ لونٛین تہٕ ڈریہٕ گام کِس بونہٕ باغس منٛز سپدۍ مسلسل جشنہٕ۔ شنکراچ دماڈ آیہٕ نوِ سرٕ بارسس۔ فن کارن

توٲنٛس تعاوُن والین ڈراما نٔویس ہدایت کارن تہٕ اداکارن ہُنٛز عمل مُسلسل آسہٕ تہٕ
REORGANISATION رِآرگنایزیشنُک جذبہٕ اتھ پیٚٹھ آسہٕ توٚت تام چھُ میٚیانہٕ
انداز ڈراما پرمپرا یہِ ہُنٛد Revive گژھُن ہنا مُشکل مگر ناممکن چھُنہٕ ۔ ناممکن چھُنہٕ
اوٚکنِہ زبہٕ گرِ گامہِ اداکارن کار تہٕ تخلیق کار اکھ اکِس مانٛزن، اکھ اکِس بوٚگمُت
بوزن تہٕ ترکِ وٚنیتھ وگ تحریکہِ منٛز تبدیل کٔرتھ کمر بستہٕ سپدن۔ امہِ خاطرٕ چھُ تمہِ اکہِ
باوقار رضا کارانہٕ ادارُک وۄجوٗدس منٛز یُن سیٹھاہ ضروری یتھ منٛز ڈراما نٔویس،
ہدایت کار، اداکار، مُصور تہٕ ہنرمند اتھ واس کٔرتھ زنانیٚ RENNAISANCE تٔرتھ
اکھ کیفیتھ پادٕ کرن یتھ سۭتۍ ڈراما پرمپرا یہِ ہُنٛدِ Revival خاطرٕ موافق تہٕ موزون
ماحول پادٕ سپدِ۔ اگر یتھ کلپنا یہِ زانٛہہ کانٛہہ عملہٕ منٛز آیہٕ تیلہِ چھُ یہِ کتھ یقینی زِ تمن
اداکارن تہٕ ہدایت کارن ہُنٛدِ تجربک فٲیدٕ تہٕ سپدِ حاصل یِم ہجرت کٔرتھ ریاست
نیبر ڈرامے۔ یہِ چھُ پزر زِ یتھ ادارٕ وۄجوٗدس منٛز اَنُن چھُ دشوار تہٕ کیازِ اسہِ نِشہ چھِنہٕ
مٲلی وسیلہٕ مگر یہِ تہٕ چھُ پزر زِ تیلہِ ڈراما پرمپرا یہِ ہُنٛدِ Revival ہُک ابتدا ہیٚکہِ
اکھ وقار ادارٕ وۄجوٗدس منٛز یِنہٕ تہٕ لوکٹین بٔڈین سرکٲرۍ تہٕ غاَر سرکٲرۍ کلچرل آرگنایزیشن
سیتۍ رابطہٕ تھاوِتھ یِیہِ مٲلی مشکلات گژھن وارٕ وارٕ کم تہٕ یتھ ادارُک کام بنہِ آسان۔
یہِ پرپُشرالہِ اُپارِ چھُ یتھ مثالہِ موجوٗد یٔمِہ بھارت سرکارن بنٛتھ منٛز دہن ؤرین
دوران معمولی کلچرل محفلن تہٕ جلسن ہُنٛدِ اہتمامہٕ خاطرٕ باگہِ پوٗرت مٲلی امدادٕ یِم کوٚرٕ
ابتدا اَتھ منٛز یتیکہِ امہِ نوعیتک ۔ ادارٕ تمن سارنے تہٕ ہدایت کارن اکِس
مرکزس پیٹھ جمع کرنچ کام دِرِس نیتھ یمن ہجرت کٔرتھ یتھ شہر سینگستانس منٛز

مُنزِل طے کٔرِتھ اوس کٲشُر ڈرامہ اِرتقاکِس تتھ مرحلس پیٹھ کھڑا یتھ پیٹھ یہ بنگٲلی، گُجرٲتی یا اوڑیا ڈرامہ ہکی پانٔنی پنٕنی منفرد پٔرزنتھ قایِم کٔرِتھ ہیٚکہِ۔ ترٕ اَمِہ کِس رفتارس لوگ ٹھکھ ۔۔۔۔۔ وَجوہات چھِ عیاں۔ نتیجہ نیٚبر موٗدوٗر لے گییہِ نوٚن ہیٚندِس کرکہٕ نادس منٛز ذٲتی۔ ڈوٗلن تہٕ سعو زمین گییہِ بانڈ یُتھ پیٚن منٛز پھٔٹۍ۔ کلچرل سرگرمی ہیٚندِ ین رضاکارانہٕ ادارن لوٚگ کُلف۔

ٹیگور ہال ییٚد ناپہٕ بُزری۔ ڈراما مسودٕ تہٕ ڈرامہس مُتلِق ادبی کِتابہٕ، کِتھا یہٕ تہٕ تمنٛز آیہٕ لوٗٹھ کٔرِتھ رَدی بابہٕ ہِرِ بازر کینہٕ۔ تہٕ یتھ پٲٹھۍ اوس کٲشِر کلچر زندگی ہنٛز ڈراما پیرایہ ہیٚنٛد یہٕ اَکہٕ خانہٕ ؤسِتھ تہٕ امی اَکہٕ خانہٕ خانچہٕ کھیٚچِ سینس ہیٚتۍ تھٲوِتھ ؤاتی بیشتر فن کار ہجرت کٔرِتھ تتھ شہرن منٛز ییٚتہِ لکھ دِچھنہٕ اَتھ کٲم کھورِیا اُتھس ہیوان چھِ۔ یہ اوس یِمن فن کارن ہیٚندِ خاطرٕ نوو تجربہٕ۔ وانٛگ وٲری ہیٚنٛد تلخ تجربہٕ، عیال بٲری ہیٚنٛد مُشکلات، ذٲتی بہبوٗدی ہیٚنٛد مسلہٕ تہٕ سیاسی ناخوشگوار حالاتھ۔ یِمو دِژ یِمو سنجیدہ تہٕ تخلیقی سوچس کُن واریاہس کالس اتھ وٕنہٕ تہٕ ہیوٚے چھُ وجہ زِ یِم گییہِ پنٕنہٕ کلچرل ہسٹری تہٕ ژھینہٕ گامٕنٛز پرمپرایہٕ مُتلِق بناثریہٕ ہن ہُشیار تہٕ حساس۔ وۄں ذکرٕ چھا یِمن لگ بھگ نو ؤری اتھ شہر سٹینگِستانس منٛز روزان۔ پتہٕ میہو کیٚنژو ؤری یہو پیٹھ واہر اوٛدیہو نٔبے گر فن کارو ڈراما پرم پرا Revive کرنکہٕ واریاہ وان مگر کیٚنہٕ وانس رُوٗد نہٕ اَگُن دزٕوُن۔ یہ کیٚنژھا اتھ ژھِمس منٛز مانسبل ڈرامیٹکس، کشمیر تھیٹر تہٕ موتی لال کیمو صابن ذٲتی تجربہٕ استعمال کٔرِتھ کوٚر سُہ چھُ ستائشی لایق مگر سُہ کافی چھُنہٕ۔ کٲفی چھِنہٕ اوٚکُنۍ تکیاز پیٚشِد یہ عمل چھُنہٕ مُسلسل۔ یوٚت تام نہٕ ڈرامہس ہیٚتۍ

گوری شنکر رینہ

# نمنٛہ پتھکر کینٛہہ سٹیج ڈراما

ڈراما چھُ ادبُک سُہ انگ یُس لیکھنہٕ تہٕ چھپنہٕ پتہٕ سٹیجس پیٹھ وُچھنہٕ والین برونٛہہ کنہٕ گژھُن چھُ پیوان۔ ڈراما چھُ اکھ کمپوزِٹ آرٹ یتھ منٛز ڈراما نِگار اداکارن ہٮ۪نٛدِ خٲطرٕ جملہٕ چھُ ترٛاشان تہٕ وُچھن والین ہٮ۪نٛدِ خٲطرٕ اکھ کتھ ہُنٛد مقصد پیش کران۔ ڈرامہُک ہدایت کار چھُ اتھ مسودس ریہرسلن دوران اداکارو ذٕسر زٕو زیتہٕ بران۔ پوتس ییلہٕ یہ گژھان چھُ پیوان تیلہٕ چھُ سٹیجس پیٹھ تہٕ ہدایت کار آسان تہٕ نہ ڈراما نِگار۔ اداکار چھُ وُچھن والین سٟدِ سیٚود کتھ کران۔ اگر یہٕ communication ٹھیکھ روزِ تیلہٕ چھُ ناٹک تہٕ کامیاب روزان۔

افسانہٕ یا ناول پرنہٕ پتہٕ چھُ پرن وول پننہٕ تجربہٕ تہٕ سوچہٕ مطابق لفظن معنی ژھانڈان تہٕ پنٛنس ذہنس منٛز منظر پٲدٕ کران۔ مگر سٹیجس پیٹھ چھُ ٹاسکا پرٛزنٛہ جادیہٕ اِنسانہٕ آسان یُس فقط کینٛژہٕ اِشارٕ، حرکتو تہٕ لفظن ہنٛزِ تلہٕ ترٛاوِ سٟتۍ بادتھ چھُ کران۔ وُچھن وول چھُ اَمی سٕنٛز امہِ باوہٕ لیلابہ سٟتۍ یا تہٕ متأثر گژھان نتہٕ بے متأثر روزان۔ یعنی اداکارس چھُ اکھ اہم مقام مگر اَمی سٕنٛزِ زیوٕ پیٹھ کھسن والین لفظن چھُ ناٹک کارے زِنم دِوان۔ لہٰذا چھُ یہ ضروری

پیچان رٲوٕمٕژ چھےٚ ۔ یِہنٛدِس صوٗرتس منٛز ہیٚکہِ اداکارَن ہُنٛز ٹوٗپےٚ نٔو تیار گٔرِتھ ۔ اگر یِتھ تجربہٕ کامیاب سپدِ، بہٕ ادارٕ ہیٚکہِ پنٕنِس اہتمامس تَل پٕرانہِن تہٕ نوین کاشرِ ین ڈراماہن ہنٛدِ جشنک اہتمام بالکل نِشنٕے پاٹھۍ گٔرِتھ یِمنٕہ پاٹھۍ ۱۹۷۴، ۱۹۷۵ تہٕ ۱۹۹۶ ہس منٛز اکہِ رضاکارانہٕ کلچرل تنظیمہِ سرینگرس منٛز گٔرۍ سرکٲرۍ مٲلی امدادٕ ورائے کوٚر ۔ اداکار، ہدایتکار تہٕ ڈراما نویس ین بیٚیہِ لوکَن نزدیک تھیٹرکہِ حوالہٕ پیٚٹھ سکالکر تہٕ موجودٕ زندگی ہنٛدی اَوب تہٕ گوٚب موضوع ہیٚنتھ ۔ یِہاے عمل بنہٕ کٲشرِ نیبر سٹیج ڈراماہکہِ Revival ہٕک ضامِن نوٗزمُک تہٕ نِکیازِ ڈراما پرمپرا چھےٚ تہٕ ابتدا پیٚٹھہٕ گٔنہٕ تہٕ مرحلس پیٚٹھ فوت پیمٕژ بلکہِ چھےٚ جمودچ شکار ییمٕژ۔

اگر یِتھِ ادارٕچ وَجوٗدس منٛز ییٚنچ یہٕ کلپنا عملی شکلہِ منٛز ساکار سپدِ تہٕ ہمع کیٚتھ ڈٔب لٔج سوٗ گٔژھ ارتقٲئی عملہِ ہنٛدِ نٔمہِ مرحلہٕ پیٚٹھ لگہٕ ییٚنتھ اتھ کٲشرِ منٛز ٹاکھ لوٗگ تہٕ اشیک پرٕنم داتا گٔژھ سُہ مہا پنٛڈت آسُن یِہنٛدِین بینتِرَن تہٕ منترَن منٛز ڈراماکِس سٹیٹمنٹس شرپرس نوگری دِنٛچ شکھتی آسہِ۔ شِوالن تہٕ کرایہ کھرَن منٛز ڈٔمب لگنے ہرِس یِہِنتھ ازار چہٕ ہُد دِتھ ہتے واے کرنہٕ ہتۍ چھینہٕ ہوٗنژھ لگان ۔

نوٹ :۔ سیمنارس منٛز یہٕ پرچہِ بوزِتھ گٔر کیشرو ناقدو پنٕنۍ یہٕ راے ظاہر زِ لوٚدوے اتھ منٛز چھِ ۱۹۴۷ برونٛہہ کاشرِ سٹیج ڈراماکین ووتلنس متعلق اطلات دِنہٕ آمژ مگر کٲشرِ نیبر ڈراماہک ارتقا کیا تہٕ کُمہِ رنگہٕ سپد خاصکر ۱۹۹۰ پتہٕ تمِہ متعلق اطلاع چھِ کمی۔ (ادارٕ)

پٮ۪تہِ مٮ۪ن ذہن وردٕنۍ دوران لیکھنہٕ آمتیٚن ڈرامن کُن نظر چھہ ترٲوان اَسہِ
چھِہ لبان زِ لکہٕ مسلن علاوٕ چھہ ہم عصری صورت حالچ تہِ یِمن منز سام ہیٚنہٕ آمٕژ۔ یِمو
منز چھہِ "ڈکہ ییٚلہِ ژلن" اوک اَنگی ناٹک سوٗمبرن تہٕ "نگر ووداسۍ" شری موتی لال کیمو
صابن لیکھمتۍ۔ شری رتن لال شانت صابن چھُ "شاہ رگ" عنوانس تل اکھ ڈراما
لیوٗکھمُت تہٕ شری رادھا کرشن براروٗ صابن چھُ "پیش وار" ناوک ناٹک لیوٗکھمُت
"ڈکہ ییٚلہِ ژلن" چھُ لکہٕ پاتھرکس اندازس منز لیکھنہٕ آمُت۔ عام پاٹھۍ چھُ لکہٕ
پاتھر بانڈ پیش کران۔ تِم چھِہ ترتیب یافتہ اداکار آسان تہٕ اوے کنۍ چھِہ تِم
تخلیقس منز ورتاونہٕ آمتیٚن لفظن ہُنٛد زاوجار سمجان۔ مگر ییٚلہِ "ڈکہ ییٚلہِ ژلن" ہیٚوٗ
ڈراما ترتیب یافتہ اداکار چھِہ پیش کران تیٚلہِ چھُنہٕ لفظن ہُنٛد معنی منٛزی مُشرٕ
راوان بلکہِ چھِہ اکھ زور دار پیش کش وُچھن والین ذٕہنٕس ژیوان۔ مثالے اَمہِ
ڈرامہٕ کہ کوڈ نیک سیٖنن یتھ منز زٕ کردار نٔنہِ تہٕ ماگن یہِ شیٚچھ چھِہ باوان زِ
اکھ ناماوار اداکار چھہ قتل کرنہٕ آمُت۔ چھُنہٕ فقط وُچھن والین یہِ خبر دِوان زِ
وقتی حالات کیا چھِہ بلکہِ چھِہ یم کردار ڈرامہٕ کس تعارف تہِ دِوان۔ اکھ موڈ
تیار کرنہٕ سٟتی اکھ ٹینشن پاد کران تہٕ یتھہٕ پاٹھۍ چھِہ ڈرامہٕچ شروعات
جان پاٹھۍ سپدان۔ پتہٕ چھِہ برونٛہہ کُن اَمِس اداکارٕ پٔنٛنہِ نہٕ آسنہٕ سٟتۍ
ماگن پننہِ زنانہِ یعنی بانڈ بایہِ اداکاری خاطرٕ مانٛز راوان تہٕ (Play within
the play) ٹیکنیک ذریعہٕ چھہ بانڈ باے اکہِ نٔنٛدنہِ سٟتۍ ماجہِ ہُنٛد
پارٹ اداکران کران سٹیجس پیٹھ ماجن ہنٛز نمایندگی کران تہٕ ماجہِ ہُنٛد

زِ لیکھنہٕ آمٕت ڈراما گَژھہِ گنِنٛدنس قٲبِل آسُن ۔ امہِ علاوٕ گژھہِ ڈراما مُتأثِر کرن وول آسُن۔ یعنی اتھ گژھہ Inspiring quality آسٕنۍ تہٕ یہِ گژھہ وُچھن والین ہٕنٛز وُچھن بوٚچھ ہوٚمراوُن ۔ اگر تخلیق کارن او موٗجب ڈراما لیٛوکھمٕت چھُہ زِ تس اوس کیٛنٛہہ تہٕ لیکھنک من کران تہٕ ہدایت کارس اوس ادا کارن سیٹجس پیٹھ ٹینک موقعہٕ فراہم کرُن تیٛلِ چھے نہٕ یہِ اکھ جان کوشش ۔ نہٕ چھُہ ہدایت کارس تہٕ نہ ناٹک کارس پنُن شوق بامل اَنہٕ یا پتھ وُچھن والین ہُنٛد وَق ضایہٕ کرُنک ساٹھہِ حق ۔

بدقسمتی ہٕنٛز کتھ چھِہ یہِ زِ کاشُر تھیٹر نہٕ چھہِ کرن وألۍ تہٕ نہٕ وُچھن وألۍ۔ تاہم چھِہ یہِ حوصلہ افزا کتھ زِ پتہٕ مین کیٛشرٕن وریٛن منز آیہِ سیٲسی خلبلی باوجود کیٛنٛہہ جان ڈراما لیکھنہٕ۔ یمو منٛز آو اکھ ہِندی زبانہِ منز ترجمہ کٔرتھ نیشنل سکوٗل آف ڈراما ذریعہِ دہلی منز "بھانڈ دہایی" عنوانس تحت گِنٛدنہٕ ۔ اَمکِ شو رُوٗدی سیٹھا کامیاب ۔ خاص کٔرتھ تمن وُچھن والین منٛز یمو نہٕ امہِ برونٛہہ کاشُر ڈراما وُچھمت اوس ۔ امہِ ڈرامہِ پیش کش آس سیٹھا معیارٕی۔ ہرگاہ یتھی معیارٕی ڈراما کاشرِ زبانہِ منز تہٕ پیش گژھن تیٛلہ ہیکہِ یپانے کاشرِس تھیٹرس تہٕ اکھ مخصوص آڈینس (Audience) یعنی وُچھن وألۍ میلِتھ۔

عام طور پأٹھۍ چھُہ ڈراما تہٕ زِندگی ہٕنٛزن اوسفاین تہٕ واماتن پیٹھ مبنی آسان۔ زِندگی چھہِ بذاتِ خود ڈراما ہتی برٛتھ ۔ اتھ منز چھُہ تناو ، کشمکش، حأرانی تہٕ دوٚجود تأیم تھاونہٕ باپتھ جدو جہد ہمیشہ موجود آسان ۔ یِمتھے آسِ

"حالس چھ پٲرُتا" تہٕ دٕہم موتی لال کیمو صأبُن "سپنہٕ صفأیی"۔ یُودوے یِمَن اوک اُنگی ناٹکن ہُنٛز سٹیجس پیٹھ گِندنہٕ باپتھ لوازمات نظرِ تل تھاوِتھ سام ہیوٚ تیلہِ چھِ اَسہِ لبان زِ بیشتر ڈرامہن ہُنٛد Narrative چھِ ریڈیو ڈراماکِس انداز س منٛز ترتیب دِنہٕ آمُت۔

مِثالے "پکھ ہوٚت نس بہٕ ہیوٚ۔ نظر یِیوٚ نہٕ کانٛہہ سے۔ دٔویمے بے پُشیے! یُتھ نے مٕتے مُنٛزاوکھ زانہِ"۔

یِتھی ہِوی ڈایلاگ چھِ سٹیجس پیٹھ اداکارَن Gesture خاطرٕ ہدایت کارَس groupings تیار کرنس منٛز دُشوارِی پیش انان تہٕ یِتھی منظر چھِ عام پأٹھۍ ریہرسلن دوران سیٹھا مُشکِل سان ثیٖرنہٕ یِوان۔ تاہم چھِ یِم اوک اُنگی ڈراما اہم تکیازِ نہٕ چھِ اَسہِ کأشرس منٛز لوکٕٹ ڈراما لیکھنٕچ رِوایت تہٕ نہٕ چھِ مُختلف موضوعن ہنٛدر مُختلف اوک اُنگی ناٹک اَمہِ علاوٕ دٕستیاب۔

یِتیمہِ دٕہِ لیٖک اکھ اہم تہٕ مُکمل ڈراما چھُ "نگر ودہٕ وٲسی"۔ یہِ سپُد ۱۹۹۷ہس منٛز شایع۔ ژوٚن انگن ہُنٛد یہِ ڈراما چھُ کلہن پنڈت سٕنٛزِ راج ترنگنی ہنٛدِس ستِمس ترنگس پیٹھ مبنی۔ کأشرِس ہیٚنٛدوٕرازٕ اننت دیوٕنہٕ دورِچ کتھ باوان۔ اکھ تواریخی ڈراما آسنہٕ موجوب چھُ یہِ یونأنی ٹرأسدی ہنٛدِس نارمس منٛز لیکھنہٕ آمُت۔ اتھ منٛز چھُ کورس تہٕ تہٕ اکھ بوڑ کاسٹ تہٕ۔ یہِ ڈراما گِندنہٕ خأطرٕ گژھِ اکھ سیٹھا قٲبِل ہدایت کار آسُن تہٕ سیٹھی سیٹھا جان اداکار تہٕ آسنۍ۔ اَمِچ اکھ خوبی چھِ یہِ تہٕ زِ یہِ ہیٚکہِ کھلہِ آکاشس تل تہٕ تہٕ Proscenium /

ڈمبہٕ پھوٚٹمت پَننہٕ بابہٕ بانڈ اُمس بیٚلہٕ ہیٚنہٕ ۔ کران پیش Catharsis
نیٚچۍ نُنہٕ چھُ گولہٕ ہُند شِکار سپدان سۄ چھِ ماگٕنس سوال کران۔

ترٛہن وٕرٕین وُچھ ہُے چون چمتکار۔ گوسٲنۍ لاگِتھ کورتھن ہمیشہٕ تانہٕ تانہٕ کوٚرمُت اکہِ نٮ۪دُن بار بار زِنٛدٕ ۔ ۔ ۔ ۔ از کرُن میٚون کُن پۄتھر زِنٛدٕ ۔ ۔ ۔ ۔ ۔ بیٚلہِ اکہِ نٮ۪دُن اُدسہٕ ہن زِنٛدٕ کران تیٚلہِ کیاز چھُکھن نہٕ از میٚون نُنہٕ زِنٛدٕ کران ۔ ۔ میٚون نیٚچۍ کرُن زِنٛدٕ ۔ ۔ ۔ "

مگر ماگٕن چھُ حٲران تہٕ پریشان کھڑا۔ سُہ کیٚتھ پاٹھۍ ہیٚکہِ اَکِس ہُوودی مٔنٛس انسانس زِنٛدٕ کٔرِتھ (Universal Motherhood) ہٕنہٕ وُستی حقیقتھ چھِ تیٚتھیُتھ اتھ ڈرامہس پاتھرکہِ مہلو ڈراما سٹایلہٕ نش الگ کٔرِتھ اکہِ بہترین ڈرامچہِ سبہ منز شٲمِل کران۔

ساہتیہٕ اکادمی دِسمبر شایع کرنہٕ آمُت "اَوک اَنگی ناٹک "سوٚمبرن" تہٕ چھِ کیمو صاحبنی ترتیب دِژمُت۔ اتھ سوٚمبرنہٕ منز چھِ "دہ" ناٹک۔ یِم اَوک اَنگی ناٹک اتھ اندر شٲمِل چھِ تِم چھِ ۱۹۹۳ ہس تام کیٚن اَوک اَنگی ناٹکن ہُنٛز نِمایندگی کران۔ اَتھ منز چھُ گوڈنیُک ناٹک مرحوم علی محمد لون صابُن "چارٕ پاتھر" دُویم چھُ پوشکر بھان سُنٛد "زنگن ہٕنٛدک رنگ" ترٛیم سجود سیلانی صابُن "راتہٕ کٕرِیل" ژوٗریم ہری کرشن کول صابُن "دستار" پانٛژیم فاروق مسعودی سُنٛد "کالیج پاتھر" شیٚیم نشاط نسیم صابُن "سرٕ پیٚٹھ" سَتِم غلام علی مجبور سُنٛد پاتھر چھُ "جاری" اٹھِم عزیز حاجنی صابُن "مزارِ شعرا" نوم رتن تلاشی صابُن

شری آر۔کے۔ برارؤ مأژن "ریش وأر" چھُ اکھ community ڈرامہچ
نُمایندگی کران۔ اتھ مَنز چھےٚ اکھ جان ڈرامہچ کوشش۔ یہِ چھُ فقط اکھ Nost-
algia پیش کران۔ یہِ ڈراما چھپیوو قسط وار "کاشُر سماچار" س مَنز۔
وۄمید چھِ زِ یِہنہٕ والین وریٚن مَنز ییٚیہ تہٕ جان ڈراما لیکھنہٕ تہٕ تِمن
سٹیجس پیٹھ گِنڈنک شوق تہٕ ذوق تہٕ بڑٕ۔

●

سٹیجس پیٹھ تہٕ گنِدنہٕ ہیتھ۔ مگر میانہٕ حسابہٕ ہیٚکہِ اَتھ اکھ اثر دار پیش کش کھلہٕ آکاشس تلے سپدتھ نکیاز۔ اتھ چھُ اکھ بوڈ کاسٹ، کورس Period costume لگاتار تبدیل گژھان تہٕ بنیہ چھِ اتھ اندر کِردارن ہنٛز movement تہٕ لگاتار چلوِنی۔ ہتھی پاٹھۍ سینماہس منٛز اکھ زبردست spectacle چھُ آسان ییتھے پاٹھۍ ہیکہ ییمہِ ڈراماکیو سپنہٕ ذریعہٕ سٹیجس پیٹھ اکھ بہترین visual پیش کرنہٕ یتھ۔ اگر اتھ بنون داس گپتا ہیو ڈیزائنرس تہٕ تاپس سین ہیو لائٹ ڈیزائنر آسہ تیلہِ ہیکہِ یہ از بروٚنٛہہ ۹۰ وری یچھ کٔشیر ہُنٛد تاثر بجوٚبی پادٕہ کرِتھ۔ امہِ کِنہ سٹیشنٕ منٛز ہیکہ شروٗعاتِس زٔنی موٗنٹنن ہُنٛد موٚکچن موٚکچن زرن ہُنٛد تہٕ کاسٹیوم بناونس منٛز پٹیک تہٕ ناٹک بہترین اِستعمال کرنہٕ یتھ۔ یہ چھُ اکھ جان تخلیق تہٕ ہیکہِ پَزی کنہ اکھ ٹیکنیکی لایق سٹیج پروڈکشن بنتھ۔ اَمکی تخلیق کار شری کیموہ صابن چھُ کاشرس سٹیجس یہ ڈراما دِتھ کاشر ناٹک پرچم سیٹھا بُلند کوٚرمت۔

نامور ادیب ڈاکٹر رتن لال شانت صابُن ڈراما "شاہ رگ" تہٕ چھُ راج ترنگنی ہُنٛدِس اکِس ترنگس پیٹھ مبنی تہٕ یہ چھپیوو ۱۹۹۳ کس سون ادبس منٛز۔ کیموصابن "نگر ووداسی" تہٕ شانت صابُن "شاہ رگ" چھِ توارِخی ڈراما آسنہٕ باوجود عصری حالاتن کُن اشارٕ کران۔ یعنی یہ تیلہِ اوس تہٕ چھُ از۔ اِنسان اوس تیلہِ تہٕ پننہٕ وجوٗدٕ خاطرٕ جدوجہد کران تہٕ از تہٕ چھُ کران۔ بے گوناہ اوس تیلہِ تہٕ مران تہٕ از تہٕ چھِ مران۔ بجہ مندورن تہٕ محل گئے تیلہِ تہٕ نارٕ بزرتہٕ از کل تہٕ چھِ گژھان۔ اِنسان اوس تیلہِ تہٕ حیران تہٕ پریشان تہٕ از تہٕ چھُ۔

آو کٔڈِتھ ژٕھنہٕ تہٕ یہٕ مینٛیوٗد وطن وبلأے۔

نادار، لاچار تہٕ رووٕمُت بڑٕ لارٕیوو ہیٚنجن۔ ییٚس کالہٕ بادشاہ اوس سہٕ اوس دوٚہ دۄ جیٚنمہٕ شُرکن پیٚٹھ گدا بنِتھ وتن لارٕیومُت۔ مگر اتھ اِنقلأبی دورس اندر تہٕ کرِنہٕ ژٕمی گدأیی۔ بیٚرتھ تہٕ پان بچاونہٕ باپتھ دِژ ژٕمی بڈِ کھوٚنہٕ ہٕڈ قوربأنی۔ ییٚمہٕ نہٕ کانٛہہ جوٗرہٕ چھُہ۔ تس پیٚیوو مائیگرنٹ ناو، بانے پیٚنہٕ تیٚسے مُلکس اندر پناہ گژھی۔ سہٕ اوس مأیی، سمأجی، اقتصأدی تہٕ سیأسی دوہ لابن اندر ووہ تلان بوہ ڈان۔ نفسیأتی طورٕ تہٕ آو تس بوڑ ڈلِتھ۔ تس ہٕندِ سوٗچ تہٕ تسٕنٛدی خیال کتہٕ رٔودی۔ اُدیب تہٕ قلمکار تہٕ روٗو اتھ انٛدکارس منٛز۔ سہٕ ہیٚوک نہٕ کیٚہنٛی تہٕ سوٗچِتھ۔ تس رأو پنٛنی پرزنتھ، پنُن وجوٗد تہٕ وُژھ دِنک آگرٕ۔ ییٚس گاہے نظمس تہٕ گاہے نثرس اندر ریپ لبان اوس۔

وارٕ وارٕ ہیٚوت اُدیبن تہٕ قلمکارن پنٛنیہٕ اِحساسن تہٕ خیالن زٕدزبتہٕ دِیُن۔ یہٕ تس بنِتھ تہٕ گدرِتھ آو تتھ دِتُن لفظن ہٕنٛد ریپ۔ ییٚتہٕ مِس پیٚچھرِ دِتھ یہٕ اُنٛدرہٕ طلاطُم دوٚچھس تتھ اِحساسس ڈٔلِن جامہٕ۔ ییٚتھ پأٹھی سپنٛز ادبچ دیتستایہٕ پنٛنیہٕ شروٗ ژراے۔ قدرتی طور آسہٕ اتھ ادبس منٛز اٗتھ ژٕدس مایوٗسی تہٕ غم۔ اتھ اندر آسہٕ ماج کٔشیرِ رادٕنگ تیٚوٗل، گرٕ نیک ہوٗل پُنُن وجوٗد رادٕنگ احساس زورن پیٚٹھ۔ دوٚنگ آرام تہٕ نہٕ راتچ نیٚنٛدرٕ، ژوہ داپأرٕ گنڑ گژھہٕ۔ گونا بٹس تتھ لایکھ۔

جیٚنمہٕ تہٕ باقے جاین چھکراونہٕ آمتی اُدیب تہٕ قلمکار یہٕ کیٚنژھا سوہ ران لیکھان آسہٕ اتھ لوٗکن تام واتہٕ ناونکی آسہٕ محدوٗد ذرایہٕ۔ کأشرٕ زبأنی اوس کٔشیرِ تہٕ امہٕ نٛگھ سکاژھ دوٚتھمُت۔ اتھ زبأنی اندر چھپنہٕ ونہٕ تہٕ کانٛہہ اخبار کٔشیرِ نیران۔ رسالہٕ تہٕ چھہٕ

پرتھوی ناتھ بٹ

# کٔشیرِ نیبرِم رسالہٕ تہٕ کٲشُر اَدب

کٔشیرِ منٛز اوس ہیٚتہٕ ہیوٚ شیٚو ہتھ وٕرین پیٹھہٕ اکھ مِلہِ مِشہِ تہذیب پروان کھوتمٕژ گوکرِ کٲشُر بٹہٕ تہٕ مُسلمان اَسی دوٚن مذہبَن ہنٛدی پٲروکار اما پوز تِہُنٛد اوسکھ کِنہِ تہٕ ماحول تہٕ لسُن بسُن تہٕ کیٛنہہ فرق آسہٕ باوٕ وُچھدُکن۔ اَتھ مِلہِ مِشہِ ثقافتس اوس سانیو بٔہلہِ پایہٕ اُدیبو تہٕ قلمکارو وِزہِ وِزہِ گوڈ بوٚرمُت تہٕ کٲشرن اکِہ بیے رزِ لمنٛک تاکید کوٚرمُت۔ ہیوٚنٛد چُھ شکر دودھ چُھ مُسلم تہٕ یہٕ پانہٕ وٲژ رلاوُنک تہٕ اتھ اکھ مِثُوٚٹُرِل بناونک شوقہٕ تہٕ اوس سانیو گوہ نماتو دِتیمت۔ یہٕ اوس پنزر تہٕ عملِ منٛز آمُت تہٕ سون تمدُن اوس اکھ مِثال سون بٲے ہنٛدت اوس بے مِثال۔ اتھ کٔمی دِژ اُچھ تہٕ اتھ کُس لرِ پُھرِن لوٚگ سُہ چُھ سانہِ ویوٚد۔

کٲشُر بٹہٕ آو وِچارِ کرنہٕ۔ سُہ گو یِنہِ پتہٕ پُرزہٕ نِش۔ تس روو پنُن ساسہٕ واد وُرین ہنٛد مٲلی میراث۔ تس رٲو پنُن زیٛنہٕ جاے۔ پنُن آشن بسُن تہٕ یار دوس رٲوِس۔ جوٚمّ، اُدھمپور تہٕ ہِندوستانکین بیٚین علاقن منٛز آو ژھکرنہٕ۔ مول اَلگ موج الگ بِکہ وِپٹہ اُکی بے گرس منٛز تہٕ نمِس منٛز روزُن تہٕ روو تس۔ جِہ یہٕ، ناگراد، سنٛزار، دن تہٕ شیپنہٕ کوہ، بونہٕ شیہجار، ویہرِوار، ژوٚنٹھ ٹانگ تہٕ ژیرِ گیہِ یِکھہ قلم ختم۔ سہ رگ ہیکین

صرف ہندوستانس اندر، بلکہ مُلکہ نیبر یورپ، امریکہ، افریقہ، ایشیاکین باقے مُلکن برونٛھ کنہٕ
کوٚر پیش۔ یو۔ این۔ اوکِس اِنسانی حقوقن مُتعلق تنظیم تہٕ آیہ امی معرفتہٕ بٹہٕ سٕنز تباہی تہٕ
بدحالی نِشہٕ زانٛہہ یاب کرنہٕ۔ ۱۹۹۴ء اندر کوٚر جینیمہ روزن والیو کاشرِ یو د بٹو یہ محسوس زِ
زِ لِچھ پٔنٹھی بٹہٕ آسن وٲلِس شہر جمّوس اندر تہٕ گرٕ سیاسی، اِقتصادی، سماجی تہٕ مذہبی سرگرمیو
علاوہ ادبی سرگرمین باونہٕ دِنہٕ خاطرٕ اکھ رِسالہ یا اخبار ضروری آسُن۔ چُنانچہ کوٚر کشمیر پنڈت سبھا
اسپھلا جموں کِنہِ عہدہ دارو رِسالہ کڈنُک فٲصلہ۔ ناو تھوو ہس کشپ سماچار تہٕ پتہٕ کیر سبھوٲنی
ٹایمز۔ یہ رِسالہ تہٕ چھُ انگریزی، ہندی تہٕ کاشرِ زبانہِ اندر باقاعدگی سان چھپان۔ ڈاکٹر رتن لال
شانتی، رتن لال جوہر تہٕ پروفیسر ایس۔ کے۔ شاہ چھِ امہِ رِسالکی روٗح رواں۔ امہ اندر چھِ
بٹہٕ اُدبین ہُنٛز ادبی تحقیقات نیران تہٕ ماجہ زٕوِ ہُند بول چھُ بجا یوان۔

کلکتہس اندر بسنہٕ والیو بٹو تہٕ چھُ پنُن وجود تہٕ پرزنتھ زِندٕ تھاونہٕ خاطرٕ رِسالہ "وِتستا"
وارِیاہو وریو پیٹھٕ جاری کوٚرمُت۔ یہ چھُ ترٛن زبانن انگریزی، ہندی تہٕ کاشرِس اندر شایع
سپدان۔ یتھ پٲٹھی چھُ یہ رِسالہ تہٕ کاشرِس ادبس زِندٕ تھاوِتھ۔ امہ ستی چھے زبان، ادب،
ثقافت تہٕ رسم رِواج تُہ نیکتام یِمو پنڈت ماںیو زندٕ تھاوِمٕژ۔ یم چھِ مبارکس لایق۔ وُنی کین
چھِ امکی ایڈیٹر بی۔ کے۔ موزا تہٕ امیک دفتر چھُ کشمیر بھون سی۔ کے۔ ۳۵ کرونا یاسالٹ
لیک کلکتہس منز۔

آل انڈیا کشمیری سماج دِلی ہینکی روٗح رواں جے۔ این۔ کول چھِ چھِ ریتہٕ وار
رِسالہ "ناد" کڈان۔ یتھ اندر کاشرِس بٹہٕ مُند گنڈن، بدحالی، تہٕ امیک چارٕ کرنُک
حال نیران چھُ۔ یہ ادس ژور پانژھ ریتھ بروٚنہہ صرف انگریزیس منز یوت

محدٗود۔ مِثالے کلچرل اکادمی ہُنٛد شیٖرازٕ، سون ادب، کشمیر یونیورسٹی ہُنٛد کٲشُر ڈیپارٹمنٹُک سالانہٕ انہار، اِطلاعاتکہِ محکمُک پرٛاگاش تہٕ وٕدٕ آلو، وٕدہ پرٛکٕ ملر، پرتو تہٕ ثقافت بیتر۔ ریڈیو کشمیر تہٕ دوٗردرشن سرینگر چھِ کٲشرِس ادبس جان پٲٹھۍ وٕتھبو دِوان تہٕ پھٲنٛپھلاوان۔ سۄ کنہٕ ما ٲس رٕوزمٕژ کٲشرِس بٕڑس وٕدہٕ ہیٚلہٕ سٕ ولواسِس منٛز ہیٚنہٕ آمُت ادس۔

دِلہِ اندر یتہٕ میو ژٕکجا ہو ٗوریو پیٹھٕ تاہم کٲشرِن بٹٕن ہٕنٛز مظبوٗط تہٕ مشہور تنظیم چھے کشمیر سمتی ییٚمیُک دفتر کشمیر بھون امر کالونی لاجپت نگر نۍ دہلی چھُ۔ یہے تنظیم چھے یِہوٕے ژٕکجا ہو ٗوریو پیٹھٕ اکھ مشہور ریتہٕ وار رِسالہٕ "کوشُر سماچار" کڈان۔ اَمہِ رِسالن ییٚتہِ دِلہِ اندر روزن والین سابہٕ وادن بٹن ہٕنٛز یک جہتی تہٕ ایکتا تٲیم تھٲو تتہٕ تھٲو اَمہِ رسالن کٲشرِ زبان زِنٛد، کٲشرِ تمدنا تہٕ رسم رلواج تہٕ برقرار۔ یہٕ رِسالہٕ چھُ ترٛین زبانن اندر نیران۔ انگریزی، ہِندی تہٕ کٲشُر۔ ہِندی تہٕ کٲشرِ حصہٕ چھُ پنڈت شمبھوناتھ بٹ حلیم صٲبنِس اِدارتس اندر برابر ترقی کران تہٕ پھٲنٛپھلان۔ خاصکر یہٕ اَتھ منٛز کٲشرِ زبٲنۍ باپتھ دیوناگری ورتاونہٕ تہٕ ورتنی آو نوو رٕپ دِنہٕ۔ حلیم صٲبُن یُس ذٕہیت دیوناگری اندر کٲشرِ زبٲنۍ چھُ سُہ چھُ سۄ نہٲری حرفن اندر لیکھنس لایکھ۔ حلیم صٲب چھِ پانہٕ بٔڈۍ شاعر تہٕ اَدیب۔ یِہنٛدۍ ایڈِٹوریل چھِ معیٲری تہٕ پرٛنس لایکھ آسان۔

"کوشُر سماچار" بنیوو مایگرنٹ اُدیب تہٕ شاعرَن ہُنٛد ذریعہٕ اظہار۔ اَتھ اندر آو ترٛشوٗنی زبانن اندر مایگرنٹ اُدیبن جاے دِنہٕ ییٚمہٕ سِتۍ تِمن بِل ہیٚوٚل تہٕ حوصلہٕ بڑیوو "کٲشرِ سماچارُک" ایڈِٹوریل بوڑ تہٕ کشمیر سمتی تنظیم چھے واقعی تٲریفن تہٕ شاباشس لایکھ ییٚمہِ کٲشرِس وٕجارہٕ گٲمتِس بٹہٕ سٕنٛز تباہی تہٕ بربادی ہُنٛد درد ناکھ تہٕ دِلدوز نقشہٕ نہٕ

فن پارٕ شایع سپدان۔ اتھ رِسالس اندر چھُ اَکِس اندر درج تہٕ منظومہِ تام زبانن ہنٛدۍ ترجمہٕ نیران۔ یہِ چھُ جان تہٕ مشہور رِسالہٕ۔ امہِ علاوٕ چھ باقے شہرَو پیٹھہٕ تہٕ بڈٕ دسی رِسالہٕ نیران۔

کشمیری بھاشا و سنسکرتی پرتِشٹھان جموں آو کینہہٕ ؤری برونٛہہ جموں اندر قایم کرنہٕ۔ یہِ چھ کاشر زبانِ تہٕ کلچرس ووٚتھبو دِنہٕ باپتھ قایم آمت کرنہٕ لہٰذا چھ یہِ پرتھ ؤری کاشرِن بڈٕ ادیبن ہنٛدۍ خاص خاص فن پارٕ "ستی سر" ناوی کِتابی صورتس اندر شایع کران۔ یِمن ذرایہِ امہِ کِتابہِ ہنٛدۍ زٕ شمارٕ اکھ نثرس اندر تہٕ اکھ نظمس اندر۔ رسم خط چھُس نستعلیق تھاونہٕ آمت یتھ زن کشیر اندر پرن والۍ ادیب تہٕ قلم کار اتہٕ یہِ آسانی سان پرتھ ہیکن تہٕ وِستھاپتہٕ ساہتس پیٹھ پننی راے قایم کرن۔ اتھ تنظیمس ہتی چھِ جیٚمہٕ تہٕ ادھمپور روزن والۍ ساری کاشر مستند بڈٕ شاعر تہٕ ادیب وابستہٕ۔ یہِ تنظیم چھِ سیمنار، کانفرنسہٕ تہٕ باقے ادبی تقریبہٕ منعقد کران تہٕ کاشرِ زبانِ تہٕ ادبس ترقی ہیٚنز دِنہٕ پیٹھ یکہِ نس منٛز مدد کران۔

کشیرِ نیبر درِ یم رِسالہٕ تہٕ جریدہٕ ہرگاہ بےٚ گرِ لکھارین آینتن روزہن نہٕ سہٕ یتھ ناکھ تجربہٕ یمو منٛزِ یمن نیبرن پیو وانہٕ ہے تہٕ ملکس اندر تہٕ بیرونی ملکن منٛز ساسہٕ واد کیا لچھ واد لوکن تام۔ یتھ منظومس اندر یمن بےٚ گرِ لکھارین ہنٛزن تخلیقن ہنٛد مکمل دِ حاطہٕ کرُن چھُنہٕ ممکن۔ تاہم کرِ ہٕ تمہٕ مِثالہٕ پیش یمو ستی پرن والس تمن دردناکھ تجربن تہٕ احساسن ہنٛد کم کاسہٕ پاس لگہٕ۔

چھپان۔ مگر ییٚنہٕ امینک ایڈیٹر پنڈت امکار کاچرو بنیوو۔ تِہٕو اوٚن اتھ اندر ہینٛدکانہٕ کاشرٕ رِسالک دفتر چھُہ ڈیٖ ۔ ۹۰ سروجنی نگر نوٚ دِلہِ۔ دہلی اندر چھُہ بھگوان گوپی ناتھ ٹرسٹ ہمپوش اینٛسکلوپیڈیا منتر چھُپیہٕ ٹرسٹہٕ۔ اکھ "پنزکا" ناوک رِسالہٕ کڈان یتھ اندر بھگوان گوپی ناتھ جیس مُتلق مظمون، نظم تہٕ لیکھاپہٕ نیران چھِے۔ بہٕ تہٕ چھُہ انگریزی، ہینٛدی تہٕ کاشرِس منز نیران۔

جمی چھُہ شری پیارے لال ہتاش پیٚرزنتھ ناوک رِسالہٕ کڈان۔ وونیکتام ڈلابہٕ اُہکہِ زٕ شُمارٕ۔ بہٕ چھُہ صرف کاشرِس اندر نیران یتھ پاٹھۍ چھُہ ہتاش صاب پننہِ ماجہِ زیو پیٚنٛن لول بران تہٕ اتھ سگہٕ داوان یُس قابلِ تاریف قدم چھُہ۔

پنڈت پریم ناتھ شاستری یِم زن کشیرِ ہینٛدی بڈِ پایِکۍ جیوتشی تہٕ جنتری کار چھِہ، چھِہ سالانہٕ وِشیشور ناوچ جنتری ہینٛدیس اورد وس تہٕ دوشی یٔہسہٕ پیٹھہٕ انگریزیس اندر تہٕ چھاپ کران۔ یہٕ جنتری چھےٚ سون ورش، ورشہٕ پھل، تیتھی سانتھ وغیرہ سوٗرے سانہٕ دوہ وِشکہِ کرنہٕ کانڈ باپتھ اکھ اہم دستاویز آسان یس پیٚرتھ بڈٕ گرِس اندر آسان چھےٚ۔ اتھ چھُہ پاٹھ پوٗزا تہٕ کاشر لیکھاپہٕ تہٕ شامِل آسان۔ سانین بڈین لوکین دوہن ہُند سانین سنتن تہٕ سادھن ہینٛدی زنم تہٕ سورگہٕ واس کین دوہن ہُند اِندراج چھُہ اتھ جنتری اندر بسو بسو درج۔ یہٕ چھےٚ شاستری صابن اکھ بڈ دین سائنس بٹہٕ سماجس۔ یہٕ جنتری چھِہ وارِیاہس حدس تام بٹن ہنز ریت رِواج تہٕ سنسکرتی ہِنٛدِ تھاوِتھ ہموعلاوٕ چھُہ مرکزی ساہتیہ اکادمی دِلہِ ہُند رِسالہٕ تہٕ کاشرِس اُدبس جاے دِوان۔ اتھ اندر چھُہ کاشرِس نثرس تہٕ نظمس اندر بھرپوٗر آہنگ بیٚین زبانین ہینٛدی

اَز اَنفری یتھ تباہ حال کٔشیرِ ہُنٛد اکھ وٕٹکرِ تہٕ بیانکھ پیش کران چھُ شاعِر اَدش ژالہٕ ژراوان تہٕ وکھنان۔

گولہٕ بٲری ساز کیٚہ بوزان کن | اَچھ وُچھان موسٕم اَچھن انہٕ گوٚٹ گژھان
ژُلٕف ژٕٹیٚتھ منٛد دوہٕ ہٹہٕ اَنٛزرِ زن | ژھٕٹھٕ کُنی گرکھ دِتھ کران ہیٚتھ ژھالہٕ ژھال
دچھ وٕٹیٚر گوٚبُت سوٚ اٚہی دانہٕ گوٚت | زن تہٕ زاٚیُن پیتہٕ تہٕ بازرِ نیرِ وُن
ڈد دِنس اَڈٕ اَڈٕ ڈٕکان گرد تہٕ کاد | ہٲبتن تام ژراس کھوٗسُہ تہٕ نیاسہٕ ڈٕل
توٚرِ گژھنک چھُے اگر یِژ مارٕ ہوٚت | گژھ ژِے کُنہِ سُنٛد ٹاکھ چھُے نیرِ گژھ

شکھ مگر چھُم کیا وُچھکھ تتہٕ کیا لبکھ

(شمبھوناتھ بٹ حلیم)

شاعرس چھُ باسان ژِتس چھے وۄدٕ گرِژ وَتھ تہٕ مُشتھ گامژ لہذا چھُ وَنان۔

سکاشہٕ مُسافِر چھُنا یِس گرِژ وَتھ چھے ویٚز
وتھ گیا گاسہٕ بُزِ گاش رود اَنس

وۄدٕ چھے پوٚت کل نہٕ زن سوٚپنہٕ مایاہٕ بس
بیٚرنہٕ پیٚٹھ ژۄڈر دپے گونہٕ اشکال گو

(واسدیو رِیہہ)

پُتن مٲلی میراث تہٕ مُشترکہ قدرِ بینٛز راوِنس پیٹھ چھُ بیمہِ آیہٕ شاعِر سوچان ژلن
رود سورُے نہٕ یتھ پیٹھ لکن ناز اوس
رشکِ عالم سوٚ بُنٛز اتھ جنت نِشان

(حلیم)

ماجہ کٔشیرِ نِش ژھینہٕ گومٕت شاعرِ چھِہ وِہلاکھ دِوان وَنان ؎

ہہ زٕہ وُل ژرادان وُچھِتھس کرژٔیے

سوہ پٔنہٕ مشرِ تہ ژٕ ژٔے چھِے میٲژٕ دِیے

ژٕ پیتہٕ پۄت زٕونہٕ چھُے نہٕ کینژہٕ دۄر

ۂٕے کر مٲج گِگہٕ منزٕ یس گۄر

(مرحوم جانکی ناتھ کول کمل)

گرِنج دگ للوان چھِہ شاعر وَنان زِ گٕرٲون گو زِندے ژھِنتایہٕ کھسُن۔

گرٕ چھُہ اکھ اِحساس اکھ باس پانہٕ نیارک سوہ کھ ضِدر

کُھلہٕ ڈٕلہٕ اظہارک زٕگتھ گرٕ راوُن گو زِندے ژھِنتایہٕ کھسُن

نتہٕ قبرِ منزٕ ڈاپھ ژھسُن گرٲیِج قدر زانن تتم

یِمن گرٕ آسہٕ رووٕمٕت

(موتی لال ساقی)

ماجہ کٔشیرِ اگادِ گاہرٕ شِدت پشدی پیٹھ چھُہ شاعر وَنان ؎

ژٲرِ ژٲرِ مٲرِکھ کوٗرِکھ لۄٹھ مار

ژھُرِن تہٕ بڈِن ہُند اکھ نو عار

سِنس پیٹھ نٲوِ رٲکھ گن تہٕ شمشیر

کوٗت گیہِ سٲنی ٲٹھ مٲج کٔشیر

(مینا کھشی کول ڈیمبی)

جبیٖمہِ چھُ تس سوٗرے ڈُدون باسان توے چھُ ونان۔

نظر نظر ڈُہان سیٖکہٕ شاٹھ      طرف طرف زوان سیٖکہٕ شاٹھ

جواہر لال سرٛور چھہ گھر بار شرادنس بیٖیمہ آیہ ژٕہنہٕ دوان زٕ کنہٕ صحراوس منز واتی۔

گھر شراُدِتھ برٛونٹھی تھاُدِتھ      اُسی آہتی روزنہٕ کور

مُنز ارمان از دفناُوِتھ      اُسی آہتی روزنہٕ کور

رتن لال جوہر چھُ اُتھ لاگتھ بٹس مشورٕ دِوان۔

ووٕلہٕ متہٕ نیرو

راتس پھیرو

ٹُکہٕ ہرمارے ناو کرو

تاہر راجا شہر گام کرو

تمہِ پتہٕ لیوہ سہ لیوہ سہ کتھ فرماو کھ۔ پوٚز مانیٔ

کتھ چھُکھ ڈیٹھ نیٚبرٕ کنیٚ پڑاران؟ اتھ چھُ اٚندرٕ کنیٚ منافق ہُند سمتے اوت

اتہِ چھُ لُٹارِن لوٚہٕ صلاح ـ ـ ـ ـ ـ

گرٛشھ متہٕ گرٛشھ ژٕل۔ یارِ نتہٕ گل

شبن۔ کے تنکو چھِ ڈلس یاد کران تس آش دِوان زٕ اُسی رلو بیٖیہٕ تہٕ چھاوو نشاط

شالہ مار، چشمہ شاہی ہٕنٛدی نظارٕ بینٛہ۔

یوٚدوے ہینٛچ پکان گیہِ اُسی جُدا

پوٚز یقین اکھ چھُم دِلس اندر بہتھ

۴۔ چھلہٕ چھانگرِ لٔوگکھ تہٕ
پڑان ثراونس تہٕ گیٖیہ جابہِ سکامن
تہٕ امہِ چھوکہٕ رٔوزِہے نہٕ دوہ تلن ثرانٖھ
پٔژن دار اوٗسے دٔور پِہ دوور
(سائل)

ارجن دیو مجبور صاب چھُ سیٖمہِ آبہِ بٹن پیٚیٹھ ژٕ ستھ آمتس ثرلیس پیٚٹھ واویلا کران

وِجہِ وادن ژٕلہٕ وٕ ڈِ طوٗفانن ۔۔۔ گِرِٹ سمارٕ کِ مارہٕ کٕ ہتھ کیٚتہٕ
رنگہٕ رادن پادن نال دٔو ٹن ۔۔۔ دوہ دِچاوٕدِتھ گو غمخوار سہٹا
گُلہٕ تیٚہٕ ہرن اَدہٕ دَ نھوار کوٗرٕ نا ۔۔۔ دُتھی دُتھی کٕنہٕ تی آکا شلس کیٚتہِ

مجبور صابس چھےٚ پژھ زِ نارس بنہٕ گُلزار ۔۔۔ تہٕ کمہٕ ٹ کوٗش ژٕلہِ ؎
خابہٕ مُنزٕ دوہ ٹھ گٔڈِتھ سپنہٕ بیدار
یُنہٕ پرٕز نیتھ پادِ تھٕ
یُتھ زِنارس ہیوٗ لین گُل تہٕ گُلزار نٔوی
بوٗنہٕ شیٖہجار مُشکادِ کُلِ عالمس
پیارے ہتاش چھُ نالہٕ دِوان ؎

اسہِ بالو نیٖب نشانے روو ۔۔۔ کیٚتہٕ ژھارو ٹھوٗر ٹِھکانے روو
تھلہٕ تھلہِ یتھ اوسُس واَنہٕ دُچھنا ۔۔۔ سُہ آنگن کوچہِ مکانے روو

بجہ کینژھا کاشُر تونتہٕ یگاہ کیٚت
یاٚرنہٕ لگے رٕبشی ٹاٚرٕ مژر

وٚڈو نظمہِ اندر چھ بال کرشن سنیاٚسی خیالن ہنٛزِ وٚڈو مٕنٛز دِلن ہنٛد مِل تہٕ نفرت دوٗر کرنُک ییراد کران وٕنان۔

وسہٕ تہٕ رٕوٗد راٚتھ بہنہٕ
ژھیپہٕ گژھن تیٚونگل وٕلیٚونگل
بہٕ ویٚنگلہٕ شیٚن جو بہٕ بنہٕ
بہٕ کاسہٕ مل دِلن کوٚہن
تہٕ وسہٕ بہٕ یارٕ بل چھلن
بہٕ آیہٕ گرزٕ بہٕ ساز دزٕ
تہٕ گولہٕ بم کرکھ بہٕ سوٗرٕ
بہٕ سیٚپنہٕ دارٕ وُزملن
وٚڈو بہٕ کرٕ وُڈو بہٕ کرٕ

امہِ علاوٕ چھِ واریاہ شاعرِ حضراتن ہٕنٛد کلامہٕ کاشُر سماچارس، کھیر بھواٚنی ٹایمز بیتر رِسالن اندر ۱۹۹۰ پیٹھ ازتام چھپیومُت یُس سوٗرے ہیکو نہ یتھ مظمونس اندر ~~ییٚنتھ~~ بہٕ چھس تمن شاعرن مازرتھ منگان۔

کاشُرس سماچارس اندر دراو بوگام کوہٕنگام کِس شری پریم ناتھ کول (ارپن) مرحوم ہٕنٛد بھگوت گیتا ہٕکٕ کوٚرمت کاشُر منظوم ترجمہٕ سِلسلہٕ وار۔

بیٚیہٕ آلوٲسی سوٗنتہٕ واوٕ کٕ ٹوٗری زن
ڈٕل دٔنڈلو باغ ٲسیمچہٕ بوٗنہٕ نل
تمٕہ ڈٕل گواہ سوٗنہٕ لأنکھ گواہ
روٗہ پیہٕ لأنکھ گواہ ڈٔکٕسم گواہ
وٕہتھ گواہ ملپہ بالے گواہ
دٕرگٕہنک یارٕبل گواہ

یوٚد پٔژھ بہا نہٕ ژٕیے
ٲسی یٲسی بال کرٕژنا چھُے گواہ

ژٕلوکی ناتھ دٕرکنڈُٕنا چھُہ انسانہٕ سٕندِ ازکالُک ریٚپ یُس بٹس مُنتھِ آو بیٚیمہٕ آیہٕ پیش کران
شُرٲکہٕ ژُھلان تہٕ گولہٕ بران چھُے        مُربادی ہُنٕد بوٚڈ سامانا
لاران ژٕھاین مالان باین        زٕنتہٕ اژان چھُس پٕرکژ شیطانا
مُشتھ گرٕژھان چھُس پٕتے آگُر        مُشتھ گرٕژھان چھُس پہٕ تہٕ انسانا

ژٕرارکیس مُنٕدٕ رٕیشس (علمدارس) کُن فریاد کران چھُہ ارجن ناتھ بٹ مجروح زبانہِ
ژٕرار وٲتھ ماگرٕژھن اسہٕ برٲنتی چانہٕ آستانکی
ٲسی ما راوو واوٕلین شُر اسہٕ باراوِ پیٚچان پٕنٕنی
اسہٕ شُروٕ میرانٕج
پارٕ لگے اسہٕ ٹارُ مُژر ہلہٕ پارٕ لگے گُنڈی بر مُژر
پھٕہ گاشہٕ لبتھا رٕیش ٹارُ مُژر دلوٕ پوٗنٕدٕ رٕیش یم جٕنڈ پچھن

آیہٕ چھاپ سپدِتھ سماچارس اندر۔ رتن لال جوہرن ہُند "سونچہٕ مُراد" بیترٕ تہٕ چھہ تھدِ پایک افسانہٕ۔ پُشکر بھان ہُندی "خدمتھ گیہٕ عزتھ" تہٕ "یُیہے رٕود چھُم تُسی نش رچھتم خودالیہ" بیترٕ پیٚرِ لُکو تہٕ پیٚوکھ تھٕہند پیٚامہٕ سیریز ڈراما یاد پیم ریڈیو کشیرِ پیٹھٕ واریاہ کال برونٹھ نشر سپدی۔ پرتھوی ناتھ بٹ ہُند میون لوکچار، یادٕ پیشیر تہٕ ڈراو سلسلہ وار کاشرس سماچارس اندر۔

امہِ علاوٕ ڈراو مجبور ماہن سلسلہ وار مضمون کشیرِ پیٹھٕ ییتھ اندر تمو تم ساری عظیم فلسفی ادیب شاعر دعاگو ویژھناوی یِہند دیُت کاشُرن دِوَن ہس اندر کلہٕ تھود تلیتھ کیتھ کرناوان چھہ۔

نثرس اندر بیٚیہِ مثالہ دِنہٕ بتی لبہٕ یہٕ مضمون طول تہٕ بےغیرگی بہتر چھُ زِ پیٚرن وٲنٛدِ دِنا پانے تھٲنٛد۔ یہٕ کتھ چھہ بڈ حوصلہ افزا زِ ژٕوی نوی لکھاڑی چھہ اتھ وتہِ اندر شٲمل گژھتھ اتھ بجرٕ تہٕ سونٛدر بخشان۔ اَسہٕ پیٚزِ نہٕ کاشُر مُشراوُن بلکہِ اتھ دوہہ پتہٕ دوہہ لول بَرُن۔ اتھ لتھ وتُرن تہٕ بہٕ بہرِ دل عزپہر کرُن۔ ساٲنۍ نوِیہ گژھِ یہٕ کتھ یاد تھاوٕنۍ یوت تام تم کاشرس لٲرتھ وزناوُن، بولُن، پرُن تہٕ لیکھن تیٚلی روزِ کاشُر زبان کوشُر قوم تہٕ کاشُر ادب زِنٛدٕ۔

سۓ چھے پوٚز دوہ میدٕ زِ جلاوطن گژھن ییٚس اسہٕ نوٚو حوصلہ تہٕ ہیٚمتھ دِژ سہ کیہہ سون تہٕ ساٲنۍ شُرین ہُند مستقبل روشن سۓ قوم چھُ زِنٛدٕ روزان ییٚس پنٕنین کوٚٹھین پیٹھ کھڑا گژھنک شعور تہٕ ہیمتھ آسہِ۔ اسہِ تھوو کُہ نہٕ کیہنی تہٕ پیر۔ اَسہ وٲنکھ آکاشہ تہٕ زمینس پیٹھ کوڈُکھ ٹاس۔ مگر اسہِ سیلہو ویژھ پان۔ ماج کشیرِ نہٕ نژراوون تہٕ نہٕ مُشراوون۔ یوسہٕ چھے سون آگُر تہٕ مَنزِل، یہے چھے سون پوت کال تہٕ برونٹھ کال۔ ریشہ وارِ ہُندی ریشہ دِن ادٕ کیہ ریشہ تس سگ تمی لولہ تہٕ مایہِ تمی گرکہ ییٚمہٕ ہندہٕ شہر اَسہِ دِوان۔ کاشرس ادبس برو پنہٕ غونہٕ بتہ گوڈ تہٕ چھاتہٕ شہلاوون۔ اَسہِ کرو کُہ ییتہٕ ممتہٕ تاگار ژِنی، کلہن، کیسمندر، ابھنوگپت، للہ دید، نُنٛد ریوشن بیترِ ہوکہ مہان ادیب یاد یِتھ "سونا ماو" بخشہٕ ییٚتس کاشُر تہٕ زِنٛدٕ روزہٕ۔

امہِ علاوٕ آیہِ کینٛہہ شارٕ سۆمبرنہٕ تہٕ یِمن مَنٛز "پدٕ سیمکی" تہٕ "نیٖول" (مجبوٗر) نِیرِ نغمہ (ساقی نامہٕ) تہٕ "وجد" سرٕ فہرست اہم چھِ۔

نثرٕ نہٕ آو ۱۹۹۰ عیسوی پتہٕ واریاہ لیکھنہٕ یُس وقتہٕ وقتہٕ یِمن رسالن مَنٛز ڈراو۔ یِمن اندر تہٕ چھُ کٲشِر تراوُنُک، گرٕ نہٕ مأژ میراث راوُنُک دود اُجاگر آمُت کرنہٕ۔ یِمن مَنٛز موتی لال کیمو سُنٛد "نگر ودٕ داسی"، "ڈکھ بیٛبلہِ ژلُن" رادھے کرشن براروٗ سُنٛد "نٲلِش واٲر"۔ ڈراماہٕ حلیم مآہنی کٲشرِ سماچارکِ ایڈِٹوریل چھِ نثرٕ کِ نموٗنہٕ پیش کران یِمن ہُنٛز زبان، زبانِ ہُنٛز شدت تہٕ پوٗختگی تہٕ حالاتن ہُنٛد جایزٕ ژٕھراونس لایق چھُ۔ پروفیسر ہری کرشن کول سُنٛز کہانی تہٕ ڈرامہٕ مَنٛزٕ مَنٛزٕ کٲشرِس سماچارس اندر یِمَن اندر "ہال" بیٚتر مشہوٗر افسانہٕ چھُ۔ پشکر ناتھ دو سُنٛد "آسہٕ تھوٚپ" کُمہٕ وَنہٕ "دوللمکھو بِخوٗ"، "ژلہٕ ہاچانہٕ دادِ ژٕ ہیتھ سِتی" دِغأرٕ مظموٗن نہٕ آیہِ سماچارس اندر۔ ڈاکٹر چمن لال رینہ سُنٛد کٲشِر ہُنٛز شکھتی واد چھُ اکھ موٗلُل دستاویز یُس کٲشرِس سماچارس اندر قسط مَنٛز ڈراو۔ اتھ اندر چھِ پروفیسر مآہنی وادُک صحیح تہٕ سالم فلسفہٕ یا تصویر پیش کٔرِتھ اسہٕ امہٕ وادُک حیثیت ژٕنٛنس پود مٔت۔

ڈاکٹر روٗپ کرشن بھٹ سُنٛد "ہیتھ رازدانٔے" (اکھ سام) لسہ کولا بوزان چھکھ لنارو ٹھُن ہینٛدِس اپ، "اڈٕ ژٔٹی ارمان" افسانہٕ، ورِیشدر پٹواری سُنٛدی افسانہٕ "یوہے گوٗ سوہ دِکاک"، "کتہٕ مَنٛز کُنھ"، "بود نابود" بیٚتر تہٕ آیہِ بڑو نٕہ گُن۔ دِجے مام سُنٛدی افسانہٕ "بوٗلِ کٔرِد" ہُنٛد تہٕ ہینٛدِ سولا تہٕ پرٕ پرتا دالپو۔

اڈناد کرشن رازدان "ماجہِ ہُنٛز مُشکی"، موٗلن ذردت "پتھرن سگ" افسانہٕ تہٕ

پٔتمِس دٔہلِس دوران یُس کٲشِر زبٲنۍ منٛز سٕٹھاہ کینٛہہ تخلیق ۔ صاف چھُ ظٲہر
زِ یمن وُرہٕ یَن ہُنٛد ادب چھُ یمن سیٲسی تہٕ سمٲجی حالاتن ہِتۍ واٹھ نِھادان یِم اَندٕ پکھ
رونما یِپدٕ کرٕ۔ اتھ منٛز چھُ یمن حالاتن ہُنٛد گمبٕدیُس امہٕ کِس ہرازِس تہٕ اِظہارٕ ژرایہ منٛز تہٕ
کُن گژھان چھُ ـــــــــــــ

نٔستی سرکٲری سِلسِلہٕ چھاپُن چھُ "سمپرتی" ہُنٛد اکھ بوٚڈ مقصد یُتھ زبٲنۍ تہٕ اَدبٕچ یہٕ کل
سوٗرتہٕ پہٕ کیتھہٕ تہٕ سیٲسی دِکہٕ تگرتن۔ بییہٕ یِتہٕ زِ وادی منٛز لیکھنہٕ یِنہٕ وٲلِس اَدیبس پوٗرہ بر۔ تہٕ
سپدِ یُتھ تہٕ پگاہ کُنہٕ وِزِ کانٛہہ نقاد یِہِ وَنہٕ زِ ۱۹۹۰ء کِہو حالاتو پتہٕ رُوز کٲشرِس اَدبس اَندر
کھوٚیا ژھرِ پرُیس نم اَدیب پوٗرِتھ یہیکہٕ ہٕن یم نیہبرٲسی ـــــــــــ